## مصنف سندی تخلیقات

۱ جثہٕ۔ ۱۹۹۶ء
۲ ہیچھو کأشُر۔ ۲۰۰۰ء
۳ سرسید احمد خان۔ زندگی تہٕ کارنامہٕ ۲۰۰۲ء
۴ ہی تھر ۲۰۰۸ء
۵ جدید تاجیک تہٕ کأشر شأعری۔ تقابلی مطالعہٕ ۲۰۰۸ء
۶ GLOSSARY BOTANICA
۷ کأشرِ شأعری منز اِنسأنی اقدار ۲۰۱۲ء
۸ رمزٕ ہانکل۔ (شعری مجموعہ حیات عامر حسینی) مُرتب۔ ۲۰۱۶ء
۹ خدایَس حوالہٕ (ادبِ اطفال) ۲۰۱۷ء
۱۰ کشمیری زبان وثقافت: چند مطالعے ۲۰۱۷ء

### ینہٕ واجنہٕ کِتابہٕ

## کأشرِ لکہٕ ادبکۍ کینہہ انہار

## گلشن مجید فکر تہٕ فن

ISBN:978-93-86312-17-4



# خدایس حوالہٕ

ڈاکٹر مشتاق احمد زرگر مُنتظِرؔ

گِلڈ پبلشرز علی گڑھ

| | |
|---|---|
| کِتابِ ہُند ناو | خدائس حوالہٕ |
| مصنف | ڈاکٹر مشتاق احمد زرگر مُنتظِرؔ |
| تعداد | ۱۰۰۰ |
| سَنہٕ | ۲۰۱۷ء |
| کمپوزنگ | بشارت احمد۔ احسان الحق |
| اینمیشن | صارم ہاشمی۔ عارف منظور |
| سَر ورق | ڈاکٹر وسیم مشتاق وانی |
| پروف ریڈنگ | گلزار احمد ڈار۔ |
| قیمتھ | ۳۵۰/- روپیہٕ |
| پبلشَر | کِلڈ پبلشرز علی گڑھ |

Mob.No.9258842170

طابع: کتابیہ انٹرنیشنل پبلیشر اینڈ پرنٹر، علیگڑھ، موبائل:9690594666

www.kitabiyainternational.com

# اِنتساب

پَنٕنِس عزیز بابتھر
شجاعت صاٗبنٕ ناوِ

یَس خدایہٕ سندِس رحم وکرمس پیٹھ
ڈٔر پَوٚھ چھےٚ

# پیش لفظ

یہِ کتاب چھےٚ شُر بن ہِندِ خاطرٕ ترتیب دِنہٕ آمٕژ ۔ یمیُک بُنیاُدی مقصد چھُ تِمن ہِندِ خاطرٕ دِلچسپ مواد فراہم کرنہٕ علاوٕ تِہند بن معلوٗماتَن منٛز اِضافہٕ کرُن ۔ یتھ کتابہِ منٛز درٕج مضموٗن چھِ تِتھہٕ گٔن ترتیب دِنہٕ آمتۍ زِ یمَن منٛز چھُ کہانی ہُند عُنصر ووتلان ۔ ڈٔلیلن ہِندی عناصِر چھِ لُکہٕ ادب، اِنسأنی تجرُبو تہٕ مُشأہدو پیٹھہٕ تِہٕ نِنہٕ آمتۍ ۔ پٔرِن وول چھُ حظ تُلنہٕ علاوٕ کٔشیرِ ہنٛزِ تہذیبی زندگی ہِندی مختلف رنگ وُچھان ۔ سُہ چھُ ییٚتہٕ کس ثقافتس مُتلِق خاص کر بڑٕ بن دوہَن، رَسمن رِواجَن تہٕ کٔشیرِ ہنٛزٕن معروٗف تہٕ توٲریخی شخصیوٗن مُتلِق کم کاسہٕ وٲقفیت تہِ حأصِل کران ۔ یہِ کتاب کتھ حدَس تام ہیکہِ یہِ مقصد پوٗرٕ کٔرِتھ تہٕ میأنۍ یہِ حقیر کوٗشِش کأژاہ ٹارِ کھسہِ پٔرَن والین، تمیُک فأصلہٕ کرُن چھُ تِمن ہُند حق ۔

ڈاکٹر مشتاق احمد زرگر منتظر

اگست ۲۰۱۷ ء

علی گڑھ ۔ یو ۔ پی

# فہرست

# ۱

# ادبِ اطفال

ادبِ اطفال یا شُربن ہندِ خاطر ادب چھ کینژوا زبانی زبانی تہٕ کینہہ تحریری شکلہِ منز بروٚنہہ کُن یوان۔ یہِ چھ دوٚیہِ قسمک۔ اَکھ چھ شُربن ہندِ ذٕسی لکھنہٕ آمُت ادب تہٕ بیاکھ شُربن ہندِ خاطر لکھنہٕ آمُت ادب۔ دوٚنوٚنی صوٗرتن منز موٗجوٗد شُربن ہُند ادب چھ سبٹھاہ اہمیت تھاوان تہٕ اَتھ چھےٚ مقبولیت تہِ حاصل۔ یہے وجہ چھ زِ ریڈیو تہٕ ٹیلی ویژن چھِ شُربن ہندِ خاطر خصوصی پروگرام چلاوان تہٕ اخبار چھِ مخصوٗص کالم شائع کران۔ شُرِ تہِ چھِ یِم پروگرام پسند کران۔ کارٹون چنل چھےٚ اَکھ اہم مثال۔ اِتھے کُن چھِ ہیری پورٹر، مِکی موٗس تہٕ **comics** تہِ مقبول گوٚھان۔ شُربن ہندِ خاطر چھےٚ دلچسپ تہٕ رنگارنگ کتابہٕ چھاپ کرنہٕ یوان۔ حالانکہِ کتابہٕ پرنک رجحان چھُ وٕں ہنا کمے پیٚمُت۔ اَکھ جاے رٕٹ ٹی وی تہٕ ویڈیو پروگرامو تہٕ پرٕنکی نقصان تہِ چھِنہٕ پوشیدٕ۔ ادبِ اطفال خاطر چھِ مختلف اِدارٕ حوصلہٕ افزائی باپتھ ایوارڈ تہٕ انعامات تہِ دِوان روزان۔ یُس زبان، ادبِ اطفال

ستی مالامال آسہِ ،تَمہِ قوٗمکی شُری تہِ چھہِ ہُشیار، کارگُشاتہٕ Creative آسان۔ پَتھ کالہِ اوس کاشُر زبأنی منز لُکہٕ ادبے، ادبِ اطفالچ کأم تہٕ انجام دِوان۔ شُربن ہنزِ عُمرِ حسابہٕ ہیکو شُربن ہُند ادب دون حصن منز بأگرِتھ۔اَکھ دُہ ہر پیٹھہٕ نو وُہری شُربن باپتھ۔اِتھی شُری چھہِ مألِس ماجہِ یا نانہِ بُڈی ببس نِش ڈیٗلیہٕ، بأتھ، پزٕ بٕ تہٕ لطیفہٕ بوزان۔ یہِ چُھ زیادٕ تر لُکہٕ ادب تہٕ چھ زبأنی زبأنی برونہہ پکان۔ بیاکھ گروپ چُھ نو وُہری پیٹھہٕ شُراہ وُہری بچن پیٹھ مشتمل یم زن کتاب پٔرِتھ ہیکن۔

شُربن ہنزِ خأطرِ تحریر کرنہٕ یِنہٕ والِس ادبس چھےٚ کینہہ منفرد خصوٗصیژ۔ یہِ چُھ بالغ لکو ذریعہِ لیکھنہٕ یِوان۔ کُنہِ کُنہِ چھہِ شُری تہِ پَننہِ قلمہٕ لیکھان۔ شُربن ہنزِ دٔسی لیکھنہٕ آمُت ادب چُھ خالے نظرِ گوٚژھان۔ادبِ اطفال چُھ زیادٕ تر بزرگن ہنزِ ذریعہِ زبأنی بوزناونہٕ یِوان تہٕ شُری چھہِ یہِ مزٕ سان بوزان۔ پرَن والی شُری چھہِ پانہٕ تہِ پران۔ اَمیُک زبان چھےٚ سہل تہٕ عام فہم آسان۔ شُربن ہنزِ خأطر ادبچہِ کتابہٕ چھےٚ اکثر ماجہِ زیوِ منزٕ ے لیکھنہٕ یِوان۔ تِکیازِ شُری یُس دوہ دُش زبان بولان چھہِ، تتھ منز چُھنہٕ تِمَن اِفہام وتفہیمک مسلہِ پأدٕ گژھان۔ شُری چھہِ باقی نٔوٕ زبأنو مقابلہٕ ماجہِ زیوِ منز آسأنی سان سمجِتھ ہیکان۔ ڈیٗلیہِ ہُند عنصر موٗجوٗد آسنہٕ کِنی چھےٚ اَتھ منز دلچسپی قأیم

# ۱

# ادبِ اطفال

ادبِ اطفال یا شُربن ہندِ خاطر ادب چھ کینژا زبأنی زبأنی تہٕ کینہہ تحریری شکلہِ منز برونہہ کُن یِوان۔ یہٕ چھ دوٚیہ قسمُک۔ اَکھ چھ شُربن ہندِ ڈٕسی لکھنہٕ آمُت ادب تہٕ بیاکھ شُربن ہندِ خاطر لکھنہٕ آمُت ادب۔ دوٚنوٕنی صوٗرتن منز موٗجوٗد شُربن ہُند ادب چھ سبٹھاہ اہمیت تھاوان تہٕ اَتھ چھےٚ مقبولیت تہِ حاصل۔ یہَے وجہ چھ زِ ریڈیو تہٕ ٹیلی ویژن چھِ شُربن ہندِ خاطر خصوصی پروگرام چلاوان تہٕ اخبار چھِ مخصوٗص کالم شائع کران۔ شُرِ تہٕ چھِ یِم پروگرام پسند کران۔ کارٹون چنل چھےٚ اَمِچ اہم مثال۔ اِتھے کُن چھِ ہیری پوٹر، مِکی موٗس تہٕ comics تہِ مقبول گژھان۔ شُربن ہندِ خاطر چھےٚ دلچسپ تہٕ رنگارنگ کتابہٕ چھاپ کرنہٕ یِوان۔ حالانکہِ کتابہٕ پرنُک رجحان چھُ وٕں ہنا کمے پیٹھ۔ اَمِچ جاے رٕٹ ٹی وی تہٕ ویڈیو پروگرامو۔ تہٕ پرٕنکۍ نقصان تہٕ چھنہٕ پوشید۔ ادبِ اطفال خاطر چھِ مختلف اِدارٕ حوصلہٕ افزائی باپتھ ایوارڈ تہٕ انعامات تہِ دِوان روزان۔ یُس زبان، ادبِ اطفال

ستی مالا مال آسہِ ،تَمہِ قوٕمکی شُری تہٕ چھِ ہُشیار، کار گُشاتہٕ Creative آسان۔ پَتھ کالہِ اوس کاشُرِ زبأنی منز لُکہٕ ادب ، ادبِ اطفالُک کأم تہٕ انجام دِوان۔ شُر بن ہنزِ عُمرِ حسابہٕ ہسکو شُر بن ہُند ادب دوٕن حصن منز بأگرِتھ۔ اَکھ دُوٕہرِ پیٹھہٕ نو وُہرِ شُر بن باپتھ۔ اِتھی شُری چھِ مألِس ماجہِ یا نانہِ بُڈی ببس نِش ڈٕلیلہِ، بأتھ، پزٕہ تہٕ لطیفہٕ بوزان۔ یہِ چھُ زیادٕتر لُکہٕ ادب تہٕ چھُ زبأنی زبأنی برونہہ پکان۔ بیاکھ گروپ چھُ نو وُہری پیٹھہٕ شُراہ وُہری بچن پیٹھ مشتمل یمہ زن کتاب پٔرِتھ ہیکن۔

شُر بن ہندِ خأطرِ تحریر کرنہٕ یِنہٕ وألِس ادبس چھےٚ کینٛہہ منفرد خصوٗصیژ۔ یہِ چھُ بالغ لکو ذریعہِ لیکھنہٕ یِوان۔ کُنہٕ کُنہٕ چھِ شُری تہٕ پننہِ قلمہٕ لیکھان۔ شُر بن ہندِ دٕسی لیکھنہٕ آمُت ادب چھُ خالے نظرِ گژھان۔ادبِ اطفال چھُ زیادٕتر بزرگن ہندِ ذریعہِ زبأنی بوزناونہٕ یِوان تہٕ شُری چھِ یہِ مزٕ سان بوزان۔ پرَن وألی شُری چھِ پانہٕ تہٕ پران۔ اَیژ زبان چھےٚ سہل تہٕ عام فہم آسان۔ شُر بن ہندِ خأطر ادبچہ کتابہٕ چھےٚ اکثر ماجہِ زیوِ منزٕ ے لیکھنہٕ یِوان۔ تِکیازِ شُری یُس دوہ دُش زبان بولان چھِ، تتھ منز چھُنہٕ تِمَن اِفہام وتفہیمُک مسلہٕ پأدٕ گژھان۔ شُری چھِ باقی نوٚ بو زبانو مقابلہٕ ماجہِ زیوِ منز آسأنی سان سمجِتھ ہیکان۔ ڈٕلیلہِ ہُند عنصر موٗجوٗد آسنہٕ کِنی چھےٚ اَتھ منز دلچسپی قأیِم

روزان۔ یِم الفاظ تہٕ اصطلاح تہٕ شُربن فِکرِ تران چھِ، تِم چھِ بڑٕن پڑژھان۔ شُری چھِ پانہٕ وُنی تہٕ یِم ڈٲلِیہٕ بوزناوان۔ شُربن ہٕندِ خاطرٕ ادبُک موضوٗع ہیکہِ توٲریخی، تہذیبی، اساطیری، مذہبی، سائنسی، جغرافیٲئی، ماحولیٲتی، معلوماتی تہٕ مزاحیہ تہِ اُستھ۔ یہِ ہیکہِ نثرس منز تہِ اُستھ تہٕ شاعری منز تہِ۔ اُمکس نثرس منز چھےٚ دلیٖل اہم تہٕ شاعری منز چھِ لَے تہٕ آہنگ اہمیت تھاوان۔ انسانہٕ ہٕندِس فطرتس منز چھُ تجسُس تہٕ یہِ چھُ زانُن یژھان۔ اَوٕ کِنی چھُ یہِ شوقہٕ سان ڈٲلِیہٕ بوزان۔ ڈٲلِیہٕ بوزنن دِیُت ڈٲلِیہٕ تھرنس تہِ زاینُن تہٕ ڈٲلِیہٕ گُری تہِ داستان گو تہِ آے بروٚنہہ کُن۔ اَمہِ کِنی آو تخلیقی ادب تہِ بارس۔

لُکہٕ ادب اُسی تن یا تخلیقی ادب، اَتھ چھُ اِنسانی لاشعوٗرس، تہذیبس تہٕ توٲریخس سٟتی سوٚن واٹھ۔ زبان، تہذیب وتمدن تہٕ اقدار چھِ اَمیُک اہم حِصہٕ آسان۔ یِم لاشعوٗری تجربہٕ چھِ صدیین ہٕندی انسانی تجربہٕ یِم خوف، وحشت، غربت، گُنہہ، پرٕژھینہِ، محبت، نفرت، ملالہٕ تہٕ خوشی پٮ۪ٹھ محیط چھِ۔ ینگ چھُ ونان "سون پتھ کال چھُ ژمیامُت سانِس تحت الشعورس منز۔ یعنی سون اُزِیُک انسانی ذہن چھُ اَزکس مادی دُنیاہس منز پیش ینہٕ والین تجربن سٟتی تِمن توٲریخی تجربن تہِ بروٚنہہ کُن انان، یِمو مُنزی

انسانی شعور گزریامُت چُھ تہٕ اتھ منز چُھ پتھ کالُک عکس تہٕ ووتلان"۔

ڈلیلن منز مکالمتھ، کردار تہٕ گفتگو (ڈائیلاگ) چھِ اکھ ڈرامائی صورتِ حال پاَدٕ کران۔ اَتھ منز یہٕ کینژا تہٕ سپدان چُھ تہٕ سورُے چُھ خیالی تہٕ تصوراتی آسان تہٕ پرن وول چُھ اَتھ ستی آورنہٕ یِوان۔ مگر سوال چُھ پاَدٕ گوھان زِ اگر یہٕ سورُے خیالی آسان چُھ، تیلہِ کیاہ چھےٚ اَمِچ معنویت شُربن خاطر۔ گوڈنچ کتھ چھےٚ یہٕ زِ ادب چُھ اکھ آزاد، خودمختار تہٕ قائم بذات وجوٗد تھاوان۔ اَدِ کنی چھِ عملی تہٕ اصل زندگی ستی اَمِکی مشابتی پہلو تہٕ لیٚوی گوھان۔ دوئیم یہٕ زِ ادبس منز یوس زندگی ووتلان چھےٚ سو چھےٚ دوٚیو طریقو قارِیس متاثر کران۔ اکھ یہٕ زِ ادب چُھ تجسُس تہٕ تحیُر پاَدٕ کران۔ تِکیازِ یہٕ چُھ باطنی، اسراری تہٕ اِکتشافی آسان۔ یہٕ تجسُس تہٕ تحیُر چُھ جمالیاتی حظ تہٕ دِوان۔ دوئیم یہٕ زِ ادبس منز ووتلن والی تصوراتی کردار تہٕ واقعات تہٕ مخالِف حالاتو ستی ووتلن والی سٔنی ووٚگنی، چھِ زندگی ہنزِ اَصلیو ہنز آگہی پاَدٕ کران تہٕ کائنات یُس زن خاَرٕ شرُک رزم گاہ چُھ، پرکھاونک اکھ تناظر بدس انان۔ ادبس منز ووتلن والی کردار تہٕ واقعات چھِ اَندٕ یکی نیچرٕ کی تہٕ فطرٕتکی مظاہر تہٕ آثار سمجھنس منز اتھہٕ روٗٹ کران۔ مثلاً گُلی کُٹی، جانانور، پوش، ناگ، سَر، دریاو، تاپھ، شِہُل، شین، روٗد،

کوہ تہٕ بال چھِ شُری ہندِس ذہنس منز سٔنی مۆل دِتھ اَمی سُند شعوٗر تہٕ لاشعوٗر سگہٕ ناوِتھ اَمی ہندِس حِسیٲتی وجودَس متأثر کران۔

یِم سٲری واقعات چھِ شُری ہندِس فِکری ذہنس گوڈ بران تہٕ یِہ سورُے چھُ فطری اندازس منز رَسہٕ رَسہٕ شُری ہنزِ شخصیژ ہُند اَژھن حِصہٕ بنان۔ یِہ چھُ زندگی ہندی سٔنی وٕگنہٕ تہٕ ژۆک مُدُر وبتراونک ہُنر پأدِ کران۔

ادب چھُ غأرمحسوس طریقہٕ زبان سأزی تہٕ کران تہٕ زبان دأنی تہٕ۔ یِہ چھُ شُربن ہُند شعوٗر پوختہٕ کران۔ شُری چھِ رٕژر تہٕ بٔدی سمجھان تہٕ تِمکی اثرات قبول کران۔ ادب اطفال چھُ فرحت تہٕ دلچسپی علاوٕ تہذیبی اقدارن تہٕ گوڈ بران۔ یِہ چھُ شُربن منز احساسِ ذِمہٕ دأری وُرتش دِوان تہٕ تِمن منز Rational Approach پأدِ کران۔یِہ چھُ پتہٕ کالُک شعوٗر بخشان۔

دوٚیمِن قومن ہندی تجرُبہٕ پیش کرٕنی تہٕ چھِ ضروری۔مگر پنُن پتھ کال زانُن چھُ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ اہم۔ شُری چھِ کُنہٕ تہٕ قومُک مستقبل آسان۔ مستقبل چھُ پتھ کالس ہٕتی سٔنی مۆل دِتھ آسان۔ زِندٕ قوم چھِ پتھ کالکی تجرُبہٕ بروٚنہہ کُنہٕ تھأوِتھے یِنہٕ والہِ زمانٕچ پیش بندی کران۔

اَدبِ اطفال تخلیق کرن وول گژھہِ زیادٕ محتاط آسُن۔ادبِ اطفالس منز گژھن نہٕ زبان وبیانٕچہِ غلطی آسنہٕ۔ ادیب گژھہِ پننہٕ نظرِ وُچھنہٕ بجایہٕ شُری

ہنز نظرِ وُچھنچ کوشش کرُن۔ شُر بن ہندِ ذخیرٕ ے الفاظٕچ سطح گژھ زیرِ نظر روزٕنی۔ عبارت گژھ سلیس تہٕ غاٗر مبہم آسنۍ۔ ادبِ اطفال گژھنہٕ توہم پرستی، بداَخلاقی، بُز دِلی تہٕ خوفس فروغ دِیُن۔ تِیُتھ مواد گژھنہٕ پیش کرنہٕ یُن، ییس شرارت، اَپُز، جذباُ تِیُتھ، حسد، اِنتقام تہٕ جموٗد ہوبن منفی جذباتن وُتِش دِیہ۔ نہٕ گژھن پزٕر تہٕ آ فاُقی اصوٗل ژٹہٕ واٹھ گرِتھ پیش کرٕنی۔ نتہٕ چھِ اَمہٕ ستی بچن منز غلط تصورات موٗل دِوان تہٕ تم چھِ وَتہٕ ڈلان۔ ادب گژھ شُر بن منز جذباُتی استحکام، متحرک زندگی، مثبت سوچ، بلند حوصلہٕ، خدمتِ خلق، احترام تہٕ قربانی ہُند جذبہٕ پاُدٕ کرُن۔ یہٕ گژھ ذہن ساُزی تہٕ کردار ساُزی کرُن۔ اَمیک مواد گژھ پزٕرس نکھہٕ، موثر تہٕ کارگر آسُن۔ یہٕ گژھ شُری ہندِس دِلس ستُن، تَس منز دلچسپی بڑاوُن تہٕ مطالعُک ذوق و شوق پاُدٕ کرُن۔ یہٕ ادب گژھ تِمن منز تخیُل، تجُرٕ تہٕ تجسُس ووتلاوُن۔ اَتھ منز گژھ لفظن ہُند اختصار، شُد تہٕ صاف طرزِ بیان تہٕ چُست زبان آسنۍ۔ اَمچن ڈلیلن تہٕ نظمن گژھ ساُنس توٗاُرِیخس، تہذیبس، تہذیبی وراثتس، رٕژن قدرن تہٕ رِوایتن ستۍ سوٗن واٹھ آسُن۔ یم گژھن پرن والین ہندِس تخیلس وُتِش دِنۍ تہٕ نوبن دُناہن ہُند ساُر کرنک ذوق پاُدٕ کرٕنی۔ شُری ادب گژھ مُہم جوٗیی تہٕ نوبن دریافتن ہُند جذبہٕ بیدار کرُن۔

ٹیلی ویژن تہٕ فلم اِنڈسٹری تہِ چھِ شُربن ہِندِ باپتھ دستاویزی تہٕ فیچر فِلمہٕ تیار کران۔ ٹیلی ویژن سیریل 'شکتی مان' چلیاو ؤری وادن تہٕ گوو شُربن منز سبٹھا مقبول۔ مثبت پہلوٗ آسنس ستی ترٲوِ اَمہِ بچن ہِندِس نفسیاتس پیٹھ منفی اثرات تہِ۔ خام ذہن آسنہٕ کِنی گٔے واریاہ شُری غلط فہمی ہِندی شکار۔ تم ہکی نہٕ افسانوی واقعاتن تہٕ عملی دُنیاہس درمیان عقلی بُنیادٕ پیٹھ فرق کٔرِتھ۔ اَوِ کِنی پیو واریاہن بدقسمت شُربن زُوِ نشہِ تہٕ اَتھہٕ چھلُن۔ امکین افسانوی واقعاتن منز پرٛتھ مسلک بالافطری حل پیش کرُن اوٗس اَمِچ خٲمی تہٕ اَتھ منز روٗد نہٕ توازُن۔ ڈورے مان کارٹون فلم چھےٚ شُربن سائنسی تہٕ الیکٹرانِک آلات ورتاونس کُن راغب کران۔ تہٕ گوو رُت۔ مگر اَمہٕ ستی چھُ بچن منز آلاتن پیٹھ انحصاری ہُند رُجحان بڑان تہٕ جستجو، تخلیق تہٕ خود انحصاری ہُند جذبہٕ چھُ کمزور گوٚھان۔ جاپانی کارٹون ڈراما "کریون شِن چان" روٗد واریاہس کالس ہندوستانس منز ٹیلی کاسٹ سپدان۔ مگر شُربن پیٹھ پینہٕ والی اَمکی مضر اثرات نظرِ تل تھٲوِتھ چھُ بھارتک مرکزی وزارتِ اطلاعات ونشریات اتھ پیٹھ پابندی عائد کران۔

بالی ووڈن تہِ بناوِ شُربن ہِندِ باپتھ واریاہ رِژ فلمہٕ۔ تمن منز چھےٚ قومی سطحس پیٹھ ایوارڈ حاصل کرن واجنہٕ کینہہ فلمہٕ، ہم پنچھی ایک ڈھال کے

۱۹۵۷ء 'پھول اور کلیاں' ۱۹۶۰ء 'عید مبارک' ۱۹۶۰ء 'دہلی کی کہانی' ۱۹۶۰ء 'ننھے مُنے ستارے' ۱۹۶۱ء 'سفید ہاتھی' ۱۹۷۷ء 'انکر، مینا اور کبوتر' ۱۹۸۹ء 'مجھ سے دوستی کروگے' ۱۹۹۲ء 'کبھی پاس کبھی فیل' ۱۹۹۸ء 'چلر پارٹی' ۲۰۱۱ء تہٕ 'دیکھ انڈین سرکس' ۲۰۱۲ء شامل۔ کٹی پتنگ تہٕ بوٹ پالش تہِ گییہِ مشہور۔

عالمی شہرت یافتہٕ فلم ہدایتکار ایرانک ماجد ماجدی چھُ بچن ہنزِ دلچسپی تہٕ تمن درپیش مسلن پیٹھ واریاہ فِلمہٕ بناوان۔ اَمی سنز فلم 'بچہ ہائے آسمان' چھےٚ علی تہٕ زہرا دون بێنہ بارٕنین ہنز کہانی، یِمن غربتہٕ کِنز صرف اکھا اکھ کھور بانہٕ مَیسر چھُ۔ علی چھُ بێنہ ہُند کھور بانہٕ موٗچس نِش شیرنہٕ خاطر نِوان۔ واپسی پیٹھ ٹُھہریاو یہِ سبزی دُکانس نِش تہٕ رٕٹہن سبزی۔ نیرن وِزِ گوس یہِ کھور بانہٕ ٹھیلہٕ تلٕکن مُشتھ۔ ڈُون والی نیوٗ یہِ ٹھیلہٕ ژھوٗٹس ستی وٗٹھ۔ علی ووت گرٕ تہٕ چھُ پننہِ بێنہِ زہراہس اَمیک ونان۔ یِم چھنہٕ مائلس ماجہِ اَمہٕ نقصانک ونان۔ تکیازِ آمدنی کم آسنہٕ کِنز ہیکہٕ ہان نہٕ تِم بیاکھ کھور بانہٕ (بوٗٹھ) اَنتھ۔ یِمن بێنہ بارٕنین نِش رؤد وِں صرف اکھ کھور بانہٕ۔ یِم اُسی وِں بارِ بارِ کھور بانہ لاگان تہٕ سکول گوٚہان۔ سُلہِ اُس بێنہِ کھور بانہٕ لاگتھ سکول گوٚہان تہٕ ژیری اوس بوے سکول واتان۔ اکہِ دوہ چھُ پرنسپل علی لیس سکولہِ منز کڑان۔ اَتھ فِلمہِ منز چھِ اکہِ غریب گرٕکین شُربن ہندی چھور چھورٕ تہٕ

درپیش حالاتن ستی تمن ہُند جنگن فِلماونہٕ آمُت۔

نابینا لڑکہٕ محمد چھُ ماجد ماجدی سنز 'رنگِ خدا' فِلمہِ ہُند مرکزی کردار۔ یہٕ چھُ نابینا سکولس منز پران۔ گرمی ہنز چھُٹی کنی چھ سکول بند کرنہٕ یوان۔ محمد سندِس مائلس اُس نابینا نیچو گرٲنس منز مندٕ چھ محسوٗس گوٚھان۔ اَوٕ کنی چھُ یہٕ شام وقتہٕ ژھایہِ ژھایہِ سکول واتان تہٕ پرنسپل صأبس محمد سکولس منزے تھاوُنچ گزارِش کران۔ پرنسپل سندِ انکار کرنہٕ پتہٕ آو محمد گرٲ ننہٕ۔ محمدٕ نی مأج اُس موٚمٕژ تہٕ تسُند مول اوس نوٚو خاندر کرُن یژھان۔ اَوٕ موٗجوٗب چھُنہٕ سہٕ کورِ مائلس ونان زِ تس چھُ اکھ نابینا نیچو تہٕ۔ محمد چھُ بیٚنٛمن ستی کوہن تہٕ بالن کھٕسِتھ قُدرتُک رنگ محسوٗس کران۔ مول چھُ اُمس چھانہٕ کامہِ تژاوان۔ مگر ییلہِ دوٕر مأج اُمس نابینا نیچوٚس وچھان چھےٚ سو چھےٚ تس نالہٕ متہٕ رٹان۔ اکہِ طرفہٕ چھےٚ نیچوی سنز وجوٗدی کمزوٗری یا معذوری تہٕ بیکہِ طرفہٕ مائلی سنز سمأجی مجبوٗری یہٕ تہٕ نفس، یم تمس پنُنہِ پدرانہٕ شفقت نِشہِ پتھ رٕٹتھ سمجھوتہٕ کرنس پیٹھ مجبوٗر کران چھےٚ۔ یِمے وجوٗدی کمزوٗری، خواہشاتِ نفس تہٕ سمأجی دباو چھِ کأنٛتُک رنگ بروٗنہہ کُن انان۔ ماجد ماجدی سنزن فلمن ہنز خوٗبی چھےٚ یہٕ زِ یمن منز چھِ شُربن درپیش جذبأتی، نفسیأتی تہٕ سمأجی مسلہٕ بروٗنہہ کُن اُنتھ تہٕ شُری سنزے نظرِ وُچھتھ تم ڈیل کرنہٕ آمتی۔ یِہے چھُ یمن

فِلمن ہُند حُسن۔ یمن ہنٛز کہانی چھےٚ بالافطری رٗوِ یو بجایہِ فطری اصولن پیٹھ برونہہ پکان۔

فارسی شاعر شیخ سعدی سنٛز کتابہٕ گُلستان تہٕ بوستان چھےٚ ادبِ اطفالچہِ اہم مثالہٕ پیش کران۔ اُردوس منز چھِ ادبِ اطفال لِکھن والین منز اقبال، حالی، ڈپٹی نظیر احمد، محمد حسین آزاد، ڈاکٹر ذاکر حسین، اسمٰعیل میرٹھی، مائل خیر آبادی، تلوک چند محروم، کرشن چندر، مرزا ادیب، شفیع الدین نیّر، کوثر چاند پوری، ظفر پیامی، سراج انور، محشر بدایونی تہٕ شان الحق حقی شامل۔ محشر بدایونی چھ ۱۹۶۱ء منز شُربن ہندِ باپتھ اُردو شعری مجموعہ ''بین باجے'' چھاپ کران۔ یم نظمہٕ گییہِ سیٹھا مقبول۔ یمن منز چھُ شاعرانہٕ میچھر تہٕ روانی۔ ۱۹۶۲ء منز چھُ اَمی سُند ''شاعر نامہ'' برونہہ کُن یِوان۔ اتھ منز چھِ امیر خسروس پیٹھہٕ مجازس تام سارنےٚ شاعرن ہُند تعارف کرنہٕ آمُت۔ ۱۹۶۵ء منز چھُ اَمی سُند ''سائنس نامہ'' شعری مجموعہ شایع سپدان، یتھ منز جابر بنِ حیانس پیٹھہٕ ابونصر فارابیس تام مسلم سائنسدانن ہُند تعارف کرنہٕ آمُت۔ اَمِہ پتہٕ اوٚنُن ''جگ مگ تارے'' مجموعہ برونہہ کُن۔ امیک سلیس بیان اوس شُربن ہندِس نفسیاتس نکھہٕ۔

کاشرِس ادبس متعلق چھُ اکھ عمومی تاثر یہ زِ اتھ منز چھنہٕ زیادٕ شُری ادب لِکھنہٕ آمُت۔ مگر پزر چھُ یہِ زِ یتھ کالہٕ پیٹھےٚ چھےٚ کشیرِ منز ڈٲلیہٕ، داستان

تہٕ مثنوی یِہ بوزناوِنۍ دٔر رِوایتھ روٗزِمٕژ۔ کأشرِ شأعری تہٕ نثرس دۄنۍ
صنفن منز چھُ شُرۍ ادب تخلیق کرنہٕ آمُت۔ گوڈٕ چھِہ آزاد تہٕ مہجور شُربن ہِندِ
خأطرٕ نظمہٕ تہٕ دُعا لیکھان۔ اصل چھُ ۱۹۴۷ءپتہٕ کأشرِس منز شُربن ہِندِ خأطرٕ
ادب لیکھنس باقاعدٕ دٔس ودٕتھان۔ ۱۹۴۹ء منز آو پریمری سطحس پیٹھ کأشر زبان
پرناونک تہٕ ذریعے تعلیم بناونک ابتدا کرنہٕ۔ مرزا غلام حسن بیگ عارف،
نندلال انباردار، فاضل کشمیری، پروفیسر محی الدین حاجنی، سید اکبر ہاشمی،
امین کامل، تنہا انصاری، پروفیسر رحمان راہی تہٕ غلام نبی فراق چھِہ امیک
درسی نصاب ترتیب دِوان۔ مگر یِہ سلسلہٕ روٗدنہٕ زیادٕ کالس جأری۔ ۱۹۵۳ء
منز چھُ غأر جمہوری سیأسی تبدیلی ستۍ سأنس تعلیمی نظامس تہٕ دٕرارٕ واتان۔
کأشر زبان آیہٕ سکولو منزٕ کڈنہٕ۔ چھاپ کرنہٕ آمژٕ نصأبی کأشرِ کتابہٕ دۄدریہٕ
گُدامن منزٕ رٕے۔ غلام محمد صادق صأبنِس دورِ حکومتس منز آو سوشل ایجوکیشن
محکمہٕ قأیم کرنہٕ۔ یِہ ادارٕ تہٕ گوٚو اَمِکس سربراہ سنزٕ بدنیتی ہُند شکار۔ ۲۰۱۱ء
منز آو علی گڑھ مسلم یونیورسٹی منز پوسٹ گریجویٹ سطحس پیٹھ کأشر زبان و
ادب پرناونک تجویز پیش کرنہٕ۔ مگر ڈاکٹر اومکارناتھ کول صأب چھُ پننہٕ
دأنِستہٕ مداخلتہٕ ستۍ اتھ کوٗششِ پھیش انان۔ یِمو حرکو ستۍ ووت نہٕ
صرف کأشرِ زبأنۍ نقصان بلکہٕ ووت شُربن ہِندِ خأطرٕ لیکھنس تہٕ زکھ۔ مگر تہٕ

گرِتھ تہٕ رۄدٕکۍ کأشری ادیب شُربن ہِندِ خاطرٕ شاعری کیو نثر لیکھان۔ وِن گوو شاعری رۄز زیادٕے پہن غالب۔

۱۹۸۰ء منز آو کشمیر یونیورسٹی منز پوسٹ گریجویٹ سطحس پیٹھ کأشرٕ زبان پرناونک اہتمام کرنہٕ۔ ۲۰۰۰ء منز آو ریاستی سرکارکہِ طرفہٕ سکولن منز کأشرٕ زبان اکہِ مضمونکہِ حیثیتہٕ پرناونک اعلان کرنہٕ۔ أمہِ ستی گیہٕ کأشرٕ لیکھُن پرن والین ہنز اکھ جماتھ تیار۔ یمن اقدامن ہُند پیو کأشرِ زبانۍ تہٕ ادبس پیٹھ مثبت اثر تہٕ أمہِ ستی میوٗل کأشرس منز شُری ادبس تہٕ مزید ووتھہٕ واشر۔ وِنکین چھِ مرکزی تہٕ ریاستی سرکارکی ادبی تہٕ ثقافتی ادارٕ شُربن ہِندِ باپتھ ادب تخلیق کرنٕچ حوصلہٕ افزأیی کران۔ یمن منز چھِ کلچرل اکادمی جموں وکشمیر، سینٹرل انسٹیچوٹ آف انڈین لینگویجز میسور، نیشنل بک ٹرسٹ آف انڈیا، راجیو گاندھی فاونڈیشن، مرکزی وزارتِ ثقافت تہٕ ساہتیہ اکادمی نئی دہلی شأمِل۔ یِم ادارٕ چھِ مُنزی مُنزی سیمنار، سمپوزیم، ورکشاپ، مُشأعرٕ تہٕ افسانچہٕ محفلہٕ منعقد کران۔ اَمہِ علاوٕ چھِ کتابہٕ تہٕ چھاپ کران۔ ریاستی کلچرل اکادمی ہِندِ اہتمامہٕ آیہٕ تژ واہن سومبرنن منز منزٕلی بأتھ، شُری بأتھ، ہکچہِ بأتھ، گِندٕ باشہٕ، پرٛیٖژ، ڈٔلیلہٕ، ہتہٕ بُدی منظوم محاورٕ تہٕ ڈٔپتی جمع گرِتھ شائع کرنہٕ۔ ۱۹۵۵ء منز چھےٚ لالہ رُخ پبلی کیشن سری نگرٕ کہِ اہتمامہٕ نور محمد روشن سنز ترتیب دِژمژ لکہٕ ڈٔلیلن ہنز

سومبرن ''پوشہِ تھر'' شایع کرنہٕ یوان۔ کلچرل اکادمی چھےٚ کاشُر بن لکہٕ ڈٕلیلن ہنز سَتھ سومبرنہٕ چھاپ کران۔ پروفیسر محی الدین حاجنی چھ الف لٲل ڈٕلیلہِ ہنزن واریاہن دلچسپ لنجن ہُند کاشُر ترجمہٕ شایع کران۔ حاجنی صابٕنی ترتیب دِژمژ ''کشکول'' کتابہِ ہُند مواد تہِ چھ شُربن وَیہٕ وُن۔

یِمو تخلیق کارو ادبِ اطفال کِس میٲدانس منز قلم تُل تہِ پننہٕ ادبی تخلیقہٕ پیش کرِ، تِمن منز چھِ مہجوؔر، فاضلؔ کاشمیری، مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ، پرتھوی ناتھ سائل، ناجی منور، مرغوب بانہالی، امین کامل، غلام نبی ناظرؔ، اوتار کشن رہبر، خضر مغربی، ظریف احمد ظریف، سید رسول پونپر، نشاط انصاری، مظفر حسین دلبر، ابس راضی، غلام نبی آتش، رشید کانسپوری، قمر حمید اللہ، روحی جان، مشعل سلطانپوری، پشکر بھان، فیاض تلگامی، رنجور تلگامی، شہزادہ رفیق، فدا راجوری، پیارے ہتاش، رفیق راز، منشور بانہالی، عزیز حاجنی، عبدالخالق شمس، خورشید قریشی، نسیم شفائی، رویندر روی، شہناز رشید، سمسار چند کول، سرور ہاشمی، بشیر چراغ، شفقت الطاف، نعیم کشمیری، حمید سراج تہِ ڈاکٹر مشتاق احمد منتظِر قابلِ ذِکر۔

مہجور چھ شُربن ہندِ خاطرٕ باتھ لیکھان یم سبٹھا مقبوٗل گے۔

صاحبو ستھ چھم میے چانی، وَتھ میے اصلِچ ہاوتم

## کوٗت کالاہ روٗزِ بےزان، زاٗنِ ہُند مس چاوتم

بُلبُل ونان چھُ پوشن گُلشن وطن چھُ سونُے
سونُے وطن چھُ گُلشن گُلشن وطن چھُ سونُے

عبدالاحد آزادؔ، نندلال انارؔدارؔ، عبدالجبار سائرؔ تہٕ غلام رسول مشتاقؔ تہٕ چھِ شُربن ہندِ خاطرٕ رٕژٕ نظمہٕ لیکھان۔ ۱۹۵۴ء منز چھُ دینا ناتھ ناٗدِمؔ شُربن ہندِ خاطرٕ اوپیرا ''نیکی تہٕ بدی'' لیکھان۔ ۱۹۵۹ء منز چھُ محکمہ تعلیم شُربن ہندِ خاطرٕ لیکھنہٕ یِنہٕ وٲجنین کتابن پیٹھ پرٕتھ ؤری یہٕ اِنعام دِنک فٲصلہٕ کران۔ یہِ اوس ادبِ اطفال خاطرٕ فعالِ نیک۔ ناجی منور تہٕ اوتار کرشن رہبر چھِ ''موختہٕ لر'' ناوٕچ کتاب چھاپ کران۔ یہِ اُس ژکہِ اکھ افسانہٕ سومبرٕن۔ أمِچ چھپاےٚ تہِ اُس خراب۔

ناجی منور چھُ ۱۹۶۱ء منز شُربن ہندِ خاطرٕ بیاکھ کتاب لیکھان۔ یہِ اُس باتہٕ کتاب تہٕ اتھ منز آسہٕ ترٕ وواہ نظمہٕ، یِم سبٕھاہ سہل تہٕ دلچسپ آسہٕ۔ یہِ رٕوٗد واریاہس کالس شُربن رٕکھ نظمہٕ لیکھان۔ یہِ چھُ ۱۹۷۲ء منز ''شُربن ہندی باتھ'' چھاپ کران۔ ۱۹۷۴ء منز چھُ ''شُربن ہندی باتھ'' دوٚیِم حصہٕ برونہہ کُن أنان۔ أمہِ علاوٕ چھِ یِم ''باتہٕ کتھہٕ'' لیکھان۔ یِم باتہٕ کتھہٕ چھےٚ

Aesop's Fables پیٹھٕ رٕنہٕ آمٕژ۔ یِم چھِ مدرٕ تہٕ مزٕدار بأتھ لکھان۔ یِمَن ہِنز زبان چھےٚ لوٚتوٗے، سہل تہٕ سادٕ۔ یِم چھِ علامہ اقبالٕ سنٛدِ ڈٕسی شُربن ہِندِ خأطرٕ لکھنہٕ آمٕژن نظمن ہُند کأشُر منظوم ترجمہٕ تہِ پیش کران۔

فأضل کاشمیری تہِ چھ شُربن ہِندِ خأطر ''شمعِ وطن'' ناوِچ کتاب لکھان۔ یہِ اُس بأتہٕ کتاب تہٕ أچھ چھپٕے تہِ اُس زبر۔ یِم چھِ شُربن ہِندِ خأطر جان نظمہٕ لکھان، یِم سبٹھاہ مقبوٗل گیہ۔

بٕہ چاٗنس کاٗنٲتس، دپان چھس سیر کرٕہا
کتابِ زندگی ہُند سبق بیواہ یہٕ پرٕہا

موتی لال ساقیؔ، غلام نبی ناظرؔ، شام لال پردیسیؔ، سوم ناتھ سادھو، غلام نبی آتشؔ تہٕ نشاط انصأری چھِ شُربن ہِندِ خأطر لکہٕ بأتھ جمع کران۔ ایس۔ راضیؔ چھ ۱۹۹۱ء منز بأتہٕ کتاب ''ہم رنگ'' لکھان۔ اَمِہ پتہٕ چھےٚ ۱۹۹۳ء منز اُمی سنز بیاکھ کتاب ''بُلبُل'' چھاپ سپدان۔ فیاض تِلہ گاٗمی سنز کتاب ''گاشہِ تارُکھ'' تہٕ نشاط انصأری سنز کتاب ''اوکُس بوکُس'' تہِ چھےٚ نظمن پیٹھے مشتمل۔ غلام نبی آتش تہٕ سلطان محمد سلطان سنز مشترکہٕ کتاب ''کینہٕ ھا مینہٕ ھا'' تہِ آیہ برونہہ کُن۔ اُمِچہ نظمہ آسہٕ رٕژٕ، خاص کر 'برأری توبہٕ' نظم چھےٚ اثر انگیز۔ ''ژٕ کینہٕ وا مینہٕ وا'' کتابہِ خأطر آو آتش صاٗبس ساہتیہ اکادمی ہِندِ طرفہٕ

۲۰۱۱ء ہک بال پُرسکار انعام دِنہٕ۔ نیشنل بک ٹرسٹ آف انڈیاہن کُر ۲۰۱۳ء منز اَمی سنز کتابہٕ 'گاشُن چھٹہِ پوپُرُ' تہٕ ۲۰۱۴ء 'ہُمی جانُن خواب' کتاب چھاپ۔ محمد ایوب صابرن لیچھہِ زٕ کتابہٕ ''تارکھنٕب'' تہٕ ''شُرِل''۔ اَمی سنز نظم 'کوٕکر' چھےٚ سیٹھاہ دِلچسپ۔ یمن ہنز بیاکھ کتاب اُس ''گلالن شادمانی''۔

اَتھ پیٹھ چھ اَمِس ساہتیہ اکادمی ہندِ طرفہٕ بال پُرسکار ۲۰۱۲ء اعزاز دِنہٕ یوان۔ رشید کانسپوری سنز ''گُل تہٕ بُلبُل'' کتابِ آو ساہتیہ اکادمی ہندِ طرفہٕ بال پُرسکار ۲۰۱۳ء اعزاز دِنہٕ۔ مُنزِ مُنزِ رٕودی بیہ تہٕ کینٛہہ ادیب شُربن ہندِ باپتھ ڈٲلیلہٕ تہٕ نظمہٕ لیکھان۔ پُشکر بھان چھ ڈٲلیلن نظمہٕ منز گنگراوان تہٕ یم گیہِ سیٹھاہ مشہوٗر۔ یہِ اوس ریڈیو پیٹھہٕ پانہٕ یم نظمہٕ گیوان مثلاً ہاپت وول، کاوٕ کاکھ، پٔنزِ وول بیترِ۔ حامد سراج سُند ناولبٹ ''ہارِ جنگ'' چھ ۲۰۱۴ء ہک بال پرسکار حاصل کران۔ ۲۰۱۳ء منز چھےٚ نعیم کشمیری سنز کتاب ''گلو کتھا بٕزِ زِ'' (افسانہٕ) برونہہ کُن یوان۔ اتھ چھ ۲۰۱۵ء ہک بال پرسکار دِنہٕ یوان۔ ۲۰۱۶ء ہک بال پرسکار ایوارڈ چھ روحی جان نہٕ ''شُری باشا'' کتابِ دِنہٕ یوان۔ اِتھے کن چھ شوکت انصاری سنزِ کتابِ ''جگر کھونٹ'' (شاعری) ۲۰۱۷ء ہک بال پرسکار ایوارڈ عطا کرنہٕ یوان۔

شمبھوناتھ بٹ حلیم سنز کتاب اُس ''بالہٕ یار'' تہٕ اَتھ منز آسہٕ شےٚ

ڈلیلہٕ۔ اَتھ منز چھِ تصویرِ تہٕ دِنہٕ آمٕتۍ۔ یہِ سپز ۱۹۶۰ء منز شائع تہٕ اَتھ آو مرکزی وزارتِ تعلیم کہِ طرفہٕ ایوارڈ تہٕ دِنہٕ۔ حلیم صابن کوٗر مارتنڈاو پادیاے سنزٕن ترٛبن ہندی کہاٮ۪ن جلکاری، شنکراچاریہ تہٕ گوداوری ہُند ترجمہٕ۔ اِتھے کن چھُ شنکرناتھ کول تہٕ پننہٕ زٕ کتابہٕ ''مرژِ پیپٕنۍ'' تہٕ ''سونہٕ سُند ٹھوٗل'' چھاپ کران۔ یم تہٕ آسہٕ رٕنگین شکلہِ دار۔ شام لال سادھو چھ بیربل، ڈان، کویسٹ، وُڑِ پٕزنگ تہٕ ویتھہِ ہندی ملر کتابہٕ شائع کران۔ بیربل، وُڑِپٕزنگ تہٕ ویتھہِ ہندی ملر کتابن باپتھ آو اُمِس مرکزی وزارتِ تعلیم کہِ طرفہٕ ایوارڈ دِنہٕ۔ ''ویتھہِ ہندی ملر'' کتاب آیہِ ۱۹۶۸ء منز چھاپ کرنہٕ تہٕ یہِ آیہِ سٮ۪ٹھا پسند کرنہٕ۔ اَتھ منز چھُ عام لُکہٕ لہجہٕ ورتاونہٕ آمُت۔ اَتھ منز چھِ شُربن ہنزِ دلچسپی خاطر کلہن سنزِ راج ترنگنی پٮ۪ٹھہٕ ۱۹ دیومالائی واقعات فنکارانہٕ چابکدستی سان پھِرنہٕ آمٕتۍ۔ اَمہِ علاوچھِ تاریخِ حسن کتابہِ منز درج ترٛے ڈلیلہٕ تہٕ ہِنہٕ آمٕژ۔ بیاکھ ادیب بنسی نِردوش چھُ ''قومُک شاعر'' ناوٕچ اکھ کتاب لکھان تہٕ یہِ اُس ٹیگور سنزِ زندگی متعلق۔ اصل اُس یہِ انگریزی پٮ۪ٹھہٕ ترجمہٕ کرنہٕ آمٕژ۔ وٕنۍ گوو یہِ اُسنہٕ شُربن ہندِ معیارٕچ کتاب۔

۱۹۶۶ء منز چھِ مصطفیٰ احسن رضوی سنز اُردو کتاب ''ایجادوں کی کہانی'' ہُند کاشُر ترجمہٕ ''مولٕلی تجربہٕ'' ناوٕ چھاپ سپدان۔ ترجمہٕ کار اوس خواجہ غلام محمد

وانی۔ ۱۹۷۱ ء منز چھ سمسار چند کول ''سمسار کین عجائباتن ہنز کتاب'' شائع کران۔ ۱۹۷۶ ء منز چھ دارالاشاعت ترقی ماسکو، رؤسی ناول نگار میکسم گورکی سنز اکہِ کہانی ہُند کاشُر ترجمہٕ ''ژرِ بچہٕ'' شائع کران۔ امیک ترجمہٕ کار اوس پی۔ اے۔ شاہ۔ ۱۹۷۷ ء منز چھ سید رسول پونپر انگریزی پیٹھہٕ ترجمہٕ کرِتھ پنچ تنتر اکین تقریباً ڈوڈ ہتھ لوکچن ڈیلین ہُند کاشُر ترجمہٕ کران۔ اَتھ مسودَس تھوو اَمی ناو ''راش کتھن ہُند''۔ کلچرل آرگنائزیشنگ نُمایندٕ ہفتہٕ وار ''کاشُر اخبار'' چھ اَمچہٕ کینہہ ڈیلیہٕ شائع کران۔ وِں گوو ''راش کتھن ہُند'' کتاب سپزنہٕ اَزتام چھاپ۔ ۱۹۸۹ ء منز چھ سروانند کول پریمی ہندِ دستہٕ انگریزی پیٹھہٕ کرنہٕ آمُت کہن رؤسی ڈیلین ہُند کاشُر ترجمہٕ ''رؤسی بادشاہ کتھہٕ'' شائع کرنہٕ یوان۔ ۱۹۸۹ ء دورانے چھ ناجی منور، جواہرلال نہرو سنز انگریزی کتابہِ ہُند کاشُرِ ترجمہٕ ''مالی سنز چٹھہِ کورِ ہندِ ناوٕ'' شائع کران۔ ۱۹۹۸ ء منز چھ ساہتیہ اکادمی ہندِ اہتمامہٕ کتھاسرت ساگر کتابہِ منز ژارنہٕ آمژن ڈیلین ہُند کاشُر ترجمہٕ ''بوٗزِ وساٗ کتھا'' شائع کرنہٕ یوان۔ یہ ترجمہِ اوس اوتار کرشن رازدان سندِ دستہٕ کرنہٕ آمُت۔ ۱۹۹۹ ء منز چھ سرور ہاشمی پنٕنی کتاب ''عکس'' شائع کران۔ پروفیسر عبدالمجید خان چھ ''وزن داغ' 'بازگشت' 'دُشمن کُس' تہٕ پتہٕ ۲۰۱۱ ء منز 'رنگ برنگ'' کتاب چھاپ کران۔ مجید صاٗب چھ ڈیلین ہنز پنٕنی وُنِن

لکہٕ وۄترِ منٛز ہِتھ تِمن پننہِ فنکاری ستی پُر مزاح بناوان۔ پروفیسر محمد زمان آزردہ صأبنٛ ژُنہٕ پوش' کتاب تہٕ کر شُربو پسند۔ حالانکہ یہِ اُسنہٕ بچن ہٕندِ مقصدِ لکھنہٕ آمژ۔

ڈاکٹر مشتاق احمد زرگر منتظرؔ چھ گوڈٕ ۱۹۹۶ء منٛز "جٕتہٕ" ناوٕچ کتاب لکھان یُس مقبوٗل گیہِ۔ یہِ اُس سہل تہٕ عام فہم زبانٕی منٛز۔ یہِ تجربہٕ رُوٗد یمہِ لحاظہٕ کامیاب زِ اُمی ہۄو زِ اگر پرَن والین بروٗنہہ کنہِ دِلچسپ مواد پیش کرنہٕ ییہِ، تیلہِ چھنہٕ تِمن ماجہ زِیوِ منٛز پرنس کانہہ دشوٲری یوان۔ شُربو گر یہِ کتاب پسند۔ وِں گوو اَتھ منٛز اُسی کیٚنہہ لطیفہٕ ہنا مبہم تہٕ۔ یمن منٛز اُس سنجیدٕ ظرافت یُس شُربن ہٕندِ سطحٕ نِشہِ تھۄد اُس۔ اُمی سنٛز دوٚیم کتاب "ہیچھو کاشُر" آیہِ ۲۰۰۰ء منٛز علی گڑھ مسلم یونیورسٹی ہٕندِ اہتمامہٕ چھاپ کرنہٕ۔ اُمکی مٲری مُندی مضمون چھِ نصأبی ضرورت تہٕ پوٗرٕ کران۔ ۲۰۰۸ء منٛز شائع سپٕز مۄ اُمی سنٛز بیاکھ کتاب "ہی تُھر" اُس سبٕٹھاہ دلچسپ تہٕ شُربن ہٕندس نفسیاتس نزدیکھ۔ بقولِ پروفیسر ثنا ءاللہ پرواز "ہی تُھر کتاب چھےٚ تہذیبی تہٕ توٲریخی واقعاتن ہُند اوپرٕوپ کرنس ستی شُربن منٛز احساسی تہٕ تخلیقی صلاحیژن تہٕ وُتش دِوان تہٕ اَمہِ کتابہِ ہٕندی دلچسپ پہلوٗ چھِ ادیبن، شُربن ہٕندِ خأطر نثری ادب لکھنس کُن زیادٕ رأغب کران"۔ موٚختہٕ لر، بالہٕ یار،

قومک شاعر، اوپیرا نیکی تہٕ بدی، مولٕلی تجربہٕ، ژٲرِیچہٕ، جٔتہٕ، ہی تُھر، ہارِ ہنگ، عکس، بۄزِوسا کتھا، گلوہؤزتو کتھا تہٕ روسی بادشاہ کتھہٕ کتابو ورٲے آسہٕ باقی اکثر بٲتہٕ کتابہٕ۔ حال حالے آیہ ریاستی کلچرل اکادمی ہندِ طرفہٕ غلام نبی آتش صابٕنی ترتیب دِژمٕژ کتاب ''کاشرِ نثری ادبٕچ سومبرَن'' شایع کرنہٕ۔ یہٕ کتاب چھےٚ دۄن جلدَن پٮ۪ٹھ مشتمل۔ گوڈنیک جلد چھُ شاعری ہنز سومبرن تہٕ دوٚیم جلد چھُ نثری سومبرن۔ آتش صاٗب چھِ یہٕ کتاب مرکزی سرکارکہٕ وزارتِ ثقافتکہٕ طرفہٕ دِنہٕ آمتِس فیلوشپ ایوارڈس تحت مکمل کران۔

حنیفہ بیگم قزاباش تہٕ شُملہ مفتی ہندی کینہہ ڈراما چھِ جوان کوربن ہندِ باپتھ مفید۔ پشکر بھان سُند ڈراما ''وٲنسہٕ ہندی رنگ'' تہٕ چھُ جوان پُیہ رکو دِلچسپی تھاوان۔ علی محمد لون سُند ڈراما ''سُیا'' موتی لال کیمو سُند ''منزِ لی نکہٕ'' فاروق مسعودی سُند ''کالیج پٲتھر'' تہٕ ڈاکٹر مشتاق احمد زرگر منتظرؔ سُند ڈراما ''مۄزٕرٕ'' تہٕ چھُ لڑکن تہٕ کوربن ہندِ خاطر دل کشی تھاوان۔ علی محمد نشترؔ، شیخ محمد حنیف، سیٹھ رفیع، اشوک کاک، غلام علی مجبور تہٕ مجید مجازی تہٕ چھِ کُنہِ کُنہِ شُربن باپتھ ڈراما لیکھان۔

پروفیسر گلشن مجید، پروفیسر عبدالمجید خان، غلام نبی آتش، غلام محمد ماہر، غلام محی الدین ریشی، ناصر منصور، مشتاق احمد مشتاق، رتن لال جوہر،

عبدالاحد واحد، مشتاق مہدی، رحیم رہبر تہٕ رؤف قیاسی چھِ منزٕ منزٕ شُر بن خاطرٕ تہٕ افسانہٕ لکھان۔ ۱۹۹۸ء منز چھےٚ سینٹرل انسٹیچوٹ آف انڈین لینگویجز میسور کہِ طرفہٕ ورک شاپس منز تیار کرنہٕ آمٕژ افسانہٕ سومبرن "گلہِ ٹۄری" شائع کرنہٕ یِوان۔ اتھ منز چھےٚ ۳۲ کہانی، یِم پننہٕ بیانہٕ انداز تہٕ طوالژِ کِنۍ سارے افسانن ہنزٕ گنجہٕ ہکو کھٕنہٕ گنڈِتھ۔ اِتھے کن آیہٕ ۲۰۰۵ء منز پروفیسر شفیع شوق صابنہٕ سربراہی منز راجوگاندھی فاؤنڈیشن کہِ اشتراکہٕ ستی شُر بن ہندِ باپتھ اَرداہ کہانی تیار کرنہٕ۔ یِمو منزٕ آیہٕ وَنیکتام صرف ثریا رسول ہنز "داناژُر" غلام نبی آتش سنز "گاشُن چھتہِ پوپُر" شوکت شان سنز "چالاک گگُر" جاوید مانجی سندِ دستہٕ ترجمہٕ گرمٕژ کہانی "انجام" چھاپ کرنہٕ۔ ۲۰۰۵ء منز آو ناردرن ریجنل لینگویج سینٹر پٹیالہ پنجابس منز پروفیسر سوم ناتھ رینہ صابنہٕ نگرانی منز شُر بن ہندِ باپتھ ادب تخلیق کرنہٕ خاطرٕ ورک شاپ منعقد کرنہٕ۔ اَتھ منز آیہٕ تقریباً پنژہ کہانی تخلیق کرنہٕ۔ یِمو منزٕ گیہٕ کینہہ کہانی شائع۔ ۲۰۱۱ء منز چھُ شُر بن ہندِ خاطرٕ محمد حمید سراج سُند لیوکھمُت ناول "ہارِ جنگ" شائع سپدان۔ ۶۴ صفحن پیٹھ مشتمل یہِ ناول چھُ کینژن تکنیکی خامین ہُند شکار۔ تاہم چھےٚ یہِ کوشش حوصلہٕ افزا۔ حال حالے آیہٕ اَمی سنزٕ مزید شےٚ کتابہٕ برونہہ کُن۔

ریڈیو کشمیر پیٹھہٕ بچن ہندِ خاطرٕ نشر سپدن والی پروگرام 'پھولوٕنی ٹۄری'

تہٕ 'ہونہار'، دۄر درشن سرینگرِ پیٹھہٕ ٹیلی کاسٹ سپدن وأنلی پروگرام 'بامن' تہٕ 'شگوفٕ' تہٕ چھہٕ ادبِ اطفالس کُن مأل پھرنَس منز اہم رول ادا کران۔ کأشُر لکہٕ ادب تہٕ رؤد زبأنی زبأنی پکان تہٕ شُربن رنزناوان۔ لانٛوھ نۄن تہٕ بچہٕ گۄون تہٕ رؤد شُربن ہنز دِل بہلأئی کران۔ أمہِ علاوٕ أسی پٕنزی وأنلی، ہاپت وأنلی تہٕ مدأری تہٕ شُربن ہندی دل خوش کران۔ مگر یم تماشہِ ہکو کھ ادبہٕ بجایہٕ فنکأری ہندِس زِمرس منز تھأوِتھ۔ شُربن ہُند ہردل عزیز تہٕ خوش کرُن اکھ مشہۄر ناو اوس موم بأزی گر، یُس پننہٕ بأزی گری ستی ساسہٕ بدبن بُزرگن تہٕ شُربن رنزناوان اوس۔ اِتھکن چھُ کأشرِ شُری ادبک سفر جأری تہٕ أتھ وَتہِ منز چھِ وُنہٕ واریاہ اہم پڑاو سر کرٕنی۔

# ۲۔ کشیر



کشیر چھےٚ تھد بن کوٚہن تہٕ بالن درمیان واقع مختلف وادین پیٹھ مشتمل اکھ سرسبز تہٕ شاداب علاقہٕ۔ پیٹھ کالہِ چھُ یہٕ سوٗرے علاقہٕ آبے آب اوسمت۔ اتھ اُبی علاقس اُسی "دٔستی سر" وَنان۔ کشپ ریٖشی چھُ وَرمُلس نکھہٕ پہاڑن درمیان گھٹ دِوان۔ بیاکھ دٕرروایت چھےٚ زِبُنیٖل آو۔ اَمہِ کنی دژاو یہٕ آب نیبر تہٕ کشیرِ ہنز یہٕ وادی آیہٕ بارسس۔ کشیر چھےٚ جموں وکشمیرُک اکھ صوبہٕ۔ جموں وکشمیرُک کُل رقبہٕ چھُ ۸۸۰۰۰ مربع کلومیٹر۔ اُمہِ منزٕ چھُ ۵۵۰۰۰ مربع کلومیٹر کنٹرول لٲنہِ یپارِ تہٕ ۳۳۰۰۰ مربع کلومیٹر کنٹرول لٲنہِ اَپارِ۔

یتکی اکثر لُکھ چھِ کٲشر زبان بولان۔ یہٕ چھےٚ زبانن ہندِس

درِ دخاندانس ستی تعلق تھاوان۔ یتکی لۆکھ چھِ خۆبصۆرتھ تہٕ بہوٗدر۔ گرمی ہِندِس موسمس منز چھ یِیتہٕ درجےٚ حرارت ۲۰ ڈگری پیٹھہٕ ۳۵ ڈگری تام روزان۔ وندس منز چھ موسم ٹھنڈٕ آسان تہٕ درجہ حرارت چھ ۱۰ ڈگری پیٹھہٕ منفی ۱۰ ڈگری تام روزان۔ وندس منز چھِ لۆکھ ییرٕ تہٕ پٹیٚو گرم پلو لاگان۔ رہتہٕ کالہِ چھ مُنزی مُنزی رۆد پیوان تہٕ وندس منز چھ شین پیوان۔ دانہِ، مکاےٚ، ٚکنکھ، دال، ژۆٹھی، ٹنگ، گلاسہٕ، کونگ، ژۆنی تہٕ بادم چھِ یتکی خاص پٲداوار۔ زمیندٲری، تجارت، سیاحت، اتھہٕ کامہِ، موکار تہٕ ملازمت چھِ یتکِین لُکن ہِندی خاص پیشہِ۔

سری نگر چھ کشیرِ ہُند دارُالخلافہٕ۔ مظفرآباد، وٚرِمُل (بارہمولہ)، سوپر (سوپور)، کپوور (کپواڑہ)، بنڑپۆر (بانڈی پورہ)، گاندربل، بڈگام، پلوامہ، شوپیَن تہٕ اسلام آباد (اننت ناگ) چھِ کشیرِ ہِندی بڈی تہٕ اہم قصبہٕ۔ وبتھ (دریاے جہلم) تہٕ کرشن گنگا (نیلم) چھِ یتکی زٕ اہم دٔریاو۔ ٹانگہٕ، گاڑِ، ریٚل تہٕ ہوٲئی جہاز چھِ ٹرانسپورٹکی ذٔریعہِ۔ پہاڑی علاقن منز چھِ گُری تہٕ کامہِ لاگنہٕ یِوان۔ حکومت چھےٚ وِن اٗبی ٹرانسپورٹس تہٕ فروغ دِنچ کوٗشش کران۔ وبتھہِ ہِندی بٔٹھی تہٕ چھِ گلوکٹوستی سجاونہٕ آمتی۔ یِتہِ چن مشہور جاین منز چھِ نِشاط باغ، شالہِ مار باغ، ہارون،

چشمہ شاہی، پری محل، بوٹونیکل گارڈن، ٹلِپ گارڈن، داچھی گام نیشنل پارک، نہرو پارک، چار چنار، سونہٕ مرگ، گلمرگ، کھِلن مرگ، سونہٕ لانک، پہلگام، اَچھ وَل، کوکرناگ، ویری ناگ، لولاب وادی، بنگس وادی، چترنار، یرنگ، ایکو پارک، گل نار پارک بیترٕ شامِل۔ وُلر، ڈل، نگین، آنچار، مانسبل تہٕ نِلہٕ ناگ چھِ یِمکۍ مشہوٗر سر۔

کشیٖر چھےٚ پننہِ حُسنہٕ تہٕ قدرتی نظارو کِنۍ تمام عالمس منز مشہوٗر۔ یِمکۍ باغ، صحت افزا مقام تہٕ توٲریٖخی جایہِ چھےٚ سالانہٕ پانس کُن راغِب کران۔ سرسبز جنگل، مرگہٕ تہٕ گاسہٕ مٲدان وُچھِتھ چھُ دِل شاد سپدان۔ گرزوٕنۍ آبشارن، کولن تہٕ دریاون ہُند میوٚٹھ آب چھُ تازٕگی بخشان۔ اہربل چھُ کشیٖرِ ہُند بوڈ تہٕ مشہوٗر آبشار۔ کشیٖرِ ہِنز یوٗنی، وازٕوان، کانگر، سماوار، ہاؤس بوٹ، شال، توسہٕ، کونگ، ژوٗنۍ، بادم، ژوٗنٹھ، پھمرن تہٕ پیپر معاشی چھےٚ پوٗرٕ عالمس منز مشہوٗر۔ گنڈولا کیبل کار، گالف کورس، رافٹنگ تہٕ سنوو اسکیٹنگ ہُند لُطف تُلنہٕ خٲطرٕ چھِ دوٗرِ دوٗرِ پیٹھہٕ سالانی یِوان۔ کشیٖرِ ہُند تہذیب وتمدُن تہٕ مہمان نوٲزی چھےٚ منفرد۔ ریڈیو کشیٖر تہٕ چھُ پننہِ معیارٕ کِنۍ ملکس منز اوٚل درجہِ تھاوان۔ یِتیُک نظامِ تعلیم، میڈیکل کالیج، ٹرانسپورٹنگ نظام تہٕ عوٲمی تقسیم کاری ہُند نظام چھُ پننہِ رنگہٕ خوبیو کِنۍ مشہوٗر۔

# ۳۔ وَتھ مےٚ اِچھ ہاوتم

ننٛدٕ اوس اَکھ شُر۔ ماجِ اُسس دوہے ونان زِ ژٕ منگ
خدایس 'وَتھ مےٚ اِچھ ہاوتم'۔ ننٛدس اُسی کینٛہہ ووٕرِ بأے۔ یم چھ
اُمِس پانٛس ستی تِکِتھ سَن دِنہٕ نیران۔ یم چھ اَمِس اَکِس گرٕس منٛز
سوزان۔ ونان چھس ژٕ تژاو گوبٕ گوبٕ چیٖز دارٕ کٔنی تہٕ اُسی
رٔٹوے یوٚنہٕ کنہٕ۔ اَتھ گرٕس منٛز اُسی واریاہ قیمتی چیٖز۔ مگر ننٛدٕ چھُ
صرف ووکھل، کاجہٕ وَٹ تہٕ گژھٕ ہوی گوبٕ چیٖزے یوٚن تژاوان۔
یوٚنہٕ گنہٕ اُسی ووٕرِ بأے مال رٹان۔ یم چھس ونان، ہا بیقلاہ یم
کیاہ چھکھ یوٚن تژاوان! یم کتھ لگن؟ تُل ژٕ تژاو لۆتی لۆتی
چیٖزے یوٚن۔ ننٛدٕ چھُ یہِ بوٗزِتھ شرٕ تہٕ پرٕنی ہوی لۆتی چیٖز یوٚن
تژاوان۔ یہِ وُچھتھ چھِ ووٕرِ بأے اُمِس واپس گرٕتھ ژھرِ وِے
اَتھو پٔتُن گرٕ واتان۔

ببکہٕ ساتہٕ چھِ اُمی ہندی ووٕرِ بأے اُمِس بِکس گرٕس منٛز

سوزان ۔ ننُدَن وُچھ زِ امہِ گرِکی سأری بأژ أسی ترِ ستی شِٹھے ہتی ۔ یَمَن پیٹھ اوسنہِ کانہہ وُرُن ۔ یہِ چھُ پنِنی ژادر تلِتھ تمَن پیٹھ تژاوان تہِ واپس نیران ۔ اَمی سُند سبزَر وِچھتھ چھ وورِ بأے أمِس واپس گرِ سوزان ۔ ستی چھس اَکھ ژُوٗرِ أنی ہژ گاو تہِ اَکھ ژادر دِوان ۔ ننُدِ دژاو گرِ گُن ۔ وَتہِ وُچھن ہوٗن وَوران ۔ أمی تھأو گاو ہندِس کمرَس پیٹھ ژادر تہِ تژأوِن یہِ گاو یلہِ ۔



ییلہِ اَمی ہندی وورِ بأے گرِ واتی ، تمو پرٛژھ ہَس زِ گاو تہِ ژادر کتہِ تھأوِتھ ؟ ننُدِ چھُکھ جواب دِوان ، ہوٗن اوس کران

ووں ووں۔ وَنان اوس وَوبا وَوتہٕ لۄن با لۄن۔ اَوٕ کِنۍ تھاوٕ
مےٚ گاوٕ ہِنِدس کمرس پیٹھ ژادر تہٕ کٔرِم آزاد۔ یہِ بوٗزِتھ چھےٚ
اَمۍ ہِندِ بن ووٕرِ باین ژکھ کھسان۔ تِم چھ نُندَس تہٕ تَمۍ ہِنزِ ماجہِ
گرِ منٛز گرٕتھ ژھنان۔ نُندٕ اوس سٮ۪ٹھاہ نیک، عٲری تہٕ رحم دِل۔
یہِ اوسنہٕ کٲنسہِ ہُند بَد یژھان۔ پزتھ ساتہٕ اوس خدایس منگان' وَتھ
مےٚ اپٕزِ ہاوتم'۔ یہِ چھ لوٗکٹ موکٹ تجارت شروٗع کران۔ اَمۍ
ورتوو پزر تہٕ ایمانداری۔ وارٕ وارٕ گٔر اَمۍ ترقی۔ اَمۍ ہِندۍ ورفتار
ووٕرِ باےٚ رٕوٗدۍ ڈیکس گٔرِتھ یہِ سورے وُچھان۔ اَکہِ دوہہ اَنۍ
نُندَن تِم سٲری سال گٔرِتھ۔ کھِیاوِن چاوِن، نصیحت کٔرنکھ تہٕ ہاوِنکھ
رٕژ وَتھ۔ تِموکوٚر توبہ تہٕ لگۍ رٕژِ وَتہِ۔ ووٕرِ بایو ودنہس، اَسہِ
ژھنٛکھ ژٕ گرِ منٛز گرٕتھ۔ اَسہِ دِ معافی۔ نُندَن وونکھ تۄہِ چھُو نہٕ راہ،
بٔہ اوسُس خدایس منگان' وَتھ مےٚ اپٕزِ ہاوتم'۔ تِمۍ کوٚر مےٚ پیٹھ
رحم تہٕ تۄہِ کٔرو الگ وَتھ اختیار۔ تۄہۍ تہِ منگِو سٲری خدایس' وَتھ مےٚ
اپٕزِ ہاوتم۔ کینہہ چھِ یہِ لکہٕ ڈلیل شیخ نورالدینٕس سٟتۍ منسوٗب
کران، یہِ نہٕ توارٟخی اعتبارٕ صحیح چھُ۔

# ۴۔ لل دید

لل دید چھےٚ کٲشرِ ہنز اَکھ اہم شخصیتھ۔ یہِ زایہِ ژوداُہمہِ صدی عیسوی منز پانپرِ کِس سیمپوٗر علاقس منز۔ سبٹھا گاٹجٕ اُس۔ لل دید چھےٚ پننہِ نِس گورس سدٕ ماٗلِس نِش تعلیم حاصِل کران تہٕ تربیت پرٛاوان۔ لوکچارِ ہے منٛز کوٗرہَس اَکِس برہمن لٔڑکس ستی کھاندَر۔ مگر سہٕ اوس ژ ذیلہٕ۔ للہِ اُس ہَش تہِ ستاوان۔ بَتَس تل اُسس نِلہٕ وَٹھ تھاوان۔ مگر لل دیدِ کوٗر نہٕ زانہہ اُف تہِ۔ یہِ سورُے کوٗرُن برداش۔ یہِ اُس یارِبَل ؤستھ نِلِس منٛز آب کھالان۔ اَکہِ دوٕہ چھےٚ اَمِس یارِبَل کاکنہِ وَنان، ژٕ کھکھ اَز سال۔ توٕ چھو ہونٛڈ مورمُت۔ لل دید چھکھ جواب دِوان "ہونٛڈ ماٗری تن یا کٹھ، للہِ ژٕلہِ نہٕ نِلہٕ وَٹھ"۔

اَمِس اُس لوکچارِ پیٹھے دَیہِ سٕنز کَل گٔنِمٕژ۔ اَکہِ دوہ چھےٚ یہِ گرٕ بار ترٛاوِتھ نیران تہٕ دورِ دورِ پھیران۔ یہِ چھےٚ حضرَتِ امیرِ کبیرؒ تہٕ حضرَت سید حُسین سمنانیؒ ستی تہِ مُلاقاتھ

کران۔ اَمہِ پژوو رؤحانی تھزر۔ یہِ اُس بُت پرستی تڑ اُوِتھ کُنِس خدایہِ سنز عبادت کرنس پیٹھ زور دِوان۔ یہِ چھےٚ کشیرِ ہنز تھزٕ شاعر۔ اَمی سنزِ شاعری چھِ وتان للہٕ واکھ۔ للہِ ہندی واکھ سپدی لۄکن منز سبٹھا مقبوٗل تہٕ رؤدی زبانی زبانی نوبن پیربن تام واتان۔ یم واکھ چھِ مدری تہٕ میٹھی۔ سبٹھا خوش چھِ کران۔ لل دید چھےٚ سبٹھا مشہوٗر۔ کأشری لُکھ چھِ اَز تہٕ اُمی سُند ناو احترامہٕ سان ہوان۔

تَس پدمان پورچہِ للے
یمِ گلے اَمرِت چوو
(شیخ العالم)

# ۵۔ عید آیہِ رَسہٕ رَسہٕ

بہٕ اوٚسُس ؤرۍ یَس پژاران زِ عیدکر ییہِ۔ ماہِ شعبان کہِ آخری دوہ شامن دژاو ماہِ رمضانُک زٕندٕر۔ کوربو ہیوٚت رۆوکرُن ۔

شۆبہٕوُن ماہِ رمضان    رٕتو منزٕ رٕتھ کُسٕے جان

پاسِ اُخرٕ آو، صحر خوانن کوٚر وقتے صحر۔ أسی گٔے ہُشار۔ اَسہِ چھول اَتھہٕ بُتھ تہٕ کھوٚو صحر۔ سارِوٕے دَرِ روزٕ۔ مشیدَن منز أس بٕرٕ۔ دوہے أسی قرآنِ مجیدٕچ تلاوت کران، عبادت کران تہٕ غریبن مدد کران۔ شامن أسی سأری یِکوٹہٕ افطار کران تہٕ شربت چوان۔ کھجوٗر تہٕ موٚۄ کھٔنبس اوس مزٕ لگان۔ کُنہِ کُنہِ أسی فرینی یا حلوٕ تہٕ کھوان۔ وِل ووت ماہِ رمضانُک أخری جمعہ۔ اَتھ چھِ وَنان جمعۃ الوِداع۔ بہٕ گوس اَبا جانَس سٕتی بَجہِ مشیدِ۔ مولوی صأب اوس وعظ پران۔ وَنان اوس "ماہِ صیامَس روزٕ دَرنہٕ پتہٕ چھُ وِل عیدُ الفِطر۔ اَتھ چھِ لوٚکٹ عید وَنان۔ یہِ چھُ شُکرانُک دوہ۔ صدقۂ فِطر گٔرِو أدا۔ اَمہِ سٕتی گٔژَن غریب لُکھ تہِ عید۔" بکبہِ دوہ اوس عرفہٕ۔ بازرَس منز أس سَخ ووسہٕ دروسہٕ۔

لُکھ اُسۍ ماز ، کوکر تہٕ سبزی ییتر ہیوان۔ شامَن وزاو ژٕندر۔ ساٲری گٔے خوش۔ پگاہ اُس عیٖد۔ یہِ اوس ماہِ شوالُک گوڈنیُک تاریٚخ۔ صُبح نماز پٔرِتھ چھو اَسہِ قہوٕ۔ سارِوے لاگ سراناہ واناہ گٔرِتھ نٔوۍ پلو۔ اَسہِ شُربن دِتکھ عیٖد یانہٕ۔ بٔہ دراس اَباجانَس سٍتۍ عیٖدگاہ کُن۔ ساٲری اُسۍ نٔوۍ نٔوۍ پلو پوشاک لاگِتھ۔ مولوی صابَن پرٕناو عیٖد نماز۔ اَمہِ پتہٕ آو خُطبہٕ پرنہٕ تہٕ مونگکھ دُعا۔ لکو کوٚر اَکھ اَکِس عیٖد مُبارک۔

اُسۍ واٚتۍ گرٕ تہٕ مامہٕ جان تہٕ آو۔ خالوٗ جان تہٕ ہجاجی تہٕ آے۔ عیٖد مُبارک کوٚرکھ۔ قہوٕ تہٕ چاے اُس چیلان۔ مےٚ دِتکھ عیٖد یانہٕ۔ ہمسایہٕ تہٕ اَبا جانٕنۍ دوس تہٕ آے۔ مگر سارِنے اُس بانم۔ دَپان اُسۍ سارِنے چھُ واتُن۔

وِل شوٗرکھ عیٖد کوج۔ اَز اُسۍ عیٖدٕ ہنٕز خوشی منز زٕ ژور سِنۍ ژٕری پہن۔ یخنی، کورمہٕ، رِستہٕ تہٕ کوکُر۔ مےٚ کھوٚو بتہٕ تہٕ دراس رِگندنہِ۔ مَحلکۍ شُری اُسۍ پارکہِ منز سمےٚ ہتی۔ مُنہٕ اوس وایان پٔوٕں پٔوٕں۔ عاطفنِس پھوٚکہِ بوٚستوٗرِس گوو ڈف۔ کورِ آسہِ روٚو کران۔

عیٖد آیہِ رَسہ رَسہٕ عیٖد گاہ کھسہٕ وٲے

ببکہِ دوہ اُس بیٚد۔ بٔہ گوس ماتامال۔ سارِوے روٹھس نالہٕ مَتہٕ۔

موٗنہٕ تہٕ میٹھۍ گٔرۍ ہم۔ تتہٕ اوس مےٚ بیٚذسال۔ شامَن آس گرٕ۔ اِتھۍ
پأٹھۍ مناو مےٚ لوٕکٹ عیٖد۔



اَمہِ پَتہٕ دوٚیہِ رِتہٕ تہٕ دَہہِ دُہ واٚژ بٔڈ عیٖد۔ یہِ اوس دٔہم
ذِی الحج۔ بَجہِ عیٖذ دوہ واٚتۍ أسۍ عیٖدگاہ۔ مولوی صأبَن وون، أزۍ کیہِ
دوہ چُھ حضرَتِ اِبراہیمؑ پَنہٕ نِس نیچِوِس حضرَتِ اِسمٰعیلسؑ قُربان کرنہِ

نیران۔ یہِ اوس تَس خدایہِ سُند حُکُم۔ خُدا یَس آیہِ حضرَتِ اِبراہیمؑ سِنز یہِ فرمانبرداٗری پسند۔ حضرَتِ اِسمٰعیلؑ سِندِ بدلہِ سَپُد اَکھ دُمبہِ قُربان۔ أسی چھِ اَز حضرتِ اِبراہیمؑ سُنٛد سُے سُنت پالان۔ توٚے چھِ یَتھ عیدِ قُربان یا بُڈ عید وَنان۔

عید نماز پرٛتھ واٗتی أسی گرٕ۔ بجٕن کوٚر کٕٹھ قُربان۔ ماذس گٕری اَسہِ ترٛےٚ حِصہٕ۔ اَکھ حِصہٕ باٗگُر غریبَن۔ بیاکھ اَشناوَن تہٕ ہمسایَن۔ ترٛیٚیم حِصہٕ روٚٹ پَنٕنہ خاطرٕ۔ میون بُڈی بب ٹوٚٹھ اوس بجٕس گومُت۔ تٔمی کوٚر ٹیلی فون۔ دوپُن حج کٕی ساری اَرکان گےٚ پوٗرٕ تہٕ بہٕ واتہٕ اِنشاء اللہ پندہَن دوہَن تام گرٕ واپس۔ پیاٗری اُس وٕنہٕ عیذ ہٕنز دوسہٕ دروسہٕ حیلان تہٕ کورِ آسہٕ وٕنہٕ رٔووکران تہٕ وَنان۔

یَمہِ اَندٕ نبی صاٗب تمی اند کھسہٕ واٗے
عید آیہِ رَسہٕ رَسہٕ عید گاہ کھسہٕ واٗے

## ٦۔ رٟژر

أکِس بادشاہ سُند وزیر اوس سبٹھاہ نیک۔ یہٕ اوس سارنٕے ستیٚ رُت ورتاوان۔ بیٚیہٕ اوس پۆز ونان۔ اَکہٕ دوہ گوو بادشاہ کتھ تام پیٹھ ناراض۔ اۆہِ کٔرنٕ آو یہٕ وزیر جیلس منز ژرادنہٕ۔ یہٕ بۆزِتھ چھُ بکہٕ مُلکُک بادشاہ أمِس ؤزیر سِندِ ناوٕ اَکھ چِٹھیٚ سوزان۔

نیک ؤزیر صاب۔

ژٕ مُتعلِق بۆزُم واریاہ۔ سأری چھِ چون رُت پھِران۔ چأنی نیک نأمی تہٕ عقل مندی چھےٚ تعریفَن لائق۔ چانِہن صِفتَن گوٚژھ آسُن قدٕرشناس۔ خُدا کٔرِ نٕے ژٕ جلد آزاد۔ ژٕ وٕأتی زِ سأنِس مُلکس منز۔ أسی بناوٕتھ ژٕ پَنٕنہٕ مُلکُک وزیرِاعظم۔

قدٕردان بادشاہ

قأدگرنہٕ آمُت وزیر چھُس جیلہٕ پیٹھہٕ جواب لِکھان زِ "بہٕ چھُس پَنٕنِس بادشاہ سُند وفادار۔ اگر تِمِس مےٚ مُتعلِق کانہہ غلط فہمی گٔیہ، تمیک مطلب گوٚونہٕ زِ بہٕ دِمہٕ تَس دوکھہٕ۔" گوڈنِکس

بادشاہَس ٲنِج اَمہِ چِھٹہِ ہنز خبر۔ چِھٹی آیہِ ضبط کٔرِتھ بادشاہَس تام واتناونہٕ۔ وزیرٕ سُند جواب پٔرِتھ چُھ سُہ خوش گوھان۔ سُہ چُھ تَس آزاد کٔرِتھ دُبارٕ پَنُن وزیر بناوان۔ اِتھکَن چُھ تَس پَنُن رٕژر بکار پِوان۔

(ڈلیلہِ ہُند مفہوم چُھ شیخ سعدی سٕنزِ کہانی پیٹھہٕ نِنہٕ آمُت)



(بشکریہ انٹرنیٹ)

# ۷۔ حض شیٚخ العالم



أمِ سُند پۆ٘ر ناو اوس شیٚخ نورالدین۔ یہِ اوس للہ دیدِ ہُند ہم کال کأشُر شأعر تہٕ مذہبی رہنُما۔ یہِ زاو ۱۳۷۷ء منز۔ أمِ سِندِس مألِس اوس ناو سلرسنٛز، یُس حضرتِ سید حسین سمنانیؒ سِندِ ذٔسی اسلام قبۆ٘ل کران چھُ۔ یہِ چھُ پانس شیٚخ سالارالدین ناو تھاوان۔ ماجہِ ہُند ناو اوسُس سٔدرٕ مأج۔ شیٚخ نورالدینس اُس مأج ٹاٹھیار ستی نُندٕ وَنان۔ پتہٕ بنیاو یہِ کٔشیرِ ہُند اکھ اہم مذہبی بزرگ تہٕ شأعر۔ یہِ چھُ شیٚخ العالَم تہٕ نُندٕ ریٚشی ناوٕ ستی تہِ مشہوٗر۔ حض شیٚخ العالم چھُ توحید (خدا اَکُن مانُن)، رسالت (حضرتِ محمد ﷺ چھُ خدایہِ سُند رسۆ٘ل)

تہٕ آخرت (مرنہٕ پتہٕ بیہٕ زندٕ گژھن تہٕ حساب دِیُن) کٲمن عقیدن پیٹھ پڑھ تھاوِتھ، کٲشرِس قومس یِمنے اقدارن کُن راغب کران۔

حضٔ شیخ چھ پنُن نفس حدٕ رٹنہٕ خاطر، پننہٕ جوانی منٛزٕ ے کینٛژَس کالس جنگلن منز روٗزِتھ خدایس سٕنز عبادت کران۔ یہٕ اوس ریشی سِلسِلُک اکھ اہم بزرگ، یُس اَتھ سِلسِلس منز اِصلاح کٔرِتھ اَتھ اِسلامی رنگ دِوان چھُ۔ یہٕ اوس سٕبٹھاہ عالم، پرہیزگار تہٕ اِنسانیتُک رُت کانچھن وول۔ یہٕ چھُ کشیٖرٕ ہندِس گامس گامس پھیٖرِتھ اِسلامُک تبلیغ کران تہٕ لُکن سبزٕ رچ تہٕ پزٕ رچ وتھ ہاوان۔ اَمی بناو شاعری پننہٕ تبلیغُک ذریعہٕ۔ یِم چھِ کٲشرِ بن لُکن پننہٕ ماجہٕ زبٲنۍ منٛزٕ ے اسلامکی آفاقی اصوٗل فکرِ تاران۔ اسلامچ تعلیم عام لُکن تام واتناونَس منٛز چھِ یِم اہم روٗل ادا کران۔ اَمِکِس اعترافس منز چھِ حضرتِ میر محمد ہمدانیؒ یِمَن خطِ ارشاد عطا کران۔ کٲشرِ بن لُکن ہندِ بن دِلن منز چھُ یِہندِ خاطر سٕبٹھاہ عزت تہٕ احترام۔ یِم چھِ لُکن منز علمدارِ کشیٖر ناوٕ ستۍ تہٕ مقبوٗل۔

یِہندی شرُکی چھِ کٲشرِ بن نزدیک سٕبٹھا مقدس۔ تِکیازِ اتھ منٛز چھے اسلامچ تعلیم منظوم الفاظن منز پیش کرنہٕ آمٕژ۔ کٲشری

رۆدی یہِ کلام زبأنی یاد کران تہٕ سینہٕ بہٕ سینہٕ دوٚیمِن تام واتناوان۔ اتھ کلامس منز چھ تمہِ زمانک سمأجی شعور تہٕ بروٚنہہ کُن پِوان۔ پٹھان گورنر عطا محمد خان چھ شیخ العالمؒ سٕندِ ناوٚک سِکہٕ تہٕ جأری کران۔ اَکھتے چھ اَتھ پیٹھ شیخ حمزہ مخدوم سُند ناو تہٕ درج۔ شیخُ العالمؒ چھ سُلطان زین العابدین (بڈشاہ) سٕندِس دورِ حکوٗمتس دوران ۱۴۳۸ء منز رحمتِ حق سپدان۔ بڈشاہ چھ پانہٕ پھندِس جنازس منز شریک سپدان۔ حضٕ شیخ سُند مزار چھ سری نگرٕ کِس جنوبس منز واقع قصبہ ژرارِ شریفس منز۔ حضٕ شیخ نورالدین ولی چھِ فرماوان۔

فرض آوتَے راتھ گیہِ آدا
اَتہِ کیاہ بیوٚٹھکھ رادا دِتھ
بانگ تہٕ صلوٰت تورُک نادا
تتہِ رِکھو آکھ وعدا دِتھ
فرض تہٕ سُنت کر مالہِ آدا
نِنہٕ یِو جنتس نادا دِتھ

# ۸۔ ڈَل جھیل

ڈَل جھیل چُھ کشیٖرِ ہُند اَکھ مأری مۆند سَر۔ یہِ چُھ شہرِ سری نگرس منز واقع۔ اَمہِ کِس جنوٗبس منز چُھ گگرِبل، شمالس منز کرٛالہٕ سنگر، مشرقس منز نشاط باغ تہٕ شالہٕ مأر باغ تہٕ مغربس منز کوہِ ماران، نگین سر تہٕ حضرت بل۔ یہِ سر چُھ سأری سے عالمس منز مشہوٗر۔ اَمیک سَنر چُھ دٔہو فُٹو پیٹھہٕ پنٛژہ فٹ تام۔ اَتھ منز چھِ کینٛہہ زُوی تہٕ بناونہٕ آمٕتی، یِمن لانک وَنان چھِ۔ یِمن زُوِین ہندی ناو چھِ سونہٕ لانک، روپہٕ لانک تہٕ نہرٗو پارک۔ سونہٕ لانک چھےٚ ڈلس منز باگ۔ اَمِکِس ژون کونجن پیٹھ چھےٚ ژور بوٗنہِ یِمہِ کِنہِ اَتھ چارچنار تہٕ وَنان چھِ۔ یِمن بوٗنِن ہُند سایہِ چُھ سونہٕ لانکہِ پیٹھ یِہَن والین سالانین شیٚہجار بخشان۔ اَتھ لانکہِ پیٹھ چُھ اَکھ خوٗبصوٗرت پوشہِ باغ تہٕ اَکھ کافی خانہٕ بناونہٕ آمُت۔ نہرٗو پارک چھےٚ گگرِبلس نِکھہِ ڈَل بَٹھہِ پیٹھہٕ ژتجہہ پنٛواہ گز دوٗر آبس منز بناونہٕ آمٕژ بیاکھ پارک۔ یہِ چھےٚ ہندوستانکس گوڈنکس وزیرِ اعظم پنڈت جواہر لال نہرٗو سٕندِس ناوس سٟتؠ منسوب۔ اَتھ منز تہٕ

چھےٚ سائلانٕن ہنٛز آسائیشہِ خاطرا اکھ لٔر بناونہٕ آمٕژ، یَتھ منز تہٕندِ کھنٛگ تہٕ چنٛگ تہٕ انتظام چھ۔

سائلانٕن چھِ شکاربن منز ہیتھ یَمن لانکن تام تران۔ ڈلکی یِم چیز سائلانٕن پانس کُن مائل پھِران چھِ تِمن منز چھِ ڈُنگہٕ (ہاوس بوٹ) خاص اہمیت تھاوان۔ یِم ڈُنگہٕ چھِ بجن ناون منز بناونہٕ آمٕتی رہائیشی مکان۔ یِم چھِ سبٹھا خوبصورتی سان سجاونہٕ یِوان۔ یَمن منز چھےٚ ہوٹلن ہندی پأٹھی پرٚتھ کُنہِ قسمچ سہولت آیتن آسان۔ ڈلس نزدیک تہٕ اَتھ أندی پَکھی یِم باغ تہٕ وُچھنہِ لائق جایہ چھےٚ، تِمن منز چھِ ہارون، چشمہ شاہی، پَری محل، بوٹونیکل گارڈن، ٹلِپ گارڈن، سِٹی فاربسٹ تہٕ جنگلی جانورن باپتھ داچھی گام قومی پارک خاص اہمیت تھاوان۔ اَتھ پارکہِ منز موجود خوبصورت ہرن، ہانگل، ہٕہہ، ہاپَت، مختلف قسمن ہندی سرٕپھ تہٕ ژراوٹ گاڑ چھےٚ مشہور۔

ڈلس منز چلن وٲلی موٹرلانچ، آبہِ سایکل تہٕ شکارِ چھےٚ سائلانٕن زیادٕے خوش کران۔ ڈلہٕ کِس آبس پیٹھ گژلیہِ ماران کھِلہٕ وٕتھر تہٕ جولائی ہندِس رٕتس منز پھولن وٲلی پمپوش چھِ وُچھن والین ہندی دِل شاد کران۔ ڈلس منز دوہدن وٲلی پمچھ، بُم، نَدٕری، ہاکھ تہٕ باقی سبزی

چھِ لُوکھ سبٹھا پسند کران۔ اَتھ سرَس منز چھِ مختلف قِسمَن ہندی گُلہٕ کُٹ، جاناوار تہٕ گاڑ لبنہٕ یِوان، یِم اَمیک ماحولیٲتی توازُن برقرار تھاونس منز اہم کأم انجام دِوان چھِ۔ یہِ چھےٚ افسوٗس کتھ زِ سانہِ لاپرواٲیۍ کنۍ چُھ اَمیک ماحول بگران، یَمیک روٗٹ کرُن ضروری چھُ۔



(بشکریہ انٹرنیٹ)



# ۹۔ ٹاٹھ نانی

مِیانؠ نانی چھےٚ میہ سخ ٹاٹھ۔ سُو چھےٚ میہ رَچھان۔ مُدٕری تہٕ میٹھ چیز چھےٚ میانہِ خاطرٕ چھِتھ تھاوان۔ سبٹھاہ لول چھَم بران۔ مِیانؠ چھس فِکرِ روزان۔ ژٔھایَن تہٕ گژاین چھَم وُچھان۔ ترِ منز چھَم پھُرِس تل رَٹان۔ گرمی منز چھَم واوجہِ واوکرانِ۔ أچھ پیٹھ چھمنہٕ مُچھ زٕروان۔ ئہ اگر روشہِ، سُو چھَم مَنٕناوان۔ وودُن لاگہٕ سُو چھَم سُلباوان۔ غلطی پیٹھ چھَم سمجھاوان۔ میہ ییٚلہِ یٔڈ دود کوٚرُن، ممی بانبرییہِ سَخ۔ نانہِ وونُس کیٚنہہ چھُنہٕ پَرواے، أنُن یؠوٚری۔ تمہِ موٚتھنَم اوم تیل تہٕ ئہ گوس ٹھیکھ۔ بأے جانَس ییٚلہِ چھاتی خراب گئیہ، تَس کٔرِن مُشکو فُرمألِش۔ ببنہِ ٹاٹھہِ اُس أٹجھو ژَھٹھ۔ تَس چھوٚوُن چایہٕ ٹیٚوٚٹھ۔

تِمس نِش چھِ سأری یِوان۔ رِشتہٕ دار تہٕ ہَمسایہٕ

تہٕ - کینہہ چھِ شُری ہتھ ہِوان ۔ سو چھےٚ تمَن نظرِ ستیٚ وِچھان ۔ کاٗنسہِ چھےٚ واوِ پئتھ، کاٗنسہِ ہول ہُج تہٕ کاٗنسہِ تھوتھہٕ واے آسان ۔ سو چھےٚ سارِنی علاج وَنان ۔ کھاندَر اُسی تَن یا ہیہِ کانہہ تقریب، پڑتھ چیزَس مُتلِق چھِ تٔسی مَشوٕرِ ہوان ۔ تَس چُھ زِندگی ہُند سوٚن تجرُبہٕ ۔ اَوِ کنہِ چھےٚ سو رٕتی مَشوَرِ دِوان ۔

نانی چھےٚ مے شامَن ڈٔلیل بوزناوان، اَدِ چھےٚ مے ہِندٕ رٕپہوان ۔ تمہِ بوزناوٕ مے سونہٕ کِسرِ ہِنز ڈٔلیل، رانٹسہِ ہِنز ڈٔلیل، رازِ ہاٗنز، زَہرالٔت، ہیمال ناگرٕ اے، لۄل مجنوٗن، گُری ہِنز ڈٔلیل، پادشاہ کتھہٕ، پٔری ہیہِ کتھہٕ، سودٕ بیوٗرتہٕ یودٕ بیوٗرتہٕ چاٗری گتھہٕ ۔ سو چھےٚ مے پریٚتھ بوزناوان ۔ سونہٕ ہِنزِ کینزے روپہٕ سُند ٹھانٹھ، یُس تتھ تلے سٕہ پہلوان ۔ ببنہِ دَپان یہٕ تٔرِ ببنہِ نِش، مَنزِ چھس دوس ۔ ہیرِ ڈٔرھ ہٕٹ برہنگن زٕٹ ۔ میاٗنی نانی چھےٚ کتھَن منز محاورٕ تہٕ ضربُ المثل وَرتاوان ۔ تو ے چھِ مے تم آساٗنی سان فکرِ ترٛان ۔ مثلاً ییٚتہٕ نہٕ گُم وَلہٕ وپر، وِل گٔیم

ثرا وِ زِ کیا گرِ ہندِ لُکہِ ؛ آسۂ بَد نَے کر کو پَنڑ ۔ ٹِپر گرِ وُ
ٹھوٗ ل ۔ یُس کرِ گُنگَل ، سُے کرِ کڑ ا و ۔



کلاسس منز چھس بہٕ سوالن ہُند جواب دِوان ۔ ژاٹہٕ
ہالس منز چھس بہٕ ڈلیلہٕ بوزناوان تہٕ پرٛیہٕ ژراوان ۔ توٚے
چھس بہٕ ماسٹر جیس خوش کران ۔ میون یار جہانگیر چھُ جواب
دِنس کھوژان ۔ اَکہِ پھِرِ پرٛژھ تمہِ مے زِ ژےٚ رٛتہٕ کن چھی
یم ساری چیز یاد تہٕ ژےٚ کُس چھی یم ؤنان ؟ مے دوپمس پنٕنہِ
ٹاٹھہٕ نانی ۔ ہنا گوو جہانگیر گوتن تہٕ پتہٕ ووتھ ۔ وِل تو رُم فکرِ ،
میانہِ نانی چھنا بڈ و نہے گژھان ۔ توٚے اوس مے ماسٹر جی ؤنان
" نانہِ روس شُرگوو پانہِ روس دانہِ ۔ "

# ۱۰۔ کھاندَر

اؤشہِ ٹاٹھی تۄہہِ حض چھُو مُبارَک۔ تۄہِ چھُو جاوید صأبَس کھاندَر کۆرمُت۔

ٹاٹھ خأر مُبارک۔ اللہ تعالیٰ وِژھن چانِٕن تہِ۔

اؤشہِ کیا حَض سال کھیٚو پانٕسے۔ اَسہِ تہِ پٔژھی زِ ہو

ٹاٹھ ہتو مے پھیٚور سٕحٕ۔ اَکی ہے اَکی ہے پٔژ ژُھم، دو پٔکھ تم چھِ دِلہِ گٔمتی۔ پٔبٹھہِ تۄرنہٕ فکرے یہِ کیأری گو وصحیح۔ مٔنزِ میأری اُس کتھ تُجٕمو۔ أسی گَے ببنہِ ٹاٹھ تہٕ بٔہ گرٕ وُچھنہِ۔ أسی ژاے گوڈٕ ہمسایَن نِش مولوٗم کرنہِ زِ گرٕ کیٚتھ کیاہ چھُ؟ تِمَو ووٚن رُت تہٕ لائق۔ پَتہٕ ژاے أسی کورِ مألی سُند۔ تِمَو أنی کۆر بروٚنہہ کُن۔ کۆروٗ چھ شریف، صفت دار تہٕ گاٹٕج۔ تُٕتی ترٛاوِس تھَف۔ ببنہِ ٹاٹھہِ لٔاجنٔس واُج۔ مے لوگمٔس گرٕی ہؤر۔

تِمو اوٚن دود۔ مِٹھاے تہٕ بادٲم چھُلِکھ۔
اِز بَند زولُکھ۔ تُلِتھ کوکرأ نِکھ۔ پَتہٕ چأوِکھ
نُنہٕ چاے۔ نوشہِ کوٚر میوٚٹھا تہٕ دژاے۔

اۆشہِ — نِشانہٕ پٹھ کیاہ کوٚرٕو؟

ٹٲٹھ — تی ہیوٚ امَے وَنُن۔ اَمہِ پَتہٕ پنداہ دُہ گر نِشانی۔
یَمے ماسہِ، پوپھہِ سَمے یہٕ۔ أسی گے زنانہٕ دَہ تہٕ مرد
دَہ۔ ستی نیوٚو میو مَجمہٕ، کیکہِ مَجمہ تہٕ مِٹھایہٕ مَجمہٕ۔
ماہرِ نی أنِکھ بروٗنہہ کُن۔ اَسہِ ترووُس اَڈبو
وَستاہ وَستاہ تہٕ اَڈبو ترووُس نقدٕے۔ اورٕ
یورٕ گرقسم دِژ یاہ۔ کھناہ چیناہ کوٚر تہٕ دژاے۔

اۆشہِ — حاضری پٹھ کیاہ سوٚز تِمو؟

ٹٲٹھ — اَسہِ وَناو تِمَن حاضری ژھوٹراو و۔ مگر تِمو
مون نہٕ۔ تِم آے زَنانو مردوسان پنداہ
نفر۔ لڑکس تژ اوٕکھ وِچھونی۔ وازٕ واناہ
بِکھیوکھ تہٕ دژاے خدایس حوالہٕ۔

اۆشہِ — تہٕ کھاندر کر کوٚرٕو؟

ٹاٹھ ترٚیہِ رِتی پَتہٕ کوٚر کھاندَر۔

اوٗشہِ کھاندَرس پیٹھ کیاہ چھو تُہۍ کران ؟

ٹاٹھ گوٚبرِ مأٔلِس چھنہٕ گبوٗ مَتھُن یا مَل مأٔنزِ ہنز
تقریب آسانِے۔ مگر کورِ مالبوٚ موٚتھ گبوٗ۔
دوٚیمہِ دوہ اُس مأٔنزِ راتھ۔ اَسہِ سوٗز مأٔنز تہٕ
تتھ پیٹھ سونہٕ سبٹ۔ گرِ لٲج مہرازَس مأٔنز۔
گوٚبرِ مالِبوٚ تہٕ کورِ مالبوٚ دوٚنوٕے کوٚر پَکنہِ پَکنہِ گرِ
گوٕناہ کِندناہ۔ نوشوٗ کوربو وٕنۍ ہُری۔ یینہِ
والِکۍ دوہ پُاروو مہرازٕ۔ پَتہٕ تُل دَسبوس۔
دوہلہِ دِژگرِ سَب۔ شامَن دژاو مہرازٕ ہووُر
گُن۔ سالَرگھٲتی موٹَرن منز تہٕ واُتی کورِ مأٔلی
سُند۔ دَپان تمو اوس زوٗل کوٚرمُت۔ زَنانہٕ
آسہِ ہُری وَنان۔ مہرازَس تژاوِکھ پوشہِ
مالہِ۔ سالَربیٹھی تہٕ گییہِ نِکاح خوانی شروع۔
مہرِ اوس برونٹھے مُقرر کوٚرمُت۔ نِکاح کاکد
آولِکھنہٕ۔ مُفتی صأبَن پوٚر خطبہٕ تہٕ موٚکُن دُعا۔

پَتہٕ آے کھزر بأ گرَنہٕ ۔ اَمہِ پَتہٕ گُڑکھ مہرِ نی تہٕ واُژ وارِ کارِ واُرِو ۔ مہے تجمس مُہر تہٕ تُمی دِژِنم خشہِ کأنٹھ ، واُج ۔ زَنانہٕ آسہٕ وَنہٕ وان ۔ بیکہ دوہ گرٲسہِ وَٹھل ۔ تمن اوس پژوژھ مُت ترٛہن نفرَن ، مگر تم آے صرف شُراہ نفر ۔ ستہِ دُہ گیہِ مہرِ نی پھرِ تہٕ أتھی ستی کوٗرُکھ مہرازَس پھرِ سال ۔



(بشکریہ انٹرنیٹ)

# ۱۱۔ زاٗنُن ماٗنُن

سُلہٕ اوس سبٹھاہ غریب۔ تَچھِ بَچھِ اوس کران، مگر پوٗران اوسُس نہٕ کێنہہ۔ اکہِ دوہ کوٚرُن زنانہِ سٟتؠ مشوٗرٕ زِ وِل کیاہ کرَو۔ تمہِ دوپنَس، مےٚ چھُ بوٗزمُت زِ ہجرت کرنہٕ سٟتؠ چھےٚ غربَتھ ژَلان۔ اَوِ کنہِ کوٚر یمَو ہِجرت کرنُک فیصلہٕ۔ صُبحاُے دژاے یم شُری باٗژ ہیتھ شہرَس کُن۔ پکان پکان واٗتؠ یم أکِس جنگلس منٛز۔ اَتہِ دِتکھ تھکھ۔ سَخ یوچھِ اُسکھ لٔجمٕو تہٕ ہیوتکھ بَتہٕ رنٛنگ سٔز کرُن۔ سُلہٕ چھُ وَنان أکِس نێچِوِس زِ ژٕ اَن زیٖنُن۔ سُہ دژاو زِیُن اَننہِ۔ بٔکِس وۄنُن ژٕ اَن گاسہِ تہٕ وُٹھ گاسَس رَز تہٕ سُہ دژاو رَز وُٹھنہِ۔ زنانہٕ دژا یہِ آب اَننہِ۔ سُلہٕ چھُ پانہٕ گُلِس سٟتؠ ڈوکھ دِوان۔

گُلِس پیٹھ بہتھ اَکھ جاناور اوس یہِ سورُے وُچھان۔ یہِ جاناور چھُ پانَس سٟتؠ سونچان زِ شاید چھِ یم مےٚ مارنُک سٔز کران۔ تِکیازِ اَکھ گوٚو رَز وُٹھنہِ، بیاکھ گوٚو زِیُن سوٚمبرنہِ تہٕ زنانہٕ گیہِ آب اَننہِ۔ یم زاٗلَن نار تہِ۔ اَوِ کنہِ چھُ جاناور بانبران تہٕ سُلَس کُن وَنان۔ ہے تُہؠ

کیاز مأرِو مے؟ میانہِ مارنہٕ ستی ییٚو نہٕ توہہِ یڈ۔ اگر تُہۍ مے یلہٕ
ترٛاُوِو تہٕ زِندٕ روزنہٕ دِیوٗ، بہٕ وَنَو توہہِ موٕلِل کتھ۔ سُلہٕ چھُ یہٕ بوٗزِتھ
حأران گوٚھان تہٕ ہَنا تاب گٔرِتھ جاناورس گُن وَنان۔ آ۔ اَسہِ چھکھ
ژٕ مأرُن۔ وِل گوو ژٕ وَن سہٕ موٕلِل کتھ، تیٚلہِ ترٛاووتھ یلہٕ۔

جاناور چھُس وَنان زِ تُہۍ کھٕنِو یتھ گُلۍ گوڈس تل تہٕ اَتہِ لبِو
اَکھ خزانہٕ۔ سُلنۍ زنانہٕ آیہٕ آب ہیتھ۔ اکھ نیٚچو آو زِنۍ گینڈ ہیتھ تہٕ
بیاکھ آو گاسہٕ بور ہیتھ تہٕ لوٚگ رز وُٹھنہِ۔ سُلہٕ چھُ یمن سارِنے
وَنان زِ تُہۍ چھِوٕ ترٛیشہِ داماہ تہٕ یِکو اَسۍ کھنَو یتھ گُلۍ گوڈس تل۔ ترٛیش
چِھنہٕ پیتہٕ چھِ یم سأری گُلۍ گوڈس تل کھنَن ہوان۔ واریاہ کھننہٕ پتہٕ
چھُ اَتہِ پرٛے اَکھ خزانہٕ نیران۔ یم سأری گے سبٹھا خوش تہٕ چھِ
یہٕ خزانہٕ وَٹان۔ یم چھِ راتھ اُتھۍ جنگلس منز گزأرِتھ صُبحأے دُبارٕ پنٕن
گرِ کُن قدم دِوان۔ یم وأتۍ گرٕ تہٕ لگۍ رِتۍ پأٹھۍ پنٕن لوہ لنگر چیلاونہِ۔

اَندۍ پکۍ ہمسایہِ چھِ یہنز پاپرجائی وُچھِتھ حأران گوٚھان تہٕ
راز زانٕنچ کوٚشِش کران۔ مگر سُلہٕ تہٕ تمۍ سُند عیال چھِنہٕ پنٕن راز کأنسہِ
وَنان۔ اکہِ دوہ چھُ سُلہٕ پَننہِ زنانہِ وَنان زِ ژٕ اَنتہٕ ہمسایہِ
گرٕ ٹہٕ واُمِلس نِش ترٕٛکر۔ سُلنۍ زنانہٕ چھےٚ گرٕ ٹہٕ وألۍ سُند گرِ گوٚھان تہٕ

تِمَن تڑٕکر منگان۔ گرٹہٕ وأنلی ہنز زنانہٕ چھےٚ لوتہِ پأٹھی تڑکرِ پوترِس تلہٕ گنہِ کِلم متھان، تاکہِ اَمہِ ہتی نَنہِ ژِ یِمَن کیاہ چُھ تولُن۔ سُلَس تہٕ تِمی ہندِس عیالَس اُسنہٕ اَچ خبر۔ تِم چھِ خزانہٕ منزٕ حاصِل سپدَن وا جنہِ سونہٕ ہنزٕ اشرفیہِ تولان تہٕ پَتہٕ چھِ گرٹہٕ وأنلِس ہمسایَس تڑٕکر واپس کران۔ ہمسایَن ہنز چال اُس کامیاب سپزٕمٕژ تہٕ تڑکرِ پوترِس تلہٕ کنہِ اُس کِلم آسنہٕ کنی اَکھ اشرفی لاریمٕژ۔ گرٹہٕ وأنلی ہنز زنانہٕ چھےٚ اکہِ دوہ سُلنہِ زنانہِ پڑژھان زِ توہہِ کتہِ اَنو سونہٕ ہنزٕ اشرفی۔ وِں اوس راز فاش گومُت، اَوِ کنی چھےٚ سُلنی زنانہٕ اَمِس سورُے حال بوزناوان۔

کیٚنہہ دوہ پَتہٕ دڑاو گرٹہٕ وول تہِ پَنُن عیال ہیتھ جنگل کُن۔ تَس اُس ووٚمید زِ سُتہِ لَبہِ خزانہٕ۔ گرٹہٕ وول ییٚلہِ جنگل ووت، سُہ چُھ پَننہٕ نِمن شُربن ونان زِ تُہی اَنِو زِیُن تہٕ بیہِ وُٹھو گاسہٕ رَز۔ زَنانہِ ووٚنُن ژٕ اَن آب۔ مگر عیال اوس نافرمان۔ شُربو ووٚنہَس زِ اُسی گژھونہٕ۔ زنانہِ ووٚنہٕ نَس ہٕ چھس تھچِمٕژ، ژٕ گوٚژھ پانَے۔ تام گوٚو کُلِس پیٹھ جاناور حاضِر تہٕ چُھ گرٹہٕ وأنلِس کُن وَنان، تُہی کیاہ چھِو یَتہِ کران؟ گرٹہٕ وول چھس وَنان زِ اَسہِ چھکھ ژٕ مارُن، نَتہٕ وَن جَل زِ

خزانہٕ کتھ جایہِ چھُ۔ جاناور چھُ اَسناہ ترأوِتھ وٕنان زِ تُہۍ ہکوٕ نہٕ
میے کانہہ نقصان واتنأوِتھ۔ تِکیازِ توہہِ چھُونہٕ اِتفاق۔ یِمَن لُکَن نہٕ
زانُن مانُن آسہِ، تِم ہمکَن نہٕ کانُسہِ زیرٕ کٔرِتھ تہٕ نہٕ ہمکَن کانہہ اِنعام
حاصِل کٔرِتھ۔ یہِ وٕنِتھ چھُ جانوار وُپھ تُلان تہٕ ژٕلان۔ گرٕژٕ وول تہٕ
تَسند عیال چھُ دِیان تہٕ ژھرِوے اَتھو پَنٕن گرٕ گُن واپس نیران۔

(یِمہِ ڈلیلہِ ہُند مرکزی خیال چھُ لُکہٕ ڈلیلہِ پٔٹھہِ بنہٕ آمُت)

# ١٢۔ حبہٕ خوتوٗن



أمۍ سُند اصل ناو اوس زوٗن۔ یہٕ زایہٕ ١۵۴١ء تہٕ ١۵۵٢ء درمیان سری نگرس نکھہٕ ژندٕہار گامس منز۔ أمۍ ہندِس مأُلس اوس ناو عبدیٖ راُتھر۔ زوٗن چھےٚ تعلیم حأصل کرنہٕ خأطر اوخن صأبس نِش ژاٹہٕ ہال سوزنہٕ یوان۔ یہٕ اُس عأقل، خوش اَخلاق تہٕ خوٗبصوٗرت۔ أمِس آو أکِس زمیندار لُڑکس سِتۍ کھاندر کرنہٕ۔ تُمۍ سُند ناو اوس عزیز لون۔ یہٕ اوس اکھ بددِماغ انسان۔ یہٕ روٗد زوٗنہِ رنگہٕ رنگہٕ سِتم کران۔ اُتھر چُھ کشیرِ ہندِس بادشاہ یوسف شاہِ چکس زوٗنہِ سِتۍ مُلاقات سپدان۔ اَمہِ پتہٕ چُھ زوٗنہِ ہُند نکاح یوسف شاہِ چکس سِتۍ سپدان تہٕ یتھہٕ کٔنۍ چھےٚ یہٕ مٔلی کأنۍ بنان۔ اَمہِ پتہٕ چُھ زوٗنِ ہُند ناو حبہٕ خوتوٗن تھاونہٕ یوان۔

ہندوستانک مغل بادشاہ اکبراعظم چھُ یوسُف شاہِ چکس دِلہِ ہیٚنٛج دعوت دِوان۔ یوٗسُف شاہ چک ووت دربارس منز مگر اکبرِ اعظم چھُس پھَند گرِتھ قاد کران۔ اَوٚ کنی چھےٚ حبہٕ خوتوٗنہِ زِندٕ ے جُدا ے گژھان۔ اُ مر گٔیہِ یہِ مغل دورس منز ۱۶۰۴ء منز رحمتِ حق۔ یہِ آیہِ اتھہٕ واجن سرینگرٕ دفن کرنہٕ۔ اتھہٕ وا چھِ اکھ مسجد، گریزس منز اکھ بال تہٕ سرینگرُک حبہٕ کدل چھِ اُمی ہندِس ناوس سٟتی منسوٗب۔

یہِ چھےٚ گوڈنچ کاشُر شاعر، یوس پننہِ نس کلامس منز خالص انسانی جذبات پیش کران چھےٚ۔ یہِ چھےٚ انسانی ضروٗرژ، باہمی محبت تہٕ ہم آہنگی ؤنی دِوان۔ حبہٕ خوتوٗنہِ ہندِس کلامَس منز چھِ ٹاکارٕ پاٹھی تمہِ وقتہٕ کین عصری حالاتن ہندی اِشارٕ میلان۔ اُمی سُند شاعرانہٕ شعوٗر چھُ ہاوان زِ تمہِ وقتہٕ تہِ آسہِ کاشرِ زنانہٕ تعلیم حاصِل کران۔ مگر اَمہِ باوجوٗد اُسی زَنانہٕ طبقَس سماجی سطحس پیٹھ رَنگہٕ رَنگہٕ سِتَم ژالنی پیوان۔ کوٗر زنہٕ اُس دَندَس تل گٔژھ گژھان۔ مادی مفاداتن ہُند عنصر اوس تیلہِ تہِ انسانی رِشتن ہندِس میچھرَس منز پٮ۪چھر پادٕ کران۔ ہَش اُس نوشہِ ہم چینی نَم دَگے کران۔ زنانہٕ آسہِ اقتصادی مادنَس منز تہِ سرگرم تہٕ ییٚندٕ رکٔتٕن اوس یہُند خاص کسب۔

أمِ ہندِس کلامس منز چھےٚ سادگی تہٕ موسیقی ہنز لَے۔ أمِ ہندی وژن تہٕ لولہٕ بأتھ چھِ لۄکن منز سیٹھا مقبۆل۔ یِم چھِ کھاندرن پیٹھ شوقہٕ ستی گیوٚنہٕ یِوان۔ کأشرِس لِکہٕ ادبس منز اوس حبہٕ خوتۆنِ برونہہ تہٕ وَژنک فارم موجۆد۔ مگر اَمہِ بنوو یہِ گوڈنِکہِ پھِرِ پننہٕ ئمن رۄمأنی خیالن ہندِ اظہارُک ذٔریعہِ تہٕ یہِ بنیاو سانہِ شأعری ہُند مزازٕ۔ أمِ ہندِس کلامس منز چھےٚ اکھ سنہٕ وِنی تہٕ ویہٕ وِنی لُکہٕ لَے۔ یِم وژن چھِ أمِ ہنزِ زندگی ہندبن سنٛن تہٕ ووٚنٛمن ہندی پیکر ووتلاوان۔



(بشکریہ انٹرنیٹ)

## ١٣۔ وێتھ

وێتھ چھُ دٔریاہس جہلمُک پرون تہٕ توٲریخی ناو۔ ازکل چھُ یہٕ دٔریاوٕ 'جہلم' ناوٕ سۭتۍ مشہوٗر۔ یہٕ دٔریاو چھُ کشیرِ ہندِس جنوبس منز واقع پانژال بالکہٕ پہاڑی سِلسِلہٕ کِس دامنس تل آباد ،ویری ناگ علاقس منز موٗجوٗد اکہِ ناگہٕ پێٹھہٕ نیران۔ اَتھ ناگس چھُ ناو 'چشمہ ویری ناگ'۔ اَمی کِنی چھِ اَتھ سارِسے علاقس ویری ناگ وَنان۔ جہلم چھُ ہندوستانک واحِد دٔریاو یُس جنوب پێٹھہٕ شُمالس کُن پکان چھُ۔ یہٕ دٔریاو چھُ سٕرپھہٕ سندی پٲٹھی وَردار آیہِ پکِتھ پنٕژ وَتھ کڑان۔ یہٕ چھُ برونہہ کُن پکِتھ دُومیل کِس مقامس پێٹھ کرشن گنگا (نیلم) دٔریاوس سۭتۍ رَلان۔

کشیرِ منز روزن والین لُکن ہنٛز اِبتداٲئی بُستی آسہٕ وێتھِ ہندِ بٹھن پێٹھے آباد گامژٕ۔ اَز تہِ چھِ سری نگر شہر، پامپر، سُنٛبل، سوپر، وَرمُل، اوٗڑی تہٕ مظفر آباد ہوٗی قصبہٕ اَمی کِنی بٹھن پێٹھ آباد۔ پَتھ کالہِ اوس یہٕ دٔریاو لُکن ہندِ روزگارُک اہم وٕسیلہٕ۔ یہٕ اوس اورٕ یور گژھنُک تہٕ مال سارنُک اہم ذٔریعہِ۔ یہٕ دٔریاو چھُ سبٹھا

مأری مۆ ند۔ راز، مہاراجہٕ تہٕ سالأنی اُسی ناوَن منز ہٕتھ اَمیک سأر
کران تہٕ لُطف تُلان۔

یہٕ دٔرِیاو چھ کشیرِ ہِندِس زراعتس سرسبز تہٕ شاداب تھاوان۔
یہٕ چھُ یتہِ کِس ماحولس تراوتھ بخشان۔ لچھہٕ بدی کأشری چھِ چینہٕ باپتھ
اَمی کُے آب ورتاوان۔ اَتھ دٔریاوس پیٹھ چھِ آبہٕ ستی چلن وألی ترٛینے
بجلی گر لوور جہلم، موہرا تہٕ اوڑی سِوَل پروجیکٹ بناونہٕ آمتی۔
یم چھِ بجلی پأدٕ کرِتھ کشیرِ ہنزِ معأشی تہٕ اقتصأدی ترقی منز اہم رول
اداکران۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اَز تہِ واریاہن لۄکن ہُند روزگار سیدٕ سیۄد
أتھی وبتھِ ستی وابستہٕ۔

وبتھِ پیٹھ چھ تقریباً ہتھ شتھ کٔدٕل بناونہٕ آمتی۔ یم کٔدٕل چھِ
اَپارِ یپور ترٛنس منز سہولت پأدٕ کران۔ یمَن منز چھِ واریاہ کٔدٕل
توأریخی اہمیت تھاوان تہٕ مختلف دورَن ہِندِ فنِ تعمیرٕکی نموٗنہٕ پیش کران۔ مثلاً
زأنہٕ کدل، بڈشاہ کدل، امیرا کدل، حبہٕ کدل، فتح کدل تہٕ زیرِو بٕڑج
بیترٕ۔ کینژن جاین چھِ رزٕ کٔدٕل تہٕ بناونہٕ آمتی۔ وبتھِ ہندی بٹھی چھِ
جایہٕ جایہٕ وِیرِ وارٕ و تہٕ پوشہِ گُلو ستی سجاونہٕ آمتی۔ ناوَن منز ہتھ چھُ
وبتھِ ہُند سأر کرنس مزٕ یوان۔ حکومت چھے اَتھ دٔریاوس منز جدید اُبی

ٹرانسپورٹس تہٕ اُبی کھیلن فروغ دِنٕچ کوٗشش کران۔ گنہٕ گنہٕ چھہٕ لُکھ سہل انگاری کاٗم ہوان۔ شُری چھہٕ لاپرواٗئی کران تہٕ ڈریاوس منز سران کرنہٕ وسان۔ امہٕ کِنی چھہٕ پرٛتھ ؤری یہٕ وارِیاہ جان ضایع گوٚھان۔ وبتھہٕ ہندِ خاطرٕ چھہٕ وارِیاہ مسلہٕ پاٗدٕ گمتی۔ بےٚ حِس لُکھ تہٕ نیم سرکاٗری ادارٕ چھہٕ ژھوٚٹھ، موم جامہٕ، مورٕدٕ جانور تہٕ ٹٔچن ہُند زَل مل سورٕے وبتھہٕ منز تراوان۔ امہٕ سٟتی چھہٕ ماحولیاتس ددارٕ واتان تہٕ انساٗنی زوٗن خاطرٕ چھہٕ زبردس خطرٕ پاٗدٕ گومت۔ قرآن شریف چھہٕ یتھ کتھہٕ پیٹھ زور دِوان زِ اُبی ذخیرٕ مہٕ گرِو آلوٗدٕ۔ وبتھہ صاف پاک تھاوٕنی تہٕ اُمچ راچھ راوٕٹھ کرٕنی چھہٕ اسہٕ سارِنی ہُند مشترکہٕ اخلاٗقی فرض۔

دپان اکھ بزرگ اوس لوکچارٕ پیٹھے وبتھہٕ ہندِس ڈنٛدس پیٹھ ہتھ وضوٗ کران تہٕ اتھہٕ بُتھ چھلان۔ پتہٕ اوس صُحفس پیٹھہٕ نماز پران تہٕ یادِ خدا کران۔ اکہٕ دوہ وُچھ لُکو زِ اُمی کوٗر میوٕ سٟتی تیمم تہٕ پرٛن نماز۔ دُعا منگنہٕ پتہٕ آو ڈریاوٕ بٹھس پیٹھ تہٕ لوٗگ لوٕرِ سٟتی ڈریاو پازنہٕ۔ یہٕ روٗد ژھوٚٹھ، موم جامہٕ تہٕ موردار جانور نبر کڈان تہٕ ڈریاو بٹھِس پیٹھ جمع کران۔ لوٗکو پرٛژھ ژھہس، حضرت یہٕ کیا چھوٗ کران؟ دوپنکھ ڈریاوس چھُس پاز کران۔ لوٗکو وونہس حضرت یم چیز چھہٕ اَسی ییر گوٚھنہٕ خاطرٕ

ژوان۔ تُہو کیازِ چھِو یم تھوٚد کھالان ؟ بُزرگن تھأو پننۍ کأم جأری
تہٕ ؤستی وونکھ ''وبتھ مہٕ گرِیوٚن ناپاک، نتہٕ گژھو أسی سأری پیٚر''



# ۱۴۔ طمع چھُنہٕ ہمان

دپان اَکھ پادشاہ اوس سیٹھا سخی۔ موٗنڈن، معذوٗرن، غریبن، یتیمن تہٕ حاجت مندن اوس وَڈِھ وأنجہِ مدد کران۔ کانہہ تہٕ اوسنہٕ أمِس سندِ درواز پیٹھہٕ خاٗلی نیران۔ أمِس پادشاہس اوس اکھ شہزادٕ۔ یہٕ شہزادٕ اوس فکرمند زِ پادشاہ گوژھنہٕ ساریے دولت بأگراوُن۔ یہٕ شہزادٕ اوس أتھی فکرِ منز مبتلا تہٕ اکہِ دوہ پرٛژھن پننِس مألِس۔ حضور میے وٕنی تو اکھ کتھ زِ تُہۍ چھُو ساریے دولت حاجت مندَن منز بأگران۔ میے رکھو کیاہ تھووٕ؟ میٛتے پئن دُنیاہ چلاوُن چھُ۔

پادشاہن دِتُس جواب۔ میانہِ شہزادٕ، میے چھےٚ چانہِ خاطرٕ بےٚ شمار دولت تھاوِمٕژ۔ شہزادٕ چھُس ونان سو کتہِ چھےٚ؟ پادشاہن وونُس ژٕ مہٕ بر غم۔ صرف گرٕ زِ ژٕ اکھ کأم۔ ییلہِ بہٕ مرٕ، میانہٕ أچھ تھاوِزٕ پانس نِش محفوظ۔ کینہہ وق گزرنہٕ پتہٕ گرٕ زِ یمَن أچھَن بۆلی۔ اَمہٕ ستی میلی ژےٚ دُنیاہک بوٚڈ خزانہٕ یُسنہٕ زانہہ سورِ۔

اکہِ دوہ گوو پادشاہ رحمتِ حق۔ وٕصیتہٕ مطابق تھاوِ شہزادن

پادشاہ سنز اَچھ پانس نش محفوظ۔ شہزا دِ بنیاو وِل پانہٕ پادشاہ۔ سلطنت اُس اَمی سندے حکمہٕ چلان۔ اکہٕ دوہ چھ یہٕ ماٹلی سنزن اَچھن بوٗلی کران۔ اَکس ترٛکرِ پاوِس منز آیہٕ اَچھ ترٛاونہٕ تہٕ بکس منز سون تہٕ روپھ، لعل تہٕ جواہرات۔ بڑی بڑی امیر تہٕ سوداگر آے تہٕ چھہِ بوٗلی دوان تہٕ مال تہٕ دولت ترٛکرِ پاوِس منز ترٛاوان۔ مگر ساری چھہِ حسرت کران زِ ترٛکرِ پوٗتر چھنہٕ نمان۔ ساری سے ملکس گیہٕ کربکھ۔ اَ پاری دژاو اکھ دوستِ خدا۔ اَمی تہٕ دِژ نظراہ۔ اَمی کوٗر ہنا سونچ تہٕ پلنوٗن تتھ ترٛکرِ پوترِس کُن اتھہٕ، یتھ منز پادشاہ سنز اَچھ تھاونہٕ آمژ آسہٕ۔ اَمی پھرِ یم اَچھ دُبہٕ۔ اچانک کھوٚت یہٕ ترٛکرِ پوٗتر ہیوٚر تہٕ مال تہٕ دولت وول پوٗتر گوو گوٚب۔

دوستِ خدا دژاو تہٕ دِتُن برونہہ کُن قدم۔ مگر پادشاہن اون واپس تہٕ پرٛژھنس یہٕ کیاہ معاملہٕ چھ؟ دوستِ خدا چھس ونان زِ ژے کمی وونُے یم اَچھ ترٛکرِ پوترِس منز ترٛاونہٕ۔ پادشاہن بوزنوٗس سوٗرے حال۔ دوستِ خدا چھُس جواب دِوان زِ کتھ چھےٚ صاف تہٕ ظاہر زِ یتِس کالس اَچھ ہیوٚرکُن وُچھان آسہٕ، تتِس کالس ہیوٚکنہٕ دُنیاہک کانہہ تہٕ خزانہٕ یمن چشمن سیر کرِتھ۔ یَیلہِ یم اَچھ پھرنہٕ

آیہٕ، سارٕنے خزانن ہنز اہمیت گیہٕ ختم۔ پادشاہس ئژ کتھ فکرِ زِ انسان ییٚتِس کالس ییتھ دُناہس منز چھُ، اُمِس چھُ ہُر تہٕ ژوز اُستھ تہٕ کہے باسان تہٕ یہٕ چھُنہٕ زانہہ تہٕ سیر گوٚھان ۔ وَژھن اُچھن ہنٛدی طمع چھِنہٕ ہمان تہٕ تھمان۔



(بشکریہ انٹرنیٹ)

# ۱۵۔ مے کۆر توبہٕ

أکِس گُری سوارَس اوس دۆر أکِس گامَس منز واتُن۔ یِیلہِ سہٕ اکہِ جنگلہٕ منزٕ دژاو تہٕ بُتھہِ پیوس اکھ ڈاکوٗ۔أمی رُکوو گُری سوار تہٕ وولُن گُرِ پێٹھہٕ بون۔ ڈاکوٗ کھۆت پانہٕ گُرِس تہٕ دوپُن أمِس پکناوُن گُر۔ ڈاکوَن واتنوو یہِ اکِس خوف ناک جایہِ، یتہِ جایہِ جایہِ انسان کرٛنزٕ چھکرِتھ أسی۔ ڈاکو چھُ گُری سوارَس ونان زِ ژٕ کڈ پنٛن سورُے مال نتہٕ آسہِ چون تہٕ یہے حشر۔ گُری سوار اوس چھۆنُے تہٕ چھۆتُے۔ڈاکوَن کٔر أمِس پۆرٕ تلاشی۔ مگر أمِس نِش دژاو نہٕ کینٛہہ۔ ڈاکون پرٛژھُنَس زِ ژٕ ے کۆت چھی گژھُن؟ گُری سوارن ووٚنُس ٔبہ چھُس حکیم، مے چھُ دۆر اکِس گامَس منز واتُن۔ تتہِ چھُ مے أکِس شاگردس سبق وُنُن۔ڈاکوَن پرٛژھُنس کُس سبق؟ گُری سوارن ووٚنُس سہٕ سبق یمہِ ستیٚ سہٕ میٚژِ سون بنأوِتھ ہیکہِ۔ ڈاکوَن وون نس مے ہێچھناوکھہِ سہٕ سبق ؟ گُری سوارن ووٚنُس آ۔ مگر تمہِ خأطرٕ چھُ شرط زِ ژٕ ے گژھی قوت برداش آسُن۔ ڈاکوَن ووٚنُس مے کیاہ چھُ کرُن۔گُری

سوارَن دوٚپُس ژٕرٮ۪ چھی پنٕنِس عیالس بروٚنٛہہ کنہِ ییٚڈ دادِ ییٚک بہانہٕ کرُن۔ ژٕرٮ۪ چھی چھوٗرٕ چھوٗرٕ کرٕنی۔ ییٚلہِ مےٚ یقین گٕژھہ زِ ژٕ گوکھ اَتھ منٛز کامیاب، تمےٚ ساتہٕ ونےٚ ہٕ ژٕرٮ۪ سہٕ سبق۔ نتہٕ گٕژھنہٕ سہٕ کارگر۔

ڈاکوَن ٹُل گُری سوار پانس ستیٖ تہٕ ووت گرٕ۔ زنانہِ ووٚنُن ژٕ بناو چاے، حکیم صاٲب چھُ آمُت۔ ڈاکوٗ لوٚگ ییٚڈ دادِ ستیٖ کربکہٕ دِنہِ تہٕ کھورِ گگھراونہِ۔ ڈاکوٗ سٕندی ساٲری گربٲژ آے اَلنہٕ تہٕ ولنہٕ۔ یم چھِ زارٕ پارٕ کران زِ حکیم صاٲب یمِس کرتہٕ علاج۔ حکیم چھُ ڈاکوٗ سٕنزِ زنانہِ ونان زِ اگر ژٕ أمی سُند دود رٹکھ، یہِ گٕژھ ٹھیک۔ ڈاکوٗ سٕنز زنانہٕ چھَس ونان نخھ حکیم صاٲب۔ ہٕ چھَس شُری وا ژتیٖ۔ یہِ چھُ کارِ بدکران۔ تکیٚتن تمیک شرٕ۔

حکیم صاٲب چھُ ڈاکوٗ سٕنزِ ماجہِ ونان زِ ژٕ رَٹھ اکی سُند دود، تیٚلہِ گٕژھ یہِ ٹھیک۔ مٲج چھَس ونان مےٚ چھا یُہےٚ یوت اَولاد! مےٚ چھِ ساٲری ہوی۔ أمِس وَناو مےٚ گرِگرِ ژٕ تژاوتہٕ یم کارِ اطوار، مگرکس! یہِ چھُ تمہِ کُے سفر ٹلان۔ ہٕ کیاہ کرس۔ مےٚ چھَنہٕ ہکبتھ۔

حکیم صاٲب چھُ ڈاکوٗ سٕندِس مأٔلس ونان زِ ژٕ رَٹھ أمی سُند دود۔ مول چھُ ونان نہ ہٕ کیاز رَٹہٕ۔ مےٚ چھا تژ ہکبتھ۔ ہٕ پانہٕ سوریا مُت۔ نتہٕ چھا مےٚ پانس کم داٗدی، وِل رَٹہٕ أمی سُند۔ ژٕ ھنُس تژٹھ۔

أمِس ہے ئہٕ وِزِوِزِ اوُسس نصیحت کران۔ أمی مون نہٕ زانہہ۔ حکیم صأب چُھ ڈاکوٗ سنزِ ببنہِ ونان ژٕ رَٹھ بأے سُند دود تاکہِ یہِ گژھ آزاد۔ ڈاکو سنز بیٚنہِ چھَس جواب دِوان زِ أکیاہ چھس زنانہٕ۔ییٚلہِ نہٕ یہِ رَٹس مے کیاہ گوو۔ ئہٕ چھَس لوٗکٹ تہٕ لأو۔ أمہِ چھِ توتہٕ دوہ ژور کڈۍمتۍ۔

ڈاکوٗ چُھ یہِ سورُے ژِتران تہٕ أمی گری چھوڑ چھوڑ کرٕنکی بہانہٕ بند۔ موچھِ زٕ وچن تہٕ تجُن دَو۔ حکیم دوریاس پتہٕ تہٕ تھف گرِتھ وونُس زِ ژٕ بوز سبق۔ ڈاکوٗ چھُس جواب دِوان، ژے مورا وبتھ مے أچھ۔ مے پہندِ خأطر پٔنُن دین تہٕ ایمان زول، تم چھِ مے نِش دوٗر ژلان۔ وِل کمہِ خأطر چھُ مے پان مارُن۔ ییتِس کالس ئہٕ لوٗٹھ گرِتھ یمَن کھیاوان تہٕ چاوان اوُسس، تیتِس کالس اوُسس ئہٕ جان۔ مگر ییٚلہِ فکرِ توٗرکھ زِ مے آو بٔنِتھ، تمہِ ساتہٕ چھِم ژوٗر تہٕ ذلیل قرار دِوان۔ ئہٕ کرٕنہٕ وِل پہندِ خأطر پٔنُن دُناہ تہٕ آخرت خراب۔ مے کوٚر توبہٕ۔

# ١٦۔ سرسیداحمد خان

یِہندناو اوس سیداحمد خان تہٕ 'سر' اوسکھ انگریزن ہِندِ طرفہٕ دِنہٕ آمُت خطاب۔ یِم زاے ۱۸۱۷ء دِلہِ منز۔ یِہندی جد اُسی شاہ جہانٕنہٕ وقتہٕ ہرات پٮ۪ٹھہٕ ہندوستان آمٕتی تہٕ رۄزی مغل دربارس منز اہم کامہٕ انجام دِوان۔ اکبرشاہ ثانی چھ اَمی سِندِس ماٗلس سید متقی یس وزیر مقرر کران۔ مگر تم چھنہٕ یہِ عہدٕ قبول کران۔ سیداحمد خان اوس وِنہٕ لوکچہٕ وُانسہِ منزٕے زِ ۱۸۳۸ء منز گزریاو اَمس مول۔ اَمی سنز ماجِ اُس اَکس کاٗشرِس شالہِ باپاری سنز کوٗر۔ سو چھےٚ اَمس رٕژ تربیت تہٕ تعلیم دِنس منز اہم رول اداکران۔ سو اُس سبٕٹھا نیک، سمجھدار تہٕ نرم دِل۔

ماٗلی سِندِ مرنہٕ پتہٕ چھِ سرسیداحمد صدر امین سِندِس عدالتس منز سرشتہٕ دار مقرر سپدان۔ پتہٕ چھُ یِمَن پننہٕ نو ذاتی صلاحیژ وٕجہ صدر امین سُند عہدٕ دِنہٕ یِوان۔ دِلہِ منز منصف سِندِ حٲثیتہٕ کاٗم انجام دِنس دوران چھِ یِم دِلہِ ہنزن پرانین عمارژن متعلق 'آثارُ الصنادید' ناوٕچ کتاب لیکھان۔ ۱۸۵۸ء منز گیہِ اَمس مرادآباد تبدیلی، یَتہِ اَمی اَکھ

انگریزی سکوٗل کھوٗل تہٕ بیہِ برٹش انڈیا ایسوسی ایشن' ناوٕچ اکھ انجمن تہٕ قائم کٔر۔ اَمہِ علاوٕ کھوٗلُن غازی پورس منز بیاکھ سکوٗل تہٕ بیہِ کٔرن سرکشی بجنور' ناوٕچ کتاب تہٕ چھاپ۔

۱۸۶۹ء منز چھِ یم ولایت گوٚھان یتہٕ یمو انگریزن ہنٛدِ تہذیبک تہٕ معاشرتی زندگی ہُند مطالعہٕ کوٚر۔ ہندوستان واپس یتھ چھِ یم 'تہذیبُ الاخلاق' ناوُک اکھ رسالہٕ شائع کران یتھ منز مذہبی، اخلاقی تہٕ معاشرتی موضوٗعن پیٹھ مقالہٕ درج اُسی۔ یہِ رسالہٕ جارٕی کرنک مقصد اوس مسلمانن منز پاداہ گمتی غلط عقیدٕ تہٕ توہم پرستی دوٗر کرٕنی۔ تہنٛد اَخلاق دُرست کرٕن۔ تہنٛدین خیالن منز کُشادگی اَنٕنی، تاکہِ تم تُلن نوِ زمانٕچ کیٛو سائنسی تہٕ تکنیکی علمو نِشہِ فائدٕ۔ ۱۸۷۶ء منز گوو یہِ ملازمتہٕ نِشہِ سبکدوش۔ اَمہِ پتہٕ چھِ یم مسلمانن ہنٛدِ خاطرٕ علی گڑھس منز جدید طرزُک اکھ کالج بناونک سنز کران۔ ۱۸۷۷ء منز چھےٚ اَمہٕ کالجٕچ بُنیاد ترٛاونہٕ یوان۔ پتہٕ چھُ یہے کالج ترقی کران تہٕ یُس اَز علی گڑھ مسلم یونیورسٹی' ہنٛزِ شکلِ منز اَسہِ برونٛہہ کنہِ چھُ۔ سرسید احمد خان چھِ ۱۸۹۸ء منز رحمتِ حق سپدان۔ یم آے یونیورسٹی ہنٛزِ جامع مسجدِ ہنٛدس آنگنس منز دفن کرنہٕ۔

ہندوستان کین مسلمانن ہنٛزِ ترقی خاطرٕ یہِ کینٛژھا یمو کوٚر تہٕ

چُھ اکھ اہم کارنامہٕ۔ ۱۸۵۷ء کہِ غدرٕ پتہٕ چھِ انگریز، مسلمانن پٹھ سخت ظلم کران۔ تِم اُسی مسلمانو نِشہِ بدظون تہٕ تِمن ہُند خیال اوس زِ فوجی بغاوتس تہٕ لُکن ہنٛز شوٗرشہِ پتہٕ کنہِ چُھ مسلمانن ہُند اتھہٕ۔ مسلمانن تہٕ اُس انگریزن ہنٛز دٕے گُھرٕ تہٕ یِم تہٕ اُسی تِمونِشہِ دوٗر دوٗر ہوان۔ یِم اُسی انگریزی تعلیم، انگریزی پلوپوشاک تہٕ انگریزی مال غرض انگریزن ہنٛدِ پرٛتھ چیزٕ نِشہِ لوب ہوان۔ اَمیک نتیجہٕ دڑاو یہٕ زِ مسلمان روٗدی تعلیمی، اقتِصادی، معاشرتی تہٕ سیاسی مأدانن منز پسماندٕ۔ سرسید احمد خان چُھ مسلمانن ہنٛز یہٕ حالت وُچھتھ تِمَن فکرِ تاران زِ سائنس مفادس منز چھےٚ یہےٚ کتھ زِ اُسی یِمو انگریزن نکھہٕ۔ اَمیک پیٛو رُت اثر۔ مسلمان لٲگی انگریزی تعلیم پرنہِ تہٕ یِم گےٚ نوِ زمانچو ضروٗرژو تہٕ نزاکژو نِشہِ واقِف۔

سرسید احمد خان اُسی تھدِ پایکی ادیب، اَمی ہندی تحریرکرنہٕ آمٕتی مضموٗن چھِ سادٕ تہٕ پُرمغز۔ یِمَن منز چھےٚ ظرافت تہٕ نزاکژ ہنٛز خصوصیت۔ اَمی ہندین تحریرن منز چھےٚ قوٗمچ دگ، پزر تہٕ خلوٗس ٲسی پأٹھی درٛینٹھی گوھان۔ اَمی سُند نثر چُھ سلیس تہٕ پُراثر۔ اَمہِ ستی گیہِ صحافتکِس مأدانس منز اکھ نٔو تہٕ صحت مند نہج شروع۔ اَمہِ علاوٕ آو تنقیدی شعور تہٕ بارس۔ یِم چھِ مسلمانن منز جدید سائنسی فکرِ وُتش دِوان۔

# ١٧۔ عأقل غلام

دپان ایران کِس أکِس بادشاہ عمرولیث سُند اکھ غلام چھُ بأغی گوٚھتھ ژلان۔ مگر لوٚگن لٔج أمِچ خبر تہٕ یہٕ آو گرفتار کٔرِتھ بادشاہ سٕندِس دربارس منز پیش کرنہٕ۔ بادشاہ سٕندِس أکِس وٗزیرس اوس یہٕ غلام دوٗن أچھن کھران۔ أمی ییٚلہِ غلام سٕندِ ژٕلنچ خبر بوٗز، یہٕ چھُ بادشاہس مشورٕ دِوان زِ أمِس غلامس گژھہِ کلہٕ ژٹنہٕ یِنُن۔ اگر نہٕ تہٕ سپد، اَمہٕ سٟتی بِگرن باقی غلام تہٕ۔

غلامن زون زِ وٗزیر چھُ ضِد آسنہٕ کِنی مے مارناوُن یژھان۔ اَوِ کِنی چھُ غلام، بادشاہ سٕندِس خدمتس منز اَدبہٕ سان عرض کران۔ بادشاہ سلامت ! بٔہ حٔض چھُس تُہند حق نمک۔ بٔہ حٔض چھُس پزی کِنی خطاوار۔ مگر میأنِس دِلس منز چھُ تُہند محبت تہٕ احترام برابر موٚجوٗد۔ تۆے چھُس عرض کران زِ میون خون گوژھنہٕ تُہنزِ گردنہِ کھسُن۔ بٔہ حٔض چھُس نہٕ یژھان زِ ییٚلہِ روزِ محشرس منز تو ہہِ میأنِس خوٗنس

متعلق پرٛژھنہٕ پیہِ تہٕ تو ہہٕ گوِھ ژھوپہٕ۔ وِں اگر توہہِ بٕہ مارٕنۍ چھُسو، اَمہِ خاطرٕ گرِو کانْہہ مناسب جواز پاٛدٕ۔ بادشاہ چھُس پرٛژھان زِ سہٕ کِتھہٕ پاٹھۍ چھُ ممکن ؟

غلام چھُ فوراً جواب دِوان۔ بادشاہ سلامت ! اگر مےٚ اِجازت آسہِ بٕہ کرن یہِ وٗزیرٕ قتل تہٕ پَتہٕ گرِو تُہۍ مےٚ اُتھی جُرمس منز ہلاک۔ یہٕ بوٗزِتھ چھُ بادشاہس اَسُن یِوان تہٕ سہٕ چھُ وزیرَس کُن وُچھِتھ تِمس اِشارٕنۍ منز پرٛژھان زِ وِں کیا مشورٕ چھُ؟ وزیر چھُ پھرٛٹہٕ ہوٗتۍ جواب دِوان۔ بادشاہ سلامت ! خدایہِ سندِ پاسہٕ گرۍ تون یہِ جل جل آزاد ، نتہٕ کرِ یہِ خبر کیاہ فِتنہٕ۔

# ۱۸۔ خدا یَس حوالہٕ

یہٕ اوس ۱۹۹۶ء تہٕ ٹوٹھ اوس صوٗرۍ ہسپتالس منز داخل۔ بہٕ اوسُس تسٕ ستی تتہِ تقریباً اَکس ہفتس۔ ژھنۍ کنٕ اوس بۆڈس پیٹھ بیاکھ بیمار۔ یہ اوس بزرگ تہٕ نوٗرانی چھہرٕ۔ خاموش طبعیت مگر ژھبتہٕ گومت۔ منٛزٕ منٛزٕ اوس پانٕسے ستی ونان "شمیم صاب آونہٕ"۔ ستی اَسس گرٕ واتی۔ سوے اَسس تیمارداری کران، تٕلان تہٕ تراوان تہٕ دَواہ چاوان۔ یہٕ دبد ماج اُس بااَخلاق، دانشمند تہٕ باہمت۔ بجر کنٕ اُس تھکتھ پیوان مگر کانسہِ اَسنہٕ محسوٗس کرنہٕ دِوان۔ تمی سنٛز وفاداری تہٕ تابعداری اُس لامثال۔ میانٛس دِلس منز تہِ گوو تمِس عظیم دبد ماجہِ ہندِ خاطر عزت تہٕ احترام پاد۔

اکہِ پھرِ پرٛژھ مے تمِس زِ توہہ کُس چھو بیہ گرس منز؟ تمہِ وون بس اکھ خدا۔ مے پرٛژھُمس کیازِ، شُرۍ کتہِ چھو؟ تمہِ ترٛوو زِ بوٗٹھ ووشاہ تہٕ ووٗنِن تم گے خدا یَس حوالہٕ۔ اکھ بچہٕ گوو لوکچارِ سے کرہرس۔ بیاکھ لڑکہٕ اوس سبٹھا فرمانبردار تہٕ لائق۔ تمی

کوٚر ایم۔کام۔ اَسہِ اوس پرٛتھ دوہ شامن کھور چھلان۔ پلَو اوسُم چھلان۔ بازرٕ اوس دود ژٕوٹ تہٕ سودا سبزی انان۔ کِچنس منز اوسُم مدد دِوان۔ ہاکھ تام اوسُم ژاٗرِتھ دِوان۔ دوہس اوس یاتہٕ پران یا گرٕ چن کامن منز آوٗر آسان۔

اکہِ دوہ اوس کالہٕ پیٹھے بیمار۔ وٕری اوس ۱۹۹۰ء۔ کلس اوسُس دود تہٕ کمزور اوس۔ صُبحاٗے گوو اعلان زِ کریک ڈاوٗن گوو تہٕ ساٗری نیٚرو گرَو منزٕ۔ مےٚ وونمس شمیم صاٗبا ووتھ نیر۔ دوپنم مےٚ چھُنہٕ ہیکتھے۔دوپمس بلایہٕ لگے، جلدی یِکھ واپس۔ یِمَن پیٹھ چھا بھروسہٕ۔ سُہ دژا و وارٕ وارٕ۔ ژورِ بجہٕ تژاوِکھ لُکھ۔ مگر شمیم صاٗب آونہٕ کینہہ۔ واریا ہن لوٗکن ستی اوسکھ سُہ تہِ کیمپس منز واتنووُمت۔

ہٕ گٔیس پریشان۔ اُکرہے اُکرہے چھُس پرٛژھان۔دوپُکھ کینہہ چھُنہٕ پرواے۔ تمِس تژاوَن جلدٕے۔ تمِس چھا کینہہ لور! دوہ دوہ گوو گوھان۔ ژوٗرِمہِ دوہ واٗژ ہنگہٕ منگہٕ خبرٕ زِ تمی ہنز لاش واٗژ پُلسہٕ تھانس منزٕ۔ اَسہِ گوو مند نبن شام۔ اُچھن گوو اَنہِ گوٹ۔ سوُرے شہر آو ژٕسِتھ۔ لُکو دوٚپ یہِ کرون شہید مرگزارس منز دفن۔ کینہہ اُسی ونان محلہٕ کِس آباٗئی مرگزارس منزٕ۔تام آو ایس۔ ایچ۔او صاٗب

مےٚ زنش۔ ژٕمی وونِن مے یہِ ژٕ ونکھ تی کرِو۔ مےٚ سوٗنچ زِ شہید مرگزار چُھ دوٗر۔ بہٕ چھس دستگیر صأبن وسانہٕ، تو تہٕ آسس فاتح پران۔ شہید اوٗنکھ گرٕ۔ پتہٕ پتھ ترٛووُکھ۔ مےٚ وُچھمَس بُتھ۔ آلوکوڑمس دشمیم صأبا! ژٕمی مُوراوِ اُچھ تہٕ اَتہٕ وُژھ اوٗش دَدرائے۔ مےٚ دوپمس گوٚڈٕ ژٕ تہٕ خدایس حوالہٕ، اَسہِ تہٕ چھِ خدایس حوالہٕ۔ سأنی ہزنہٕ فکر۔ پتہٕ آو سُہ خانبار دستگیر صأبنہِ دفن کرنہٕ۔

اَمہِ پتہٕ آو گوڈنیک ماہِ سیام۔ سحرِ پتہٕ پرٛم نماز تہٕ تام پیوم شمیم صأب ژٕنیتس۔ سُہ اوس افطارچ تہٕ سحرچ سأرے تیأری کران۔ گُس سبز سبز ہاکھ اوس انان۔ اُتھی ستی آیم ہندرِ زول۔ شمیم صأب آم بروہنہ کُن۔ ووٚنُم "مِمی ژٕ کیازِ چھکھ اِتھے ہش۔ بہٕ چھُسے ماہِ رمضانس یٔارِ آمُت"۔ صُبح چہٕ کہہ بجے ہشہِ آسہٕ ہن زِ درواز ژایہٕ میأنی ہنز۔ تمہِ اوس بیکس منز سبز ہاکھ اوٚنمُت۔ ژارِتھ تہٕ اوسُن گرے اوٚنمُت۔ مےٚ ووٚنمس ژٕ ے کیازِ کوٚرُتھ تکلیف۔ دوپنم یہِ گُس تکلیف چھُ، شمیم صأب آم خوابس منز تہٕ ووٚنم زِ ژٕ نہٕ ممی خأطرِ ہاکھ، سو چھےٚ گُنی ژٕنی۔

دبد ماجہِ بوزنووٚنم بیاکھ واقعہٕ۔ دوپُن مےٚ چھُ مالیُن نزدیکے۔ خانداریس ووٚنم بہٕ یمہ مالنہِ نظر دِتھ۔ مالیُن واٚتُس۔ گأنتہٕ کھنڈ گوو

تہٕ مےٚ آیہِ ہندرِ زول۔ شمیم صاب آو تہٕ ووننم ژٕ وات جلدٕ ے گرٕ۔
ڈیڈی چھِ تھوومُت کنٔے زون۔ بٔہ دژا لیس واپس تہٕ واُژس گرٕ۔
میأنی خاندارن ہیوٚت شمیم صأبُن أندری تہٕ تنٕہ پتھٕے ووٚتُس بیمار۔
سو دبدمأج اُس پٔژن یہٕے بٔبُن پھران۔ تام آے ہسپتال وارڈس منز
ڈاکٹر جلال صأب تہٕ تِمس ماتحت باقی ڈاکٹر۔ یِم چھِ أمی ہندِس خاندارس
ملاحظہٕ کران۔ اَمہِ پتہٕ ووٚنکھ أمِس دبدماجہِ کیاھتام تہٕ دژاے۔ مےٚ
پژوٚ ژھ أمِس ڈاکٹر صأبن کیاہ وون ؟ تمہِ وون زِ ڈاکٹر صأبن وون
یہِ چھےٚ وِل سڑیأمو بٔتی، یتھ أسی زپراہ دِتھ پکناوان چھِ۔
یہِ ہیکہِ کُنہِ تہٕ ساتہٕ ژھبتہٕ گژتھ۔ أمِس گژھ خدمتھ کرٕنی۔ دبدماجہِ وون،
خبرگَس وق آسہِ پتہٕ گژھ خدائیس حوالہٕ۔



(بشکریہ انٹرنیٹ)

# ۱۹۔ یُس مےٗ زاو سُے مےٗ ٹوٹھ

رزاق کا کس اوس اکھ نیٚچو تۂ ناو اوُسس گُلہٕ۔ سخ اوُسس ٹوٹھ۔ ژھا یَن تۂ گراین اوُسس وُچھان۔ رو چھُن پولُن تۂ کھاندر کوٗرنس۔ گُلس زاو اکھ مأری موند تۂ نُندٕ بون نیٚچو۔ اکہِ دوہ اوس گُلہٕ وارِ منز ژٔونی کُلبن لنجہِ ژٹان۔ رزاق کا کھ دژاو گرٕ نبر تۂ وُچھن زِ گُلہٕ اوس ژٔونی کُلس پیٚٹھ لنجہِ ژٹان۔ مگر یہِ وُچھِتھ گوو پریشان زِ سہٕ اوس ژٔونی کُلس پیٹھ واریاہ ہیوٚ رکھوتمت۔ رزاق کا کھ چھُس کربکھ دِوان، ہیو گُلہ، تلا بون وَس۔ اَ تہِ ہا چھی پیٚنگ خطرٕ۔ مگر گُلس چھنہٕ رَژھ تۂ اُلہٕ گزار گوھان۔ یہِ روٗد برابر لنجہِ ژٹان۔ رزاق کا کھ گوو زیادَے پریشان۔ یہِ وُچھِتھ وو شلیاو زِ گُلہٕ اوس ژٔونی کُلس ہیوٚ رہیوٚ رکھسان۔ رزاق کا کھ آو تۂ بیوٚٹھ اُتھی ژٔونی کُلِس تل۔ گُلن وونُس ہیو بابا اَ تہِ ما بیہہ۔ لنجہِ ہا پیٚنَے پیٹھ۔ رزاق کا کھ چھُس ونان مےٗ چھےٚ چاٗنی فِکر۔ ژٕ وَستہٕ بون۔ گُلن وونُس نا بابا مےٗ نا چھنہٕ پرواے۔ ژٕ ووتھ ژٔونی گُلہِ تلہٕ تھوٚد۔ رزاق کا کس اُس واُنج اَتھس کبتھ۔ یہِ ژاوگرٕ تۂ پوٚت کھوری



دژاو واپس۔ کھونہِ منز اوُسس گُلن شُر۔ یہِ بیۆٹھ ہیہِ ژۆنٛی گُلس تل۔ گُلس پیہِ نظر تہٕ وونس، بابا یہِ کۆت کوٚڈتھن یور ! اَتہِ ووتھۆ تھوٚد۔ یہِ ہا مرِ۔ أمِس ہا پیہِ کیٚنہہ پیٹھ۔ رزاق کاکن وون نَس کیٚنہہ چھُنہٕ پرواے۔ مگر گُلہٕ گوو پرٛیشان۔ وونہٕ نَس بابا نانا، اَتہِ ووتھۆ تھوٚد۔ ژٕ نا چھُکھنہٕ أمی ہندِس مرنَس تہِ وُچھان۔ رزاق کاکہ چھُس جواب دِوان، ییلہٕ نہٕ ژےٚ میانٛس نیٚچوِ ہنزِ زندگی ہُند خیال چھی، ئہ کیازِ تھاوٕ چانٛس نیٚچوِ سُند خیال۔ یہِ بوٗزِتھ گوو گُلہٕ شرمندٕ تہٕ ووتھ ژۆنٛی گُلہِ پیٹھہٕ بون۔

# ۲۰۔ جَٹہٕ

پُلِسس منٛز بھرتی گوٚھنہٕ خاطرٕ چھ اَکھ وۄمیدوار اِنٹرویوٗ دِوان وَنان۔ ''اَکہِ پھِرِ پھُٹراوِم سہہس گرٛدَن۔ ہٕسی تِس دِتِم کرٛس وَر۔ ہاپتس پھُٹراوِم زَنگہٕ۔ شالِس کٔرم ہٕنٛگن تھف تہٕ دِتِم ٹاس کٔرِتھ پَتھرٕ داوٗرِتھ''۔

پوٗلیس اَفسر گوٚو زبردَس خوش تہٕ پرٛژھس ہاراونی سان پرٛژھان زِ پَتہٕ کیاہ گوٚو؟ وۄمیدوار چھ جواب دِوان، پَتہٕ کیاہ گوٚھ ہے۔ دُکاندارَن دِیُتِم گٔنڈ دَکہٕ تہٕ آس تماشہِ وانہٕ منٛز نمبر لاگنہٕ۔

موٗل ۔۔۔ بٹہٕ گوٚبراہ ژٕ کھوٗزِ چھُکھ قلم کاغذ رٔٹِتھ گرِس پٹھ بِہِتھ؟

بٹہٕ ۔۔۔ اَسہِ ہَش چھ ماسٹرجیَن وۄنمُت گرِس پیٹھ مضموٗن لیکھُن۔

اَخبارَس منٛز چھپیہ یہِ خَبر زِ یمہِ شہرٕکی اَڈی لُکھ چھِ بیوقوف۔ یہِ خَبر پرٕتھ تُل لُکو شور تہٕ کوٚرُکھ سخ احتجاج۔ اَخبارٕکرِ ایڈیٹرَن مَنٛگ معاوٗفی۔ بٕلکہِ دوہ چھپیہ یہِ اَمِکِس تردیدَس منٛز یہِ خَبر زِ یمہِ شہرٕکی اَڈی لُکھ چھِنہٕ بیوقوف۔

# ۲۱۔ میأنۍ جِگر

گاشس تہٕ تُمۍ سِندِس بأیِس اُس نانۍ وِزِ وِزِ ونان زِ تٔہۍ چھو میأنۍ جِگر۔ مگر یمن اوسنہٕ اَمیُک مطلب فکرِ تران۔ گاشہِ اوس شیمہِ تہٕ أمۍ سُند بوے ژوٗرمہِ جماژ پرن۔ سکوٗل اوس گرِ نشہِ میل کھنڈ دوٗر۔ محلکۍ باقی شُری تہِ اُسۍ أتھۍ سکوٗلس منز پران۔ اَمیُک ناو اوس ماڈل سکول۔ مگر لُکھ اُسۍ اَتھ میر صأبنہٕ محلُک سکوٗل ونان۔ ماسٹرجی اوس دوہے رِژرِژ کتھہٕ بوزناوان۔ شُری تہِ اُسۍ مزِسان بوزان۔ گرِ وأتِتھ اُسۍ پننہٕ عمن برٕہن تہِ یم ڈلیلہٕ بوزناوان۔ اَزتہِ بوزناوٗنکھ ماسٹرجین اکھ ڈلیل۔

''دپان حضرتِ عیسیٰ سِندِ برونہہ پیش آمُت واقعہٕ چھ زِ اَکھ لڑکہٕ اوس أکِس کورِ سٕتۍ کھاندر کرُن یژھان۔ مگر تمہِ کورِ تھوونَس شرط زِ ژٕ اَن پننہِ ماجہِ ہُند دِل، اَدٕ کرٕ بہٕ ژےٕ سٕتۍ کھاندر۔ لڑکہٕ ووت ماجہِ نِش تہٕ ووننہٕ نس یہِ سورُے حال۔ ماجہِ دوٗپُنس یہِ کوس کتھ چھےٚ! ژٕ چھکھ مٕیون جگر۔ اگر ژٕ أمۍ سٕتۍ خوش روزکھ، مےٚ چھُنہٕ کانہہ اعتراض۔ لڑکہٕ چھ ماجہِ ہُند دِل ہتھ نیران تہٕ چھ تیز تیز قدم تراوان۔ اچانک لوگس

ٹھونک تہٕ ماجہِ ہُند دِل آو سڑکہِ پیٹھ لاینہٕ۔ اَمہِ دِلہٕ منٛز درٛاییہِ آواز 'میانہِ جگرا! لوگیے ما؟''

گاشن تہٕ بوٗز یہِ ڈٲلیل تہٕ بوزناؤن گرِ۔ مگر اُمیک مطلب آسنہٕ سمجھ۔ گاشُن مول اوس اکھ سرکٲری مُلازم۔ کینہہ کال پتہٕ گیہِ اُمی سٕندِس ماٲلِس تبدیلی تہٕ سُہ ووت کشیٖرِ نبر بیٚکِس شہرس منٛز۔ گاشہِ تہٕ اُمی سُند بوے تہٕ واتی ماٲلِس ماجہِ سٟتی کشیٖرِ نبر۔ نانی روٗزِ کھ کشیٖرِ منٛزے۔ شُربن اوس نانہِ ہُند سخ پھیران۔ نانہِ تہٕ اُس تٔمن ہنٛز فکر تہٕ تس اُسی تٔمن ہندی براٗنتی گوھان۔

اکہِ دوہ گیہِ کشیٖرِ منٛز دوبجہِ بہٕہ بجہِ زبردست فائرنگ۔ افراتفری منٛز لگی لُکھ اورِ یور ژلنہِ تہٕ زُو بچاونہِ۔ ژوپاٚری وُتھ ترٛٹہٕ بُزُن تہٕ لُکھ ژاے شروٗ کٔنن۔ گاشنٕی نانی درٛاییہِ دَوان دَوان سکوٗلس کُن تاکہِ سُہ اَنہِ سکوٗلہٕ پیٹھہٕ شُربن۔ اَفراتفری ہندِس عالمس منٛز واٗژ یہِ پھٕرٛکہٕ ہٕوے سکوٗلس نزدیکہٕ۔ مگر اُمِس پیوٚ وِن یاد زِ میاٚنی جگر (شُری) چھہِ خدایس حوالہٕ کشیٖرِ نبر گمتی۔ یہِ واقعہٕ بوٗزِتھ تور گاشس ماسٹرجی سٕندِ دِسی بوزناونہٕ آمٕژ ڈٲلیل تہٕ نانہِ ہُند میاٚنی جگر وننک مطلب فکرِ۔

۲۲۔

# بچن باپتھ بہادری ہندی قومی ایوارڈ

ہندوستانس منز چھِ بچن ہندِ خاطرٕ قومی سطحکۍ پانژھ اعزاز یا ایوارڈ دِنہٕ یِوان۔ یم ایوارڈ چھِ ۶ پیٹھہٕ ۱۸ ؤری شہِ وٲنسہِ ہندبن بچن، تِہندِ ذٔسی بہادری ہندی خاص کارنامہٕ انجام دِنس پیٹھ دِنہٕ یِوان۔ بچن ہندِ خاطرٕ سارِوے کھوتہٕ بوڈ ایوارڈ چھُ ''بھارت راشٹریہ ویرتا پُرسکار'' (ہندوستانک بہادری ہُند قومی ایوارڈ)۔ یہِ قومی ایوارڈ آو ۱۹۵۷ء منز شروٗع کرنہٕ۔ یہِ اوس ۲ اکتوبر ۱۹۵۷ء گاندھی جینتی ہُند دوہ تہٕ دہلی ہندِس رام لیلا مٲدانس منز اوس بھارتک وزیراعظم پنڈت جواہر لال نہرو اکہِ تقریبِ ہُند معائنہ کران۔ أتھی دوران لوٚگ بجلی شارٹ سرِکٹ گوژھنہٕ کِنۍ شامیانس نار۔ اکھ ژوداہ ؤہُر (سکاوٗٹ) لڑکہٕ ہریش چندر چھُ آناً فاناً شژ اکہِ ستی شامیانچہ رَزٕ ژٕٹتھ، دزوِنس شامیانس پتھر پاوان۔ أمہِ ستی بچاو تمۍ ہتہٕ بدبن لُکن ہنز زندگی۔ أمی واقعن کور جواہر لال نہرو زبردست متاثر۔ أمی وجہ کِنۍ آو بھارت راشٹریہ ویرتا پُرسکار شروٗع کرنہٕ۔

۴ فروٗری ۱۹۵۸ء دوہ آو گوڈنیک بھارت راشٹریہ وِیرتا پُرسکار، اُمی سےٚ ہریش چندر تہٕ بِکس اُرکس لڑکس دِنہٕ۔ یہِ چھُ اکھ سِوِل نوعیتُک قومی ایوارڈ۔ یہِ ایوارڈ حاصِل کرن وٲلِس چھُ اکھ گولڈ میڈل، سند تہٕ نقد رقم انعام دِنہٕ یِوان۔ ۲۰۱۳ء تام آو گُلس پیٹھ ۸۴۶ بچن یہِ ایوارڈ دِنہٕ، یِمَن منز ۶۰۲ لڑکہٕ تہٕ ۲۴۴ کورِ شٲمِل چھےٚ۔ یِمَن منز چھِ جموں وکشمیرٕکۍ تہٕ ژور بچہٕ شٲمِل۔ یِمَن ہِندۍ ناو چھِ:- سنیل سنگھ (وٲنس ۱۱ وٕری)، ۲۰۰۰ء۔ رابرٹ کروٗسر (وٲنس ۱۳ وٕری)، ۲۰۰۰ء۔ سُربتیت سنگھ (وٲنس ۱۸ وٕری)، ۲۰۰۱ء۔ امریک سنگھ (وٲنس ۲۰ وٕری)، ۲۰۰۱ء۔

اُمی قِسمٕکۍ بہادری ہِندۍ مزید ژور قومی ایوارڈ چھِ:-

۱۔ سنجے چوپڑا ایوارڈ۔ یہِ آو ۱۹۷۸ء منز شروع کرنہٕ۔

۲۔ گیتا چوپڑا ایوارڈ۔ یہِ آو ۱۹۷۸ء منز شروع کرنہٕ۔

۳۔ بھارت ایوارڈ۔ یہِ آو ۱۹۸۷ء منز شروع کرنہٕ۔

۴۔ باپو گایدھنی ایوارڈ۔ یہِ آو ۱۹۸۸ء منز شروع کرنہٕ۔

یِم ایوارڈ رٹن والین بچن چھِ روپہٕ ہِندۍ میڈل (تمغہٕ)، سند تہٕ نقد رقم بطورِ انعام دِنہٕ یِوان۔ قومی سطحٕکۍ ایوارڈ حاصل کرن والین بچن چھُ

تعلیم مکمل کرنہِ خاطر باقاعدٕ ریتہٕ وار مالی مدد تہٕ دِنہٕ یِوان۔ یہِ مالی مدد چھُ اِنڈیَن کونصل فار چائلڈ ویلفیر (اِنڈین کونصل برائے بہبوٗدِ اطفال) کہِ طرفہٕ سپانسرشپ پروگرامس تحت، زیرِ سکیم اِندرا گاندھی سکالرشِپ دِنہٕ یِوان۔ ۲۰۰۹ ء منز چھُ بھارت سرکارکہِ طرفہٕ اعلان کرنہٕ یِوان زِ یِم ایوارڈ حاصل کرن والین شُربن ہِندِ خاطر ہِن میڈیکل، انجنرنگ تہٕ پالی ٹیکنک کالجن منز کینہہ سیٹہٕ مخصوص تھاونہٕ۔

اِنڈیَن قونسل فار چائلڈ ویلفیر کہِ طرفہٕ چھِ پرٛتھ ؤریہِ 'قومی بہادری ایوارڈ' رٹن والین شُربن ہُند انتخاب کرنہٕ خاطر درخواست طلب کرنہٕ یِوان۔ یِم درخواست چھِ مقامی تہٕ ضلع دفتر تہٕ سکوٗل ہشہٕ سرکاری ایجنسی تہٕ اِدارو پیٹھہٕ، اِنڈیَن قونسل فار چائلڈ ویلفیر دفترس سوزنہٕ یِوان۔ یِم درخواست گوٚژھن لازمی طور ۳۰ ستمبر تام متعلقہٕ دفترس منز واتنۍ۔ ایوارڈ رٹن والین ہُند انتخاب چھُ اُمہِ دفتر کہِ طرفہٕ مقرر کرنہٕ آمژِ کمیٹی ہِندِ ذریعہِ کرنہٕ یِوان۔ صدرِ جمہوٗریہ، نائب صدرِ جمہوٗریہ، مرکزی سماجی بہبوٗد بورڈ، بھارتی پولیس، آل اِنڈیا ریڈیو، دوٗر درشن تہٕ نیشنل بال بھون ہوبن سرکاری تہٕ غارسرکاری اعلیٰ اِدارن ہِندی نُمایندٕ چھِ اُمہِ کمیٹی ہِندی ممبر آسان۔

عام طور چھ ایوارڈن ہُند اعلان ۱۴ نومبر یومِ اطفال کِس موقعس پیٹھ یا اَمہِ پتہٕ جنوری ہندِس رتبس منز کرنہٕ یوان۔ اَتھی جنوری رتبس منز چھُ صدرِ جمہوریہ، ایوارڈ باپتھ ژارنہٕ آمتین بچن ہندِس اعزازس منز استقبالیہ دعوت دِوان۔ اَتھ موقعس پیٹھ چھِ ایوارڈ خاطر منتخب کرنہٕ آمتی بچہٕ میڈیاہس برونہہ کنہٕ یوان۔ یِم بچہِ چھِ ۲۶ جنوری دوہ نئی دہلی جن پتھ کِس پریڈس منز تہٕ شرکت کران۔ یِمَن بچن چھِ پندااُہمہِ اگست یومِ آزادی ہندِس موقس پیٹھ وزیرِ اعظم سندِ ذٔسی بہودری ہندی ایوارڈ (میڈل، سند تہٕ نقد انعام) دِنہٕ یوان۔



(بشکریہ انٹرنیٹ)

# ۲۳۔ شہباز

شہباز اوس کشیرِ منز اوڑی ہندِس اَکِس دوٗر دراز علاقس منز روزان۔ یہِ اوس اُٹھمہِ جماژ ہُند طالبِ علم۔ دوہ اوس ۸ اکتوبر ۲۰۰۵ء۔ شہباز اوس عام دوہکی پاٹھی ازتہٕ صُبحاُے سکوٗل ووتمت۔ اَمہِ ساتہٕ آسہٕ صبح چہِ نو بجے۔ یہِ اوس سکوٗلہٕ کِین باقی شُر بن ستی سکوٗلچہِ ہیرِ پیٹھ ہیتھ گھنٹی بجنس پرٛاران۔ وِنہٕ اوسنہٕ سکوٗلکہِ عملک کانہہ فرد آمت۔ نہٕ ماسٹر جی تہٕ نہٕ چپراُسی بیترِ۔ وِن آسہٕ ۹ بجے تہٕ ۲۲ منٹ۔ اچانک لٗج ساریے تھتھراے۔ گُلی گٹی ہلیاے تہٕ مکانن گوو کرٛاپھ کرٛاپھ۔ کھورٕو تلہٕ اُس زمین ژلان۔ شہبازن ترٛٲو دَو تہٕ ووت منز باگ مٲدانس۔ سکوٗلچ عمارت تہٕ باقی مکانہٕ لٗگی رِگرنہٕ۔ شُربو ترٛٲو دنس ہے۔ شہبازن گٲری ساری شُری سکوٗلکِس آنگنس منز جمع۔ تم کرنہٕ وِن ژھوپہٕ۔ تِمن رٛود حوصلہٕ دِوان۔ ژوپاٗری آسہٕ کربکہٕ گوھان۔ گُلی پھُٹ۔ بجلی پول آے وُکراونہٕ۔ وتہٕ گیہٕ بند۔ گردِ غُبار وُتھ۔ یہِ اوس خطرناک بُنیُل آمت۔ اَمِچ شِدت اُس ریکٹر سکیلس پیٹھ ۷ اَشاریہ ۶۔ شُربو ہیوٗت گرٛکُن دورُن۔ مگر شہبازن

حالت وٕچھتھ اُچھوکنۍ خوٗن هاران۔ اکہ لٹہِ آے ریڈیو، ٹی۔وی۔ تہٕ اخبار والی تہِ یمن شُربن نظر دِنہٕ۔ یمو پرٛژھی شهبازس تہِ کینہہ سوال۔ شهباز چھُ جواب دِوان ونان زِ ''اَسی مصیبت زدٕ چھِ پنہٕ نِس قسمتس پیٹھ وودان زِ اَسہِ کیاہ گوو؟ مگر یہِ همدرد وارڈن میڈم چھےٚ سانہِ خاطرٕ وودان۔ اُمِس گوو پٔنُن گرٕ تہِ مشتھ۔ جیلس منز بند قاٗدبن تہِ چھِ کُنہِ کُنہِ پنٕنی انگ اُشناو ملاقاتس یِوان۔ مگر اَسہِ کُس یِیہِ؟ اَسہِ ما روٗد کانہہ۔ مُنزِ چھُ اَسہِ خیال یِوان زِ اَسی کیازِ روٗدی زندٕ؟ مگر میڈمہِ هنز اِنسانیت وُچھِت چھُ اَسہِ سورُے مشتھ گوهان تہٕ اَسہِ چھُ یقین گوهان زِ خدا چھُ بوڈ چارٕ ساز تہٕ محافظ۔''

۱۹۵۷ء منز چھُ اکھ ژوداہ وُہُر لٔڑکہ هریش چندر، اَکِس سرکاری پروگرامس دوران دَزوٕنہِ شامیانچہِ رَزٕ ژٕٹتھ واریاہ لُکن هندی زُو بچاوان۔ وزیرِ اعظم جواهرلال نہرو چھُ یہِ کارنامہٕ وُچھِت متأثر گوهان۔ اَوٕکنۍ چھُ هریش چندر سُند کارنامہٕ پوٗرٕ عالمس منز مشهور۔ وارڈن میڈمہِ هنز فرض شناسی زانہٕ صرف شهباز تہٕ شهبازنہِ بهودری هندی عینی شواهد چھِ صرف تمی سندِ سکوٗلکی نافهم شُری۔ اَوٕکنۍ زانہٕ نہٕ شهبازَس تمی سندِ سکول کیو شُربو ورأے بیہِ کانہہ۔

دیُت نہٕ تِمَن نیرِ نہٕ۔ دوٚپنکھ گرٕگوٗ ھن چھُ خطرناک۔ اوٕر آسن ماسٹرجی پکان، گوڈٕ پرٕژھو تِمَن۔ مگر سکوٗل شُربن پیٹھ اوس زبردس خوف طاری گومُت۔ پانس اوسُکھ تھرٕتھرٕ تہٕ بُتھِس اُسِکھ لِدرِ ژَھٹھ پھیرِمٕژ۔ وِں اُسی لوٚکٕٹ لوٚکٕٹ جٹکہِ یِوان تہٕ دیوارن تہٕ مکانَن سترٕ کران۔ شہباز چھُ اُکِس ژھوپہٕ کرناوان تہٕ دَہ چھِ وودنس ہیٚتھ لان۔ مگر شہبازٕنی جُراَت مندی تہٕ حوصلہٕ چھُ تقریباً اکھ ہتھ شُربن ہنز زندگی بچاوان۔ کہہِ بجہِ ییلہِ بُنلی یِٹہٕ ہنا رُکییہ، یہِ چھُ شُربن پانس ستی تلِتھ تِمَن پتَن پتَن گرٕ واتناوُن یِوھان۔ بستی ہُند اوس نقشے بدلیا مُت، اَوٕکنی اوسنہٕ کانٛسہِ ہُند گرٕ لبنہٕ یِوان۔ شہبازن پکناوی سکوٗل شُری پانس ستی۔ یہِ ووت پتَن گرٕ مگر تتہِ اوسنہٕ کانٛہہ چیز موٗجوٗد۔ نہٕ گرٕ تہٕ نہٕ گرٕ واٗلی۔ اَمی کُر ہمتھ تہٕ سکوٗل شُری واتناوِنی دُبارٕ سکوٗل گراونڈس منز۔

کینٛہہ دوہ پتہٕ آے کینٛہہ شُری پنٕہ نٕن رِشتہٕ دارن تام واتناونہٕ۔ مگر شہباز اوس سُہ بدقسمت شُر یُسند مول ماٗج یا گرِیک کانٛہہ باٗژ اوسنہٕ بچامُت۔ اَوٕکنیٚ آو یہِ باقی یتیم شُربن ستی شالہٕ ماٗر سرینگرٕ اَکِس یتیم خانس منز واتناونہٕ۔ اَتہِ اُس اکھ نیک سیرت تہٕ ہمدرد خاتون وارڈن، یُس یِمَن ہنز دیکھ بال کران اُس۔ سوٚ چھے یِمن مصیبت زدٕ بچَن ہنز

حالت وِچھِتھ اُچھو کِنہِ خوٗن ہاران۔ اکہِ لٹہِ آے ریڈیو، ٹی۔ وی۔ تہٕ اخباروالی تہِ یِمن شُربن نظر دِنہٕ۔ یِمَو پرٛژھی شہبازس تہِ کینہہ سوال۔ شہباز چھُ جواب دِوان ونان زِ ''اُسی مصیبت زدٕ چھِ پنٕنِس قسمتس پتھ ووٚدان زِ اَسہِ کیاہ گوو؟ مگر یہِ ہمدرد وارڈن میڈم چھےٚ سانہِ خاطرٕ ووٚدان۔ اُمِس گوو پنُن گرٕ تہِ مُشِتھ۔ جیلس منز بند قاۓبن تہِ چھِ کُنہِ کُنہِ پنٕنِ انگ اُشناو ملاقاتس یِوان۔ مگر اَسہِ کُس یِیہِ؟ اَسہِ ما روٗد کانہہ۔ مُنزی چھُ اَسہِ خیال یِوان زِ اُسی کیازِ روٗدی زندٕ؟ مگر میڈمہِ ہنٛز اِنسانیت وُچھِت چھُ اَسہِ سورُے مُشِتھ گوھان تہٕ اَسہِ چھُ یقین گوھان زِ خدا چھُ بوڈ چارٕساز تہٕ محافظ۔''

۱۹۵۷ء منز چھُ اکھ ژوداہ وُہرٕ لڑکہِ ہریش چندر، اَکِس سرکاری پروگرامَس دوران دَزٕنہِ شامیانچہِ رَزٕ ژٕٹِتھ واریاہ ہَن لُکن ہندی زُو بچاوان۔ وزیرِاعظم جواہرلال نہرو چھُ یہِ کارنامہٕ وُچھِت مُتاثر گوھان۔ اَوِ کِنہِ چھُ ہریش چندر سُند کارنامہٕ پوٗرٕ عالمس منز مشہور۔ وارڈن میڈمہِ ہنٛز فرض شناسی زانہِ صرف شہباز تہٕ شہبازنہِ بہودری ہندی عینی شاہد چھِ صرف تمی سِندِ سکوٗلکی نافہم شُری۔ اَوِ کِنہِ زانِہٕ شہبازَس تمی سِندِ سکول کیٛو شُربو ورٲے بیٚیہِ کانہہ۔

# ۲۴۔ واز وان

وازٕ وان چھےٚ کشیرِ ہنز خاص ضِیافتھ۔ اُمیک ناو ہؠزی تھےٚ چھُ اُکسَس آب ہِوان۔ از اوس اَسہِ سال۔ ئہ دڑاس وُرِ پیٹھ تہٕ روٗدُس تماشہِ وُچھان۔ پجُن ماُری کٔڈ۔ وازَن ہؠو کپٹَن کرٕنی۔ تام وُتھ ایزٕمَن وازَس گُن۔ ہے ووستاہ، باگےٚ گٔرِی زِبس ٹھیکھ۔ ووستَن وۄنُس، ژٕ پُشر اوھٕن خدایَس۔ وُچھی تو ئہ کیاہ کرٕ۔ یِم گےٚ کانہِ ہؠتلی۔ یِمَن نیرِ تبکھ ماز۔ رانَن نیرِ مَوھ۔ مَرِوھ ۂنَن کبابہٕ، رِستہٕ تہٕ گوشتابہٕ۔ وازٕ چھُ کنگوی تہٕ لَچہٕ ہِکَس مجمَس پیٹھ ترٛاوان وَنان، یہٕ کیاھٕن گوٚو آبگوشہِ خاطرٕ۔ یہٕ ہاُری کوٚرُکھ ایزٕمنَس آلو تہٕ یہٕ ژاو اَندر۔ اَمی سُند ہمسایہٕ اَشرف صاُب چھُ وازَس پرٕژھان، یہٕ اُڈی جہِ دار ماز چھا روغن جوشہِ خاطرٕ؟ وازَن وۄنُس آہن ھٕن، اَتھ نیرِ روغن جوش تہٕ کوٚرمہٕ۔ اَ تہِ سۄزی تو آبگوشہِ خاطرٕ اوم دود تہٕ یخنہِ خاطرٕ زامُت دود۔ وازٕ وان گوٚو تیار گوھان تہٕ سالرٕی تہٕ گےٚ ہِوان۔

کینٛہہ کال پتہٕ وونُکھ وازَس، شیرٕ ھٕن بتہٕ۔ ترٛامِین تہٕ طش ناربن اُنٛع ٹھہراے۔ ترٛامِین چھُ بتہٕ شیرنہٕ ہِوان۔ اَکھ وازٕ چھُ ہُڈس وازَس گُن

وَنان، ووستہٕ رَجباہ، تژامہِ کیاہ چھُ لاگُن؟ ووستہٕ رَجَب چھُ جواب دِوان، تژامہِ پێٹھ لاگسأ کبابہٕ زٕ، تبکھ ماذ زٕ، دَنہِ پھوٚل، کوٗکُر تہٕ میتھہِ ماذ۔ اَشرف صأب چھُ وازَس پرٛژھان، کیاہ حض دِمہٕ آب؟ وازَن ووٚنُس، آہن حض دِیُٚ دَسپاک۔ یہِ بوٗزِتھ وُتھس ئہ وُرِ پێٹھہٕ تھوٚد تہٕ بیوٚٹھس سَبہِ منز۔ سالرَن أنِکھ طشں ناٗر بروٚتھہ کُن تہٕ پوٚھراوناوِکھ اتھہٕ۔ دسترخوان آو وَہراونہٕ۔ اَتھ پێٹھ آیہِ تژامہِ تھاونہٕ۔ پرٛتھ تژامہِ أندی أندی پێٹھی ژور ژور نفر۔ أکی بزرگَن دِژ آواز۔ گرِو حض بسمِ اللہ۔

أمہِ پَتہٕ ہیوٚت سارِوے بَتہٕ کھیوٚن۔ وازِ آو تہٕ تژووُن گوڈنیک گردِش۔ پرٛتھ تژامہِ تژاوِن ژور ژور رِستہٕ۔ أمہِ پَتہٕ ترووُن دوٚیم گردِش روغن جوش۔ أتھی سِتی واُتی زا ئتی دوٚدٕ پیالہٕ۔ پرٛتھ تژامہِ اَکھ اَکھ پیالہٕ۔ ترٛییم گردِش تژووُکھ کورمہٕ۔ ژوٗرِم گردِش اوٚس پالکھ۔ أتھی دوران واُتی پولاو پلیٹ۔ پاٗنژِم اوٚس ژامَن۔ شیٚم گردِش تژووُکھ آبگوش۔ اُخرَس پێٹھ تژووُکھ یخنہِ رَس تہٕ گوشتابہٕ۔ ژوک ژوک تہٕ مزِدار۔ بَتہٕ موکلوٚوُکھ کھبتھ تہٕ پوٚرُکھ حمد۔ تژامہِ گَے وَٹان۔ دسترخوان ٹیوٚکھ۔ دبہِ واُژ طشں ناٗر۔ سارِوے پوٚھرو اتھہٕ۔ وِں بأ گرا وِکھ دَندِ مشہِ۔ أمہِ پَتہٕ بأ گرا وِکھ فرنہِ پلیٹ۔ وازِ وان کھبتھ دژاے اکہِ اکہِ

سأری پٔنٛن پٔنٛن گرٕ۔ بٕہ تہٕ ووٚتُس گرٕ۔ اَبوٗ جیٚس پرٕژھم زِ کول ڈرنک تہٕ سپاری کیازِ گرِکھ واپس۔ تُمؠ وون یم سأری چیز چھِ مُضرِ صحت تہٕ بیٚیہِ چھُنہٕ یمن چیٖزن واژٕ وانس ہتی کانہہ واٹھ۔ یم پٔشراونہٕ آمٕتی چیز چھِ واژٕ وانٛچ شکل بگراوان تہٕ ذائقہ خراب کران۔



# ۲۵۔ فریژ دبد

فریژ دبد اُس اَکھ کاشُر زنانہٕ۔ یہٕ اُس وَرمُلہِ محلے ککر حمامَس منز روزان۔ اَمِس کوٗرُکھ کھاندَر۔ مگر کینٛہہ کال پتہٕ گیہٕ یہٕ مونٛڈ۔ یہٕ اُس باغاَرتھ تہٕ بہوٗدُر زَنٛی۔ جنگلہِ منز اُس زیوٗن اَنتھ کَنان تہٕ گزارٕ کران۔ پانہٕ غریب آسنہٕ باوجوٗد اُس یہٕ سارنٕے اَکاربکار یِوان۔ کانٛسہِ ہُند تکلیف اوُسس نہٕ زرونہٕ یِوان۔

اَکہِ دوہ اُس جنگل گمُت۔ دِودارَن تہٕ یارِ گُلِین ژٕٹِن لَنگ۔ تمِہِ ستی ٹُکراوِنی تہٕ گرِن زِنٛی گیڈ تیار۔ یہٕ تُجن کلس پٮ۪ٹھ تہٕ دِژن گرِ گُن قدم۔ اَڈوَتہِ دِژن تھکھ۔ سَخ ترێش اَسس لَجمُت۔ پان اوُسس عاَرَقہٕ عاَرَق۔ بیہِ تُجن زِنٛی گیڈ کلَس پٮ۪ٹھ تہٕ دژلیہِ برونہہ کُن۔ ییِلہِ بستی منز واتژ، اَتہِ وُچھن ہوٗل ہالے۔ شُری اَسی شُرٕ کنٛین ژامتی۔ زنانہٕ آسہٕ وَچھ ژٹان تہٕ وودان۔ مرد اَسی ژٕستھ آمتی تہٕ نعرٕ دِوان۔ فریژ دبدِ کوٗر معلوٗم تہٕ نِنیاس زِ مہراجہِ سندی فوجن چلاوِ پرامن جلوٗسَس پٮ۪ٹھ گولہِ۔ کینٛہہ لُکھ گیہ مارٕ تہٕ واریاہ گیہ زخمی۔

فریژ دبدٕ گرٕن خوٗنس گژکھ۔ یہ ژا یہ پَنہٕ نس آنگنس منز۔ ترٛیشہِ دام چون تہٕ دژٲلہِ مہرا جہ سندِ فوجک مقابلہٕ کرنہٕ۔ لُکھ اُسی کنو تہٕ سیر بو ستی مقابلہٕ کران۔ مہراجہ سُند فوج چھ بیہ گولہِ چلاوان تہٕ لُکن گیہِ چھگ۔ مگر فریژ دبد چھےٚ کُنی ژٔنی جنگلہٕ منز اَنموٚو زٟنی ہربو ستی مقابلہٕ کران۔ اُخرس گر مہاراجہ سندی فوجن اُمس پیٹھ فایرنگ تہٕ گُرکھ شہید۔ یہ چھُ ۱۹۳۱ء ہُند واقعہٕ تہٕ فریژ دبد چھےٚ گوڈنچ کاشُر زنانہٕ، یوسہٕ مہراجہ سندِس ظُلمس تہٕ جبرس خِلاف جدوجہد کران پنُن زُو قُربان کران چھےٚ۔ مگر اِ ژھ چھےٚ بیہِ تہِ کینٛہہ زنانہٕ یمو ۱۹۳۱ء منز پنہٕ نِن سینن پیٹھ گولہِ کھیٚیہ۔ یموٕ ے منزٕ اُس اسلام آباد کوتوال محلچ موختہٕ دبد تہٕ۔

# ۲۶۔ شالہٕ مار باغ

شالہٕ مار باغ چھ لال چوک سرِی نگرٕ پیٹھٕ نو میل دۄر شُمال مشرقس منز زبروَن بالہٕ دامنَس تل، ڈَل بٔٹھِس اَندر پہن واقع۔ اَمِکس شُمالس منز چھ تیل بل تہٕ برزٕ ہوم تہٕ مشرق کَنہٕ ڈوڈ میل دۄر گُشن آثارَن ہُند سہٕ مقام یتھ شڈاڈ وَن یا ہأروَن وَنان چھِ۔ اَمہِ باغٕچ بُنیاد چھےٚ مغل بادشاہ جہانگیرن ۱۶۱۹ء منز ترٲو مِژ۔ اَتھ اوس أمی فرح بخش ناو تھووُمت۔ شاہ جہانَن نس دورَس منٛزٕ ے چھ مُغل گورنر ظفر خان اَتھ مزید وُسعت دِوان۔

اَمہِ باغُک زیٖچھر چھ ۶۹۰ گز تہٕ کھجر ۲۷۰ گز۔ یہٕ باغ چھ ژون برابر طبقن منز بأ گرِتھ۔ اَتھ چھ أندئ أندئ کنٛمن تہٕ سیر بن ہُند دَہ فُٹ تھوٗد دیوار۔ اَمہِ باغہٕ منٛزی چھےٚ اَکھ کول وسان، یُس ہأرون نالہٕ منزٕ نیرِتھ تالہٕ کَنہٕ باغس منز اَژان چھےٚ۔ اَمیک آب چھ دامنہٕ کَنہٕ نیرِتھ ڈلس منز وسان۔ اَتھ کولہِ منز چھِ خوبصوٗرت فنوارٕ تہٕ حوض بناونہٕ آمٕتی۔ باغہٕ کنٛمن ژوشوٗنی طبقن منز چھےٚ کولہِ پیٹھ کرٛینہِ سنگِ مرمچہٕ

بالادرِ بناوِنہٕ آمژ یمو پیٹھہٕ فنوارن ہُند نظارٕ وچھنہٕ یِوان چھُ۔

یہِ باغ چھُ سبٹھا مأری مۆند تہٕ حُسین۔ أمی کنِن پوشہٕ گُلنن ہنز خوشبوے، سرَو تہٕ صنوبرن ہنز خۆبصوٗرتی، مأدانن ہُند سبزار تہٕ بوٚنہٕ گُلنن ہُند شیٖہجار چھُ لچھہٕ بدٕبن سالانن ہُند استقبال کران تہٕ تِمن ہندی دِل شادکران۔ اَمکہِ ماحوٗلچ خاموشی چھےٚ ذہنس سکوٗن بخشان۔ شالہِ مأر باغ چھُنہٕ صرف پنٕنہِ خۆبصوٗرتی کِنی یوت مشہوٗر بلکہِ چھُ یہِ باغ اکھ توأریخی حیثیت تہِ تھاوان۔ یہِ چھُ مُغل دورکہِ فنِ تعمیرُک اعلیٰ نموٗنہٕ پیش کران۔



# ۲۷۔ غلام احمد مہجورؔ

اُمی سُند اصل ناو اوس پیرغلام احمد تہٕ مہجورؔ اوسُس تخلص۔ یہِ زاو ۱۱/اگست ۱۸۸۷ء منز مِترگام پلوامہِ۔ اُمی ہیوٚچھ گوڈٕ گرِ ہےمنز پرٕن لیکھُن۔ پَتہٕ آو یہِ ترٛالس منز علی گنائی (عاشق ترالی) سِندِس مکتبس منز داخل کرنہٕ۔ ۱۹۰۱ء منز چھ یہِ سری نگرس منز مدرسہ نُصرۃ الاسلامس منز داخل کرنہٕ یوان۔ اَتہِ چھ یہِ باضابطہٕ تعلیم حاصل کران۔ ۱۹۰۸ء منز چھ یہِ محکمہ مال کس سندِ حیثیتہٕ لداخس منز تعینات کرنہٕ یوان۔ برونہہ کُن پکتھ بنیاو یہِ پٹوارٕی۔ یہِ چھ کشیرِ ہندِ بِن مختلف علاقن منز کامہ انجام دِوان۔

یہِ اوس اکھ باشعوٗر، نظرباز تہٕ ژٕکی در کاشُر۔ ۱۹۳۴ء منز چھ سری نگرٕکس نُمائش گاہس منز سرکاری مشاعرک انتظام کرنہٕ یوان۔ مہجور چھ گوڈنکہِ پھِرِ اَتھ سرکاری مشاعرس منز اکھ کاشِر نظم "باغِ نشاط کے گلو نازکران کران وولو" پیش کران۔ اُمی سُنز بیاکھ نظم "وولو ہا باغوانو نوبہارٕک شان پیدا کر" گیہِ سبٹھاہ مقبوٗل۔ یہِ آیہِ سیاسی سٹیجس پیٹھ تہٕ گیونہٕ۔ اُمی سُنز نظم "گریسی کوٗر" ہُند ترجمہٕ وُچھتھ چھ ٹیگور اُمس

کشیرِ ہُند وٕرڈس وٕرِتھ قرار دِوان۔

مہجورُ اوس اکھ ہمہ جہت شخصیژ مالِکھ۔ یہِ چھُ روایت رٔژھراوِنہٕ باوجوٗد کاشُر شاعری اکھ نوٚو موڑ دِوان۔ یہِ چھُ روایتی بالافطری تژاے تژاوِتھ زمینی موضوٗعات ورتاوان۔ اَمی سٕنزِ شاعری منز چھِ ساد تہٕ خالص کاشرِ الفاظ ورتاونہٕ آمتؠ۔ یہِ چھُ ژکہِ اکھ روٗمانی شاعر۔ مہجورنہِ شاعری منز چھِ قومی، سیاسی، تواریخی، انقلابی تہٕ انسانی جذبات ہوٚی موضوٗع۔ اَتھ شاعری منز چھُ کشیرِ ہُند شاندار پَتھ کال، کاشرِبن ہنز بہودری، تواریخی وکانہ تہٕ حادِثہٕ، ظالم تہٕ جابر نظامہٕ نِشہِ آزادی ہنز خواہش، قومی شعوٗر تہٕ حبُ الوطنی ہُند جذبہٕ۔ یہِ چھُ کاشرِبن احساسِ کمتری منزٕ کڈنہٕ خاطر تہٕ یمَن حوصلہٕ دِنہٕ باپَتھ شاعری ہُند برپوٗر استعمال کران۔ اتھ منز چھُ طنز تہِ تہٕ ظرافت تہِ۔ اتھ منز چھُ کاشُر ماحول جلوٕگر۔ یہِ چھُ پننہِ شاعری ذریعہِ لوٗکن ظلمس خلاف اُبھاران۔ مہجورگوو ۱۹۵۲ء منز رحمتِ حق۔ یہِ چھُ مزارِ شعراء اتھواجن سری نگرِ دفن۔

# ۲۸۔ فیلہٕ کوٗکر

سنجے اوس محلہٕ کین شُربن منز بدنام۔ اَڈبن اُس اُمۍ سِنز ژران تہٕ اَڈبن اوس دوٗن اُچھن کھران۔ تِکیازِ یہِ اوس پیٚٹھوولی ہاوان۔ گِندنس منز اوس ٹپلہٕ کران تہٕ غلَط وہراوان سارِنے شُربن اوس ناو تہٕ ریٚژھ کڈان تہٕ تِمن ستیٚجہٕ انان۔ کانہہ اگر اُمۍ سِنزِ ماجہِ رادھا مالہِ نِش شکایت کرِ ہے، سوٗ اُس شکایت کرن وٲلی سے نالِ گژھان۔ ژکہِ اوس سنجے تِمۍ سُند خانہٕ مول تہٕ ماجہِ ہِندی خانہٕ ماجرن اوسنہٕ سہ کُنہِ لایق تھوومُت۔ تس اوس ہٲرِتھ تہٕ پٔنُن پان زیٚنتھ باسان۔ سکوٗل اوس ہمیشہٕ ژیری واتان۔ کاجہِ پَتہٕ اوسنہٕ بُتھے ہاوان۔ سکوٗلِچ کٲم کرنُک اوسنہٕ سوالے۔ کانہہ تہٕ کاپی اُسنہٕ سلامت۔ وُرق وُرق اوس الگ۔ کتابن اُسی سیٚقے غٲب۔ کُنہِ کُنہِ اوس سکوٗل واتنہٕ بجایہِ دوہس پھیران۔ کتابہٕ بیگ اوس کوٗکر مُرِس منز تھاوِتھ تُل کھبنہٕ گوژھان۔ دُریاوس منز ژھانٹھ وایان تہٕ کُنہِ بازی گر تماشہِ وُچھان روزان۔ گاہے اوس اَتھی کَنِج لوٗٹھ یا کرکٹ گِندنس منز دوہ ٹپاوان۔

اکہِ دوہ پرٛژھنس مالہِ زِ گوبراہ ژٕ نے کیازِ چھی دوہے زیرٕ
یوان؟ سنجے ین دِیُت جواب ''مےٚ چھُ ماسٹرجی ضِد کڈان''۔ مالہِ پرٛژھنس
اَدِساٚ مےٚ ونتہٕ زِ اکھ تہٕ اکھ کیازِ گوو کہہ؟ سنجے چھُ جواب دِوان زِ
''اُسی چھنہٕ وِنہٕ اور واُتی ہتی''۔ وق گوو گُزران تہٕ سنجے ووت وِل
دکہٕ پاس گرٛھتھ اِتھہٕ تتھہٕ میٹرکس۔ دون وٕری ین گوو لگاتار فیل۔
ترٛیمہِ وٕری یہِ ییلہِ رِزلٹہٕ وُچھنہِ گوو، تورٕ آو ووٹہٕ تُلان تہٕ چھُ چاو
بران سبٹھا خوشی سان گرٕکُن پکان۔ مالہِ ووٚنُس ژٕ چھکھ اَز سخ خوش،
ژٕ نے ما چھے فسٹ پوزیشن اَنٕہٕ مو؟ سنجے چھُس ونان'' نہ بٕہ چھُس
اَوٕمۆجُب خوش زِ اَز چھِہ سانہِ گامکی ساٚری شُری فیل۔

اٚمی سُند مول گوو سخ پریشان۔ یہِ چھُ سنجے لیس نصیحت کران ونان زِ
ژٕ نے کر بدلی ناو؟ ساٚری چھی ونان فیلہٕ کوٕکر۔ وِل ترٛاوتہٕ یہِ شُری گی۔
وِل کرتہٕ محنت۔ ژٕ مہٕ گوھ کاٗنسہِ ہندِس فیل نیرنس پیٹھ خوش، بلکہ
گوھ پننہِ ناکاٗمی پیٹھ پشیماں۔ مگر اٚمِس گوونہٕ کانہہ اثر۔ وِل اوس
یہِ بالغ گومُت۔ ماٗلی سوٗنچ زِ وِل کروس کھاندر تہٕ خبر تمہِ ستی ما پھٹہِ۔
منزِ میاٗری آے سوزنہٕ۔ مگر کاٗنسہِ ماٗنٕ نہٕ سنجے لیس پٕنٕنی کوٗر دِنی۔ ساٚری
اُسی اِنکار کران۔ گامَس منز روزَن وول ناتھ جی چھُ جواب دِوان زِ بٕہ

دِمہٕ نہٕ پَنٕنۍ کوٗر أکِس فیلہٕ کوکرِ، أمہِ کھوتہٕ بہتر چھُ کورِ گٔنۍ گنڑنۍ تہٕ ڈٔری یاوس ترٛاوِنۍ۔

گامکۍ أمۍ سِندِ کھیلہٕ ہندۍ اکثر لڑکہٕ اُسۍ وِنۍ ذمہٕ وار شہری بنیامتۍ۔ کیٚنہہ اُسۍ سرکأرۍ ملأزم تہٕ کیٚنہہ کاروبأرۍ تہٕ باپأرۍ بنیامتۍ۔ کیٚنہہ اُسۍ ڈاکٹری تہٕ انجینیرنگ ہنٛز تعلیم حأصل کران۔ واریاہن اوسُکھ کھاندر کوٗرمُت۔ تِمن آسہٕ اصل گرن ہنٛزٕ رٕژ کورِ باگہِ آمٕژ۔ سَنجھے اوس دوستن ہُند گرٕ ملاقاتس گژھان۔ مگر کانہہ اوسنہٕ درواز تھاوان۔ سأری اُسۍ مختلف بہانہٕ کران تہٕ دوٗر ہوان۔ سَنجھے اوس یہِ سوٗرے ژٕتران۔

وِنۍ ہیٚوٚن وارٕ وارٕ سنجھےلیس کتھ فکرِ ترٕنۍ تہٕ سُہ لوٗگ پاہِس پیٚنہٕ۔ أمۍ وون پننِس مأڈس "بوبوجی ٔبہ کرٕ محنت تہٕ ٔبہ چھُس وِنۍ بدلُن یِژھان"۔ أمۍ ہیوٚت ماسٹرجیس نِش گژھن تہٕ گوٚڑٕ تہٕ کمر کٔنے گٔرتھ محنت کرٕنۍ۔ ؤہری دیُت أمۍ بیہِ امتحان۔ رزلٹہٕ آو تہٕ یہِ گوو پاس۔ مگر أمۍ سُندس بُتھِس پیٹھ أسنہٕ کانہہ خوشی۔ أمِس اوس لُکن ہُند یہِ حملہٕ أندرۍ زنتہٕ کوٗران ہیوٚ۔ گامہٕ کِس پرٛتھ فردِ ہنٛزٕ زیوِ پیٹھ اُس یہَے کتھ زِ فیلہٕ کوٗر تہِ گیہِ پاس۔ أمۍ وون پننِس مأڈس زِ وِنۍ ہے ٔبہ پاس دراس، لوٗکھ کیازِ چھِ مے وِنتہِ فیلہٕ کوٗر وَنان؟ مأجۍ وون نِس

ژکر ہمتھ تہٕ محنت۔ یہے چھےٚ اکھ صوٗرت یمہٕ ستۍ تمن یہ مشہٕ۔ اتھ چھُ لگان وق۔ چون دوس بشیر احمد اوس پٹوٲرۍ تہٕ وُں بنیاو نٲئب تحصیلدار۔ مگر لُکھ چھِس وٕنتہٕ پٹوٲرۍ وٕنان۔ عبدالمجید اوس حوالدار تہٕ وُں بنیاو تھانٕدار۔ مگر وٕنہٕ چھُ حوالدار ناوٕ ستۍ زانہٕ یوان۔ اگر ژٕ وقس پٹھ آسہکھ پالیس پیومُت، تیلہٕ ما پہانٕے ژےٚ یم دوہ وُچھنۍ تہٕ پامہٕ ژالنہٕ۔

سنجے ین ہیوٚ صبرس کاٗم۔ یہ گوو محنت کران، بروٚنہہ پکان تہٕ کامیاٗبی پژاوان۔ یہ بنیاو بوڈ افسر۔ پرٲنۍ یار لگۍ سلام کرنہٕ۔ مُقدمَن کوٚرنس سال۔ اٲمۍ سٕندٕ گامُک روزَن وول ناتھ جی ووت شہر تہٕ دُدکاندارس وُٛنن مےٚ دِ اکھ کوٹتل تومُل، دَہ کِلوٗ اوٹ تہٕ گیوٚ ٹین۔ چندس ییلہٕ اتھہٕ تژووُن، اَتہٕ وُچھن زِ بُٹواوُسس گرے مُشتھ گومُت۔ اَوٕ کٕنۍ ووُنن دوکاندارس زِ ئُبہ نمہٕ بیہ لٔتہٕ۔ دوکاندارَن پرژُھنس ژٕ کتہٕ چھکھ روزان؟ ناتھ جیٚن ووُنس بہٕ چھُس وولہٕ دیٚرُک۔ دوکاندارن دوپُنس اچھا سنجے صاٗبنہٕ گامُک! تیلہٕ چھُنہٕ کینٛہہ پرواے، گٕژھو نیٚو پوٚنسہٕ گژھن نہٕ گٕن۔ ناتھ جی ووت گرِ تہٕ پتہٕ گوو سیوٚدُے سنجے نِس ماٗلِس نِش تہٕ ووُنُس زِ ئُبہ چھُس پنٕنہٕ کورِ سنجے صاٗبس ستۍ خاندر کرُن یژھان۔

# ۲۹۔ میونُے بِتُر

اکھ شُر اوس مأِلِس پڑ٘ژھان زِ کاکا ہُتھ دوسہِ پیٹھ کیاہ ؟ مول اوس جواب دِوان کاو۔ شُر اوس پڑ٘ژھان اُمِس کیُتھ رنگ؟ مول اوسُس ونان کرِہُن ۔ شُر اوس پڑ٘ژھان، یہِ کیاہ کران؟ مول اوسُس ونان، ٹاو ٹاو۔ شُر اوس دوہس دٔہہِ وٕہہِ پھِرِ یِمے سوال پڑ٘ژھان تہٕ مول اوس جواب دِوان۔ سوال تہٕ جوابُک یہِ سِلسِلہٕ رُوٗد ژون پانژن وٕرِیَن جأری۔ منز گے وٕری وٕہ مر۔ فرزند گوو جوان تہٕ مول ووت بجرس۔ اکہِ دوہ چھُ مول فرزندس پڑ٘ژھان زِ ہُتھ دوسہِ پیٹھ کیاہ ؟ فرزند چھُ جواب دِوان کاو۔ مأِلی پڑ٘ژھُس بیٚیہِ زِ ہُتھ پیٹھ کیا چھُ؟ فرزندَن وُنُس وون ـے نا کاو۔ رٔژھ کھنڈ گُژِھتھ پڑ٘ژُھنس مأِلی بیٚیہِ ہُتھ پیٹھ کیا چھُ؟ فرزندن وُنُس، بوزنہٕ چھِی نا یوان، کاو۔ گاٚنٹہٕ کھنڈ گُژِھتھ پڑ٘ژُھنس مأِلی بیٚیہِ ہُتھ پیٹھ کیا چھُ؟ فرزندن وُنُس ژےٚ کیاسا چھےٚ منگہٕ دَگ۔ اُدِ پیٹھہِ وونُے ہتہٕ پھِرِ۔ گوو نمبر نیر پانےٚ وٕچھ۔ اُچھ لاگ اُتھ ستہٕ۔ مول ووتھس،

ئہ اوٗسس یِی وٕچھان زِ ژٕہ ژٕری بروٛنہہ اوسکھ ژٕ دوٛہَس وُہہِ پھرِ أتھی دیوارَس کُن وُچھِتھ مے پرٛژھان زِ بابا ہُتھ پیٹھ کیا؟ ئہ اوٗسس پرٛتھ دوٛہ وُہہِ پھرِ جواب دِوان، کاو۔ اَز پرٛژھُم ژٕ نے صرف ترٛئیہِ پھرِ زِ ہُتھ پیٹھ کیا چھُ؟ مگر ژٕ نے اوٗنتھ نہٕ تاب۔ یہِ اوس میونۍ بُتر۔



# ۳۰۔ ہٕسی والین ہُند حملہٕ

اَبرہ ناوٕک اَکھ عیسأے بادشاہ اوس یَمن علاقس پیٹھ راج کران۔ یہِ اوس باقی عرب قبیلن ہِندِس تجارتس تہٕ مألی وٕسیلن پیٹھ قبضہٕ کرنہٕ خأطر مختلف بہانہٕ کران۔ اَوِکنہٕ چھ یہِ تِمن ہِندین جذباتن تہٕ ٹھیس واتناونچ کوشش کران۔ کعبہٕ اوس عرب قبیلن ہُند مذہبی مرکز۔ اَبرہ چھُ اَتھ پیٹھ حملہٕ کرنُک اعلان کران۔ یہِ چھُ عربن پیٹھ الزام دِوان زِ تِمو کُر اَکِس گرجا گرس منز ناپأکی۔ یہَے بہانہٕ بناوِتھ چھُ ابرہ شیٹھ ساس فوجین ہُند لشکر تہٕ ۱۳ ہٕسی ہیتھ، کعبس پیٹھ حملہٕ کرنہٕ خأطر نیران۔ وَتہِ چھِ کینہہ قبیلہٕ اُمِس سٟتی جنگ کران مگر تِم چھِ ہاران۔ طایف کِس مقامس پیٹھ روزَن وول بنی ثقیف قبیلہٕ چھُ خطرٕ محسوس کران زِ اَبرہ گوژھنہٕ تِمن ہِندِس معبوٗدخانس تہِ نُقصان واتناوُن۔ اَوِکنہٕ چھِ یِم اَبرہس سٟتی سمجھوتہٕ کران۔ یہِ چھِس کعبس کُن وَتھ ہاونہٕ خأطر زٕ نفر سٟتی دِوان۔ یِمو منز چھُ اکھ ابو رِغال اَڈ وَتے مران۔ ابرہ اوس وِل کعبہٕ نِشہِ ترٛےٚ میل دوٗر۔ اُمی سُند فوج چھُ عرب قریشن ہِندی

چاروٲے لوٗٹھ نِوان۔ یَمن منز اُسی عبدالمطلب (حضرتِ محمد ﷺ ہُند بُڑی بب) سِندی زِ ہتھ اونٹ تہٕ شامِل۔

اَبرہ چھ مکہٕ کین لوٗکن ایلچی سِندِ ذریعہ اطلاع سوزان زِ سُہ چھنہٕ توہِ ستی جنگ کرنہٕ آمُت، بلکہِ چھُس صرف کعبہٕ گراونہٕ آمُت۔ اگر تُہۍ مقابلہٕ خاطر بُتھِہ یِیوٚنہٕ، تیلہِ واتناونہٕ سُہ تُہندِس مالس تہٕ جانس کانہہ نُقصان۔ مکہٕ کین قریشن ہُند سردار عبدالمطلب چھ اَبرہَس نِش گوھان تہٕ وَنان زِ توہہِ چھِو میأنۍ اونٹ رٔٹۍ متۍ، تِم دِیِتو واپس۔ اَبرہ چھُس وَنان ژٕ چھکھنہٕ پننہٕ مذہبی مقامٕچ کانہہ کتھ کران، ژٕ چھکھ صرف پننہٕ ین اوٗنٹن ہنز کتھ کران۔ عبدالمطّلِب چھُس جواب دِوان زِ بہٕ چھُس پننہٕ ین اوٗنٹن ہُند مالک، توٚے چھُس یِمنے ہنز کتھ کران۔ روٗد سوال کعبُک، تمیُک مالِک چھُ خدا۔ سُہ کرِ پانے تمِچ حفاظت۔ اَبرہن وون تَس سُہ ہیکِہ نہٕ اَتھ مےٚ نِش بچاوِتھ۔ عبدالمطّلِب چھُس وَنان سُہ زانِہ خدا تہٕ ژٕ۔ عبدالمطّلِب دژاو تہٕ ینہٕ پننۍ اوٗنٹ پانس ستی واپس۔

عبدالمطّلِب چھُ عرب قبیلن پنُن بچاو کرنہٕ خاطر وَنان۔ اَوے کٔنۍ کھٔتۍ تِم پہاڑن پیٹھ۔ اَبرہ اوس کعبس گٔن پکان مگر اُمی سُند ہوٗس پوٚکنہٕ برونہہ گٔن بلکہ بیوٚٹھ پتھر۔ اُمس ہُسی تِس واٗلِکھ واریاہ کٔچھ یِمہِ

سٟتی یہِ زخمی گوو مگر یہِ پوکنہٕ آنچہِ تہٕ برونٛہہ۔ اُتھی دوران آیہٕ کُتی جن ہنٛزٕ واریاہ چھوکہٕ ہوٗہس منز وُڈان وُڈان۔ یِمَن اُسی ژونٛژن منز لوٕکٹۍ لوٕکٹۍ کنہِ پھٕلی۔ یِمو ترٛاوۍ یِم کنہِ پھٕلی ابرہ سٕندِس لشکرَس پیٹھ۔ یَس پیٹھ تہٕ یِم کنہِ پھٕلی پیوان اُسی، سُہ اوس ہٕرِتھ پیوان۔

یہِ حال وُچھِتھ چھُ ابرہ ہُسی تِس پیٹھ کھٕسِتھ ژلان تہٕ ووت تتھ خمس نِش، یتہِ اَمی سٕنز زنانہٕ اُس۔ زنانہِ پرٛژھُنس کیا سأ آکھہٕ ژٕ کعبہٕ گرٲوِتھ؟ ابرہ ووتھ ہسہِ پیٹھہٕ یون تہٕ چھُ بامبرٕ ہوٚتے زنانہِ پٔنٕن حال بوزناوُن ہوان۔ دپان چھُس تتہٕ آیہٕ کوٚس تام جاناور جماتھاہ تہٕ تِمو ترٛاوۍ لشکرَس پیٹھ کنہٕ پھٕلی۔ اَمہِ سٟتی گیٚے سأنۍ لشکری ہلاک۔ ابرہ اوس وَنہِ یِی دنان زِ پیٹھی کنٛز آو تتھے اَکھ جاناور۔ ابرہس چھےٚ گبراہٹ گوٚھان تہٕ یہِ چھُ جاناورس کُن اِشارٕ ہأوِتھ ونان اِکیاہ یِیَے یِیَے جاناور۔ اُمی ساتہٕ چھُ جاناور ابرہس پیٹھ کنہِ پھوٚل ترٛاوِتھ تَس ہلاک کران۔ ابرہ چھُ مران مگر اُمی سُند ہوٚس بچاو۔ ابرہ سٕندِس لشکرَس درٛاۓ لشہٕ۔ یہِ واقعہٕ چھُ ۵۷۰ عیسوی ہُند تہٕ اَمہِ پتہٕ پنٛژاہ دوہ گوٚھِت چھِ حضرت محمد ﷺ تولُد سپدان۔

# ۱۳۱۔ رحمان کاکھ

رحمان کاکھ اوس ورمُلس نکھہٕ ناڑواو علاقس منز روزان۔ أمی سُند اصل ناو اوس عبدالرحمان تہٕ عُرفہِ عامس منز اوس رحمان چانگہٕ ناوِ ہتی مشہوٗر۔ ہمیشہِ شرٲئی قمیض یژارس منز، قدٕ زِیوٗٹھ تہٕ کلس پٹکہٕ ترٲوِتھ سبز دستار۔ یہٕ اوس کشیر ہندِ سیاسی تحریکُک اہم جز۔ اکہِ دوہ دژاس یہٕ گرِ تہٕ ووٗتس مگہٕ نِس وانس نِش۔ مگہٕ اوس سائنس محلس منز لوٗکٹ موٗکٹ کریانہٕ وان چلاوان۔ ہتی اوس دودتہٕ کنان۔ أمی ہندس وانہٕ تھرس پیٹھ اُس شُربن ہنز بیٹھک لگان۔ اکثر اُسی فلم، کرکٹ تہٕ حالاتِ حاضرن پیٹھ تبصرٕ کران، ٹر بوزناوان تہٕ ٹھٹہٕ مسخری منز وق گزاران۔ أمہِ ساتہٕ اُسی شُری ژومرٕ جمع۔ تامتھ پیو رحمان کاکھ واٲتتھ تہٕ شُری گے خوش۔ یکدم گے تھوٗد ووٗتھتھ تہٕ کرِکھ سلام۔ سارنے ہتی خاراہ پاٹھا کرنہٕ پتہٕ چُھ رحمان کاکھ مگس کُن وناں، ہے مگہٕ صاب، تلسٲ اَتہٕ وُچھتہٕ لورِ ہنا اکھ۔ مگس آینہٕ وَتھ۔ تمی اُنی أندرٕ ژھانڈِتھ اکھ لوٗر تہٕ أمس کُن پلناوان ووٗنن رٹھساٲ رحمان کاکھ۔ رحمان کاکن رٹ لوٗر۔ چندٕ منزٕ کوڑن

سبز کپرُک جھنڈٕ تہٕ کھوٗلن لورِ پیٹھ۔ دوپُن اَز چھُ عیدِ میلاد۔ نعرٕ دِتُن، نعرہ تکبیر۔ شُر بو ودن بڑٕ ہتہِ اللہ اکبر۔ رحمان کاکھ گوو برونہہ پکان تہٕ پتہٕ پتہٕ اُسی شُری پکان، نعرس جواب دِوان تہٕ رحمان کا کنہِ ہدایتہٕ مطاُبق بار بار ونان ''یہ ہے عید میلاد کا جھنڈا''۔ رحمان کاکُن شۓ نفری جلوٗس ووت عمہٕ کاکنس وانس برونہہ کنہِ۔ عمہٕ کاکھ گوو یاشا کٕرِتھ کھڑا تہٕ گٔرِن رحمان کاکس ءتی دسبوٗسی۔ سلاما کلاما کٔرِتھ چھُس پرٛژھان، کیاسا جلسہٕ چھا کُنہِ؟ رحمان کاکن وونُس ،آ۔ جامع مسجدِ منز۔ عمہٕ کاکن اُس تاز گُرپٹی بناوٕمُو۔ بڑٕ گھنڈا تلِتھ پلناوِن رحمان کاکس کُن۔ رحمان کاکن کھیٚیہِ رَژھ کھنڈ تہٕ باقی باٗگرِن شُربن منز۔

رحمان کاکُن جلوٗس گوو برونہہ پکان تہٕ نعرٕ دِوان۔ شُری تہٕ روٗدی گرَومنزٕ تہٕ آنگنو منزٕ نیران تہٕ جلوٗسس ءتی رَلان۔ زنانہٕ تہٕ مرد اُسی داربن تہٕ درواژن پیٹھ روٗزِتھ رحمان کاکنہِ جلوٗسُک استقبال کران۔ یم اُسی رحمان کاکُن جلوٗس وُچھِتھ زنتہِ ودِ لسنَس یِوان۔ وارٕ وارٕ ووت جلوٗس باغِ اسلامس نِش۔ اورٕ اوس اَمہِ محلک باشندٕ مرٛازی صاب گرٕکُن پکان۔ اُمی تہِ نیہِ رحمان کاکس سلام کٔرِتھ۔ مرٛازی صاٗبس اوس اتھس منز سبزی ٹھیلہِ تہٕ کوٚھس منز اوسُس کلاے کٔرِتھ اونمت ترٛا موٗ چاپہِ چونچہٕ۔

رحمان کاکن دوپنس، تلسأ یہِ چونچہِ پلناو یئری گن۔ مرأزی صأبن پلنونس خوشی سان چونچہِ۔ رحمان کاکن روٹ بڑ چاوِسان چونچہِ۔ بُتھ کوٗرُن شُربن گن تہٕ چاُنٹس نش تھووُن چونچہِ تتھہٕ پاُٹھی زِ زنتہٕ یہِ میکروفون اوس۔ دوپُن دِیٔسأ نعرس جواب، نعرہ تکبیر۔ اللہ اکبر۔ اسلام زندہ باد۔ رحمان کاکنہِ دستہٕ چایہِ چونچس میکروفونچ کأم ہنز مَشہٕ تہٕ مے زانہہ۔ أمی نعرٕ چونچن دِیُت اَسہِ زیادے جوش۔ میون بوے دپہٕ اوس برونہہ گرٕ واپس ژامُت۔ مگر مے اُس مندچھ گوہان زِ اگر ئہ تہِ ژلہٕ، رحمان کاکھ ما گژھ ناراض تہٕ یہِ کیا ونہٕ؟ جلوٗس روٗد برونہہ کُن پکان۔ مگر وِں اُس جلوٗسس منز لُکن ہنز تعداد تہِ واریاہ بڑیاہمژ تہٕ جلوٗسن اوس واریاہ کاڈ کوٗڈمُت۔ مے تہِ اُس وِں بوچھہِ لُجمو۔ ئہ دژاس لوٗت پاُٹھی تہٕ ووٗتس گرٕ۔ پزرچھ یہِ زِ مے چھ وِنہِ پھیران زِ خبر رحمان کاکن کھێیاوِ تمہِ دوہ کێنہہ رِکنہٕ نہٕ۔

رحمان کاکُن جلوٗس اوس منظّم طریقہٕ برونہہ پکان۔ أمی سُند جلوٗس یِدوٕے شُربوٕ ستی شروٗع گوہان اوس۔ مگر برونہہ کُن پکِتھ اَسی بالغ تہٕ سنجیدٕ لُکھ اَتھ منز شریک گوہان تہٕ یہِ جلوٗس اوس جلسہٕ گاہس منزٕ اَند واتان۔ رحمان کاکھ اوس کأنسہِ ہُشار شُرِس پننہِ دستہٕ جھنڈٕ دِوان۔

تس شُرِس تہٕ اُس پٔنٕنہِ جایہِ کأف کھسان۔ مگر مجال اوسنہٕ زِ رحمان کا کنہِ اِجازتہٕ ورأے رَٹہِ ہے کانہہ جھنڈٕ یا تُمہٕ سندِ ورأے پکہِ ہے جلوٗس برونہہ کُن۔ منزٕ منزٕ اوس رحمان کاکھ جلوٗس رُکاوِتھ جلوٗسک مقصد بیان کران تہٕ ضروٗری ہدایات دِوان۔ أمہٕ سندِ جلوٗسچ خوٗبی اُس یہِ زِ اَتھ منز اُس سنجیدٕگی تہٕ یہِ اوسنہٕ مشتعل گوھان تہٕ تشدد کران۔

رحمان کا کُن اُس عوامس پیٹھ پٔنٕنز اکھ مستند چھاپ ترٲومٕژ۔ اکہِ پھِرِ اوٗسُس ئہ مشیدِ منز پیشن نماز پرنہِ گومُت۔ أتہِ اُسی حمامس پیٹھ بہتھ کینٕہہ بزرگ کتھاہ باتھاہ کران۔ أکی ووٚن دپان ازچھ تاشقند چوکس منز جلسہٕ۔ بیاکھ بزرگ چُھس جواب دِوان نہ، مے چُھنہِ باسان، تیلہِ آسہِ ہے رحمان کاکُن جلوٗس دژا مُت۔

رحمان کاکھ اوس اکھ مخلص تہٕ بےلوٗث اِنسان۔ یہِ اوس سبٹھا حساس تہٕ بیدار مغز۔ کشیرِ ہنز سیأسی توأریخ تہٕ اہم واقعات اُسس زوِ پٕتس پیٹھ۔ کانہہ تہِ اہم مذہبی، سمأجی یا سیأسی تقریب اُسنہِ رحمان کاکس ورأے تکمیلس واتان۔ یہِ اوس سُلہِ پیٹھے شُربن ہُند جلوٗس شروٗع کران۔ یہِ جلوٗس اوس قصبہٕ کیو مختلف محلو تہٕ سڑکو کِنی نیرِتھ ماحول گرماوان تہٕ پارٕ کران۔ لوکن اوس رحمان کاکنہِ جلوسہٕ ستی جلسک

مقصد، مقام تہٕ وق پتہ لگان۔ اَمہِ علاوٕ اوس یہِ جلوٗس شعوری یا غأرشعوری طور لوکن جلسن منز شرکت کرنہٕ خأطرٕ آمادٕ کران۔

رحمان کاکُن جلوٗس اوس شُربن ہندِ خأطرٕ تربیت گاہ، عوأمی جذباتن ہُند ترجُمان تہٕ سیأسی تہٕ مذہبی لیڈرن ہندِ خأطرٕ جلسچہ کامیأبی ہُند ذریعہِ۔ سیأسی لیڈر شیخ محمد عبدُاللہ چھ رحمان کاکس "بچوں کا بادشاہ" خطاب دِوان۔ لیڈر بنیاے حأکم، مگر رحمان کاکھ روٗد تِتھے چھٕلتھ تہٕ چھوٕکتھ، یُتھ گوڈٕ اوس۔ نہٕ روٗٹُن کانہہ عہدٕ تہٕ نہٕ کانہہ امداد۔ بلکہِ اوس پننہٕ نِس حالس پیٹھ مُطمین۔ رحمان کاکنہِ ذٔسی منظّم کرنہٕ آمتی جلسہٕ تہٕ جلوس بنیاے سانہِ توأریخُک حصہٕ۔ مگر رحمان کاکُن چھُنہٕ کانہہ ناو تہٕ ہوان۔ سُہ گوو لیڈرن تہٕ توأریخ نویسن مُشتھے۔ سُہ اوسنہٕ چالاک، بلکہِ اوس اکھ غریب تہٕ مخلص انسان۔

اَز دژاو بیہِ جلوس۔ مگر مگنی شوقہٕ پلنأوِ ہو لوٗر، رحمان کاکنہِ چندُک جھنڈٕ، عمہٕ کاکنز گرُپٹی تہٕ مرأزی صأبُن چایہِ چونچہِ سأری زنتہٕ گے تس کُنِس رحمان کاکس ستی۔ وٕنکین چھِ واریاہ گاٹلی رحمان کاکھ، اَتھن منز نیلہٕ تہٕ ووزٕلی جھنڈٕ ہتھ بجن شاہراہن پیٹھ نٔوی نٔوی نعرٕ دِوان۔ قلاے گرٕی متی چونچہِ پژاناے۔ فاقہٕ فقرٕ شری ژاے گرن تہٕ

شکم سیر دژاے ئنی۔ یِمَن ہدایت یافتن چھُنہٕ جلسک مقصد زانُن پیوان۔ یِم ساٗری چھِ دٕچھِنہٕ تہٕ کھووِرِ پنہٕ نِین پنہٕ نِین رحمان کاکِن ہِندبن نعرن جواب دِوان۔



(بشکریہ انٹرنیٹ)

# ۳۴۔ ژاٹہٕ ہالکۍ ژِہہ

سون ژاٹہٕ ہال اوس سائنس مجلس منزٕ ے۔ یہِ اوس گوڈٕ پرائیمری سکوٗل تہٕ پتہٕ آو اَتھ مڈل سکولُک درجہ دِنہٕ۔ صُبح چہِ دَہہِ بجہِ اُس گھنٹی بجان۔ مگر شُری اُسی اوڈ گھنٹہٕ برونہہ واتان۔ گھنٹی بجنس سِتی اُسی شُری سکولِکس صحنَس منز زیچھن قطارن منز کھڑا گژھان تہٕ أتی اُس پرٛیر پرٕنی (دُعا) شروٗع گژھان۔

حمد سأری تَس خدایس، پأدٕ یمۍ کوٚرمُت جہاں
آفتاب و زوٗن، تارکھ، بیہِ زمین و آسمان

مُنزِ مُنزِ اُسی ماسٹرجی نٔوٕ پرٛیر پرناوان۔ اَسہِ اوس تِمن دوہن زیادٕے مزٕ لگان۔ علامہ اقبال سُند دُعا اُسی تقریباً دوہے پران تہٕ یہِ اوس سارِنے شُربن زبِ رٕتس پیٹھ۔

لب پہ آتی ہے دُعا بن کے تمنا میری
زندگی شمع کی صوٗرت ہو خدایا میری

گُنہِ ساتہٕ اُسی یہِ پرٛیر پران۔

ئہ چانٛس کائناتس دپان چھُس سیر کرٕہا
کتابِ زندگی ہُند سبق بیوا یہِ پرٕ ہا

اکہِ دوہ چھُ میون ہمسایہِ دوس منظور احمد وانی صاُب مے وَنان زِ ژٕ کر تہٕ مے ماسٹر جیَس نِش یہِ سفاُرِش زِ از پرناوِہا ئہ پرٕیَر۔ مے ووٚنمس ژٕ کُس پرٕیَر پرناوَکھ؟ تٔمی ووٚن ئہ پرناوِ اَکھ اصل تہٕ مذہبی پرٕیَر، تمہِ ستی چھُ بوٗزی تھے ووٚدُن یوان۔ مے ووٚنمس گوڈٕ بوزناوتہٕ مے۔ تٔمی ہیٚوٚ پرٕیَر بوزناوِنۍ۔

او دُور کے مسافر، ہم کو بھی ساتھ لے لے
ہم رہ گئے اکیلے ، ہم رہ گئے اکیلے

یہِ بوٗزِتھ ژوٚل مے ٹھہہ ٹھہہ کران اَسُن نیٖرِتھ۔ منظور احمد وانی چھُ میون اَسُن وُچِھتھ وَنان، ہے ژٕ چھکھ اَسان، مے چھُ پانس اوٚش پھٹان۔ مے ووٚنمس ئہ ہیکہٕ نہٕ ماسٹر جیَس نِش اَتھ سفاُرِش کٔرِتھ۔ سُہ کرِ بہواُری، تِکیازِ یہِ چھُ فِلمی باُتھ۔

پرٕیَر پرنہٕ پتہٕ اُسی ماسٹر جی اَسہِ پتھر بہنگ حکم دِوان۔ وِلہ اُسی ماسٹر جی تقریر کران تہٕ نوِ تہٕ رِژٕ رِژٕ کتھہٕ وَنان۔ اکہِ دوہ چھُ ہیڈ ماسٹر محترم غلام حسن نائیکو صاُب اَسہِ برونہہ کنہِ تھاوَنہٕ آمتِس بلیک بورڈس

پیٹھ اَکھ گول داُیرٕ بناوان۔ اَمہِ پتہٕ بناوِنی قینچی ستی ژٕٹتھ جلدٕ پٔس زٕ مُہ۔ برنجہٕ ستی لاگِن یم بورڈس پیٹھ بناونہٕ آمتس داُیرس منز باگ۔ وُنن یہِ لوگٹ موہ (ہٕوں) چھ گاٹہٕ ہاوان تہٕ نیوٹھ موہ چھ منٹ ہاوان۔ اَسہِ سکوٗل شُرٕ بن آو مزٕ تہٕ گندان اِنچھنوٗن گرِ پیٹھ وقت وُچھن۔ اِتھے کن اُسی اُسی دوہے نُوی نُوی چیز ہیچھان۔ اَمہِ پتہٕ اُسی تم لڑکہٕ کھڑا کرنہٕ یوان، یمنہٕ کالہٕ سکوٗل آمتی اُسی یا اُسی کاجہٕ پتہٕ ژٕلی متی۔ یا یم دریاوَس پیٹھ سران کرنہٕ گوہان اُسی۔ تِمَن اوس سزا دِنہٕ یوان۔ بشیر احمد (بشہٕ) تہٕ اوس کالہٕ غار حاضر رُوٗدمُت۔ اَوٕ کنی کوٗرکھ کھڑا تہٕ ہیوتہس اَلٕس کھالِتھ لورِ ستی مار دِیُن۔ بشیر احمدن دِژ یکدم کرٕ بکھ "ماسٹر جی میانی مالی حض وون نُو بٔہ چھس اُوِیل تہٕ زاوِیل، مے اُسی زِبونہٕ لایان"۔ ماسٹر جیس آو اُسن تہٕ لورِ ژٕنڈ کڈِتھ وون نس نیرسا اَز گیی معافی تہٕ آیندٕ گری زِ حبس۔

ربتہٕ کالہ اوس مارننگ ٹایم آسان تہٕ کلاس اُسی پرٔانس عید گاہس منز بوٗنِن تل لگان۔ ہیڈ ماسٹر نائیکو صاب اوس سخ محنتی تہٕ مخلص استاد۔ یہِ اوس پننہِ اتھہٕ ستی لیکھت ہتہٕ واد مارکس کارڈ بناوان تہٕ پرٕتھ ربتہٕ سارنے مضمونن امتحان ہوان۔ ہیڈ ماسٹر صاب تہٕ باقی

ماسٹرجی اُسی دوہے کلاس رٹان۔ ہبڈ ماسٹر صاٗب اوس دۄرِ دۄرِ نگراٗنی تہٕ کران۔ مگر اَکھ دوہ وُچھ اَسہِ سٕہ تہٕ زِ ہبڈ ماسٹر صاٗب اوس پرناوان تہٕ بیاکھ ماسٹرجی اوس کلاسس منز بہتھ صرف نظر تھاٗوِتھ۔ اَ ۔ دوہ آو سون اَکھ ماسٹرجی رَژھا ژپری پہن تہٕ ہبڈ ماسٹر نائیکو صاٗبن وون نس توہہِ کیازِ گوو ژیر؟ سٕہ ماسٹرجی گوو شرمندٕ تہٕ وون نس بٔہ حض تھاوِ از چھُٹی۔ ہیڈ ماسٹر صاٗبن وۄنس بہتر۔ اَمہِ دوہ چھُ ہیڈ ماسٹر نائیکو صاٗب تُمی ہندی کلاس پانَے رٹان۔ مگر سٕہ ماسٹرجی تہٕ رۄد ساٗئنس کلاسس نشی بہتھ۔ تَس اوسنہٕ دل یژھان گرٕ گژھن۔ کلاسکی شُری تہٕ اُسی ماسٹرجینز پشیماٗنی تہٕ ہیڈ ماسٹر صاٗبنز دِلاواٗری تلی ٹارِ وُچھان۔

اُسی شُری اُسی پانہٕ وٲنی منزی منزی کتھاہ باتھاہ کران روزان۔ اَکہِ دوہ وون مےٚ پننہٕ نِس ہمسایہِ یار فیاض احمدس زِ کینٛہہ دوہ برونہہ اوس اَکھ ژۄر ژُچہٕ ہندِس پَشس پیٹھ کھٔسِتھ تہندِ مکانچ دٲر پژا ٹُنگ ہوان۔ فیاض احمد ووت گرٕ تہٕ وۄنُن پَننہِ ماجہِ۔ تَمہِ تکی ساٗری باژ تہٕ کوٚڈُکھ تَمہِ پاسکہِ کمرٕ ک سورُے سامان تہٕ تھووُکھ زیادٕ محفوٗظ کمرس منز۔ دویمہِ دوہ آیہ فیاض احمدٕنی ماٗج سون گرٕ تہٕ چھےٚ میانہِ ماجہِ وَنان زِ اَسہِ کوڈ اَمہِ طرٕفکہِ کمرٕ منزٕ سورُے سامان۔ مےٚ وَننہٕ توہِ کر ہیوٚ

وُچھون سُہ ژھٔور۔ میانہِ ماجہِ وۄنُس یہِ أمِس بہٕ اوترٕ شُربن بَتہٕ آپران تہٕ ڈٕلیل بوزناوان۔ یِم ماچھہِ سیٛو دسیٛو دکھوان۔ یِمو آسہِ ہے سُے کتھ ژٕنے تام وا تنأوِمٕژ۔

عبدالمجید قریشی صأب اوس اَسہِ اُردو پرناوان۔ تٔمی سُند دستخط اوس موختہٕ ہیۆ گٔرِتھ تہٕ ژٕرِتھ آسان۔ کلاسس منز شأئستگی، سنجیدٕگی تہٕ تأثیر۔ تٔسنز شرافت تہٕ زبأنی ہُند میچھر اوس انسانس گرویدٕ بناوان۔ تِتھی مثألی وۄستاد کتہِ مِشن۔ یَتہِ نِس چھُم ہائی سکولُک اَکھ واقعہٕ یاد پیوان۔ سون اکھ ہم جماعت دوس چھُ بکس دوستَس ستی مذاق کران۔ تٔمِس پریشان کرنہٕ خأطر تھأوِن تٔسنز کتاب پننہِ نِس جھولنس منز ژھٔورِ۔ ماسٹر جیَن کۄر اعلان زِ کتاب گٔرِو فوٗری طور واپس، نتہٕ ییہِ کتاب نِنہٕ وأٗلِس سزا دِنہٕ۔ کتاب ژھٔورِتھاون وول گا برِیاو۔ حیا کنٛز کھوٗلُن نہٕ شہہ تہِ۔ وِلۍ گیہِ ماسٹر جی نہِ حُکمہٕ ستی کتاب جھولَن ہنز تلأشی شروٗع۔ کتاب آیہِ مذاق کرن وأٗلِس لٔڑکہٕ سندِ جھولنہٕ منزٕ لبنہٕ۔ لٔڑکن وون زِ مے کۄر مذاق مگر کأنسہِ گٔرنہٕ پَژھ۔ بلکہِ گوو شک زِ أمہِ برونہہ غأب گمتی کاپی قلم تہِ آسن أمی دبأوی متی۔ لٔڑکن ہنز دُنفری تفتیشی ٹیم وأژ لٔڑکہٕ سُند گرٕ۔ أمی سنزِ کتاب پیٹھہِ دِژٕکھ ژھأنٛڈ مگر تتہِ دژاونہٕ کینٛہہ۔ سُہ اوس شریف

گرُک لُڑکہٕ تہٕ فِطرتا رُت۔ وٕں گوو مذاق کرُن پیوس سبٹھا دژوٚ گ۔

بیا کھ واقعہ چھُ زِ ووستادو سوٚمبراو نأوِ أسی پونسہٕ تہٕ کوٚرُکھ اَکھ بیت الخلا تعمیر۔ کیٚنہہ دوہ پتہٕ آو ہیڈ ماسٹر دار کا ناتھ سلطان صأبنہِ حُکمہٕ اَتھ قلُف لاگنہٕ۔ تِکیازِ یہِ اوس سکوٗلہٕ بجایہِ بیروٗنی انسانن ہندِس مصرفس منز روزان۔ أسی سمکھیاے ہیڈ ماسٹر صأبس تہٕ ووٗنُس زِ اَتھ قلُف لاگنہٕ ستی چھےٚ اَسہِ پریشأنی گوٚھان۔ تٔمی وون" اَسہِ چھےٚ کیٚنہہ مجبوٗریہ۔ وٕں گوو ییٚلہِ توٚہِ کُنہِ ساتہٕ حاجت پیہِ تہٕ، تٔمہِ وِزِ گژھِو میانہِ ناوٕ درخواست لِکھُن۔"



# ۳۴۔ رانٛٹس

گلہٕ اوس لوٗکٕٹ شُرتہٕ نانی اُسس دوہے شامن ڈٲلِل بوزناوان۔ گُلس اُس ماجؠ کٲم کٲم چیز برونٛہہ کنہٕ تھاوان مگر یہٕ اوسنہٕ سیٚو دسیٚود کھوان۔ یہٕ اوس نکھرٕ کران تہٕ روشان۔ کُنہٕ اوس اتھہٕ پوٚھراونٕے کھوان تہٕ کُنہٕ اُس چھلنٕے شونگان۔ مول ماجؠ تہٕ نانی اُسس نصیحت کران تہٕ سمجھاوان۔ مگر گُلس اوس کٔہے پہن شرٕ پان۔ ڈٲلِلہٕ بوزنک اوسُس سَخ شوق۔ نانہٕ ہنٛدِس پھٕرِس تل بِہتھ اوس نوٚوِ نوٚوِ ڈٲلِلہٕ بوزان۔ اکہٕ دوہ شامن اُسس نانی رانٛٹسٕہ ہنز ڈٲلِل بوزناوان۔ دوپنس زِ رانٛٹس چھےٚ اکھ وحشی تہٕ جنٛگلی مخلوٗق۔ تَس چھُ آسان جوٗل جسم تہٕ زیٛوٗٹھ مس۔ اُتھن کھورن چھِس آسان نَم۔ کھورٕ چھِس آسان پَتھ کُن تہٕ گوٗڈ برونٛہہ کُن۔ یہٕ چھےٚ عام طور وَندس منز اِنسانی بستی منز راتھ کِیٚت یِوان تہٕ درواژن ٹھُک کران۔ کانٛہہ اگر درواز کھولہِ تہٕ یہٕ چھےٚ تَس چَھ دِتھ پانَس سٟتؠ نِوان۔ اگر زنانہٕ آسہِ، تَس چھےٚ کھوان تہٕ مردس چھےٚ رچھان۔

اَمہِ رانٛٹسٕہ ڈٲلِلہِ ہُند بیوٗٹھ گُلس سَخ رُعب۔ یِیلہِ یہٕ شامن

بَتہٕ کھبنہٕ وِزِ نکھر کرِنی ہوان اوس تہٕ ماجِ اُمِس وَنان زِ اَز چھےٚ رانٹس پھیران۔ گُلہٕ اوس یکدم بَتہٕ کھیوٚن ہوان تہٕ رانٹسہٕ متعلق مختلف سوال پرٛژھان۔ رانٹسہٕ ہندِ خوفہٕ ستی بنیاو یہٕ ڈرپوک تہٕ بُزدل۔ گُلہٕ گوو وِل جوان تہٕ اُمِس روٗد وارِ وارِ رانٹسہٕ ہُند وہمہٕ تہٕ دوٗر گوھان۔

اکہِ وُری یہٕ پھو کٹُر وَنِد۔ یہِ اوس جنوری ہُند رِبتھ۔ ترٛ اُس سَح۔ یہٕ اوس دُدُل شہن پھوان۔ ساری شونگی تہٕ نِیری کَنی اوس گرٛواد شہن سمیوُمت۔ نصف راژ کوٗرُمی تام بُڈٕ زَنہٕ درواز س ٹھک تہٕ وونُن مےٚ دِتھَو کانگرِ تیونگُل۔ گُلہٕ گوو ہُشار تہٕ ہندرِ اُچھوے مُوراوٗن داُر تہٕ لوگ وُچھنہٕ زِ یہٕ کُس سنا چھےٚ آلو کران۔ اُمی ہِنز داُر تھاونی اُس زِ گمہٕ تام بلایہٕ دِژ گُلس تھف تہٕ نِیوٚن نگھس پیٹھ تھاوِتھ پانٗس ستی۔ گاش ہیوٗتُن پھولُن تہٕ گرٛواُلی گےٚ ہُشار۔ یِمَو وُچھ داُر یلیٚ تہٕ گُلہٕ اوس غاٗب۔ ساری ہےٚ ژھونڈُکھ مگر کانہہ پےٚ پتہ لوبُکھ نہٕ۔ ہےٚ وُتھ۔ مرد دژاے دوٗر تام ژھانڈنہٕ۔ اَتہٕ وُچھِکھ شینس پیٹھ رانٹسہٕ ہندِ بن کھوٚرن ہندی نشان۔ ژوپاری گییہٕ کربکھ زِ گُلہٕ نِیوٚ رانٹسہٕ۔ ساری ہےٚ گوو تنبہٕ۔ لُکو ہیوٗت دِگرٕ ہےٚ آلَبن اَژُن تہٕ دارِ بَر بند تھاوِنی۔ دوہ دوہ گوو گوھان تہٕ گُلن چھُنہٕ وِنتہٕ کانہہ پےٚ پتاہ لگان۔

وِں آو مٔئی ہُند ربتھ ۔ دِگرَس بأگی پیو اچانک اَکھ شہنشاہ
گُلن گرِ واُتتھ ۔ اَمِس اوس زیٹھ مس تہٕ ریش، مأکہٕ پان تہٕ زٕ ہٹھیٚ نم ۔
گوڑ ہیوٚت اُمِس وُچھتھ پرٕتھ کأنسہِ پتھ ژُلُن ۔ مگر اَکی ووٚن نکھ ئہ
چُھس گُلہٕ ۔ یہِ بوٗزِتھ چھس سأری برٛونہہ کُن پتھ اَلنہٕ تہٕ وٚلنہٕ یوان ۔
یہِ روٹتھ نالہٕ مَتہٕ ۔ نأوِد آو اَننہٕ تہٕ تُمی کوٚسٕنٛس مس تہٕ بیہٕ ہتیٚ نس نم ۔
گُلس آو سران کرنہٕ تہٕ نٔوی پلوٚ لاگنہٕ ۔ گرِکی سأری بأژ تہٕ ہمسایہٕ گے خوش ۔
گُلن وُنی پَنٕنی سأری حالات ۔ دوٚپُن ئہ نیوٗنس تمہِ نکھس پیٹھ
تہٕ چھم جنگل کُن پکناوان ۔ مے اُس واُنج اَتھس کبتھ تہٕ پَنٕنہِ زِندٕ
روزنٕچ اُمیدٕ نہٕ کانہہ برانتھ ۔ تمہِ ترٛاوونس ئہ گوپھہِ منز ۔ پانہٕ اُس
منزٕ منزٕ شکار اَننہٕ گوٚہان تہٕ گوپھہِ ہِندِس گُلس پیٹھ اُس اَکھ بوڈ
کَنہٕ پَل تھاوان ۔ یتی اُمیدٕ وتان زِ مے چھکھ ژٕ خوش کران ۔ ژٕ ییٚنہٕ
ژلنٕچ کوٗشش کرِکھ، تیلہِ کھیمتھ ئہ ۔ مے سوٗنچ زِ یہ تھاوِنہٕ مے زیادٕ
کالس زنٛدٕ ۔ سو مارِہے مے کُنہِ تہِ ساتہٕ ۔ اکہِ پھِرِ آم خیال زِ ئہ
چیرِ اُمِس ہِندرِ منز ہوٚٹ ۔ مگر تسٕندی نم وُچھِت گیٚم نہٕ ہمت ۔
بیہٕ سوٗنچم زِ رانٹس مارنہٕ کھوتہٕ اہم چُھ کنہٕ پَل ڈالِتھ نبر نیرُن ۔
اَوٕ کِنۍ کٔر مے واریاہ پھِرِ گوپھہِ پیٹھ تھاونہٕ آمُت پَل ڈالنٕچ کوٗشش ۔

مگر سُہ گوب پَل اوسنہٕ ہلان تہٕ۔ رانٹس اُس اورٕ یوان تہٕ مےٚ
رِکھ مارِ ءتہ شکار اَ نان۔ ئہ اوسُس تتھی پٹھ گزارٕ کران۔ از اُس
راتھ کیتھ رانٹس بیہِ وزا ءٚو۔ ئہ گوس ہُشار تہٕ ہوم پلس زِ پر کرٕنی۔
پَلس اکہِ طرفہٕ وُچھ مےٚ بونہٕ کنہِ گاشہِ لبےٚ ہش۔اَ تہٕ توچھم۔ میو تہٕ
کینہہ لوکچہ بجہ گنہِ آیہ نیرتھ۔ اَتھہِ جایہِ گو و تیوٚت بوڈ زوٚد زِ ئہ
ہیوگُس اَ مہِ مُنزِ کھوکچہِ نیرتھ۔ نیرٕ وُچھم سبزار آمُت۔ موچھہِ زِ وچم
تہٕ تُجم دَو۔ وتہِ لُم اکھ گنڈِ مؤر تہٕ سُہ تُجم ہتی۔ بُتھہِ وُچھم کینہہ
لوٗکھ۔ مےٚ گُن وُچھِت گابرے تم۔ مےٚ پرٛزٕ ھمکھ دوٗرے وَتھ۔ تموٚ
ہوو اِشارٕ زِ میل کھنڈ پکِتھ یِی اکھ ناگ تہٕ تتی پھیرِ زِ ڈچھنہِ کنہِ۔
وارٕ وارٕ ووتُس ئہ بستی نزدیک۔ ا تہِ اُسی کینہہ تھل کرَن وٲلی مرد تہٕ
زنانہٕ چاۓ چوان۔ مےٚ گرمکھ سلام۔اکہِ دبد ماجہِ وون ہیو متیاہ وولا
چاۓ چیو و۔ ئہ اوسُس سو تیا مُت، نہٕ اوسُم کھسان آ تہٕ نہٕ نا۔ تمہِ
دبد ماجہِ چاوُنم چاۓ تہٕ بیہ کھیو ونس مکایہِ ژوٹ۔ مےٚ آو اُچھن گاش
تہٕ اَدِ ہیوگُم باقی سفر گرٕتھ۔

وِں اوس خطرٕ زِ رانٹس ما ژھانڈِ بیہ گلس۔اَ وِ کنہِ روٗدِ کینہہ
جوان گلس ہتی۔ تموٚ تھاوِ پانس ہتی تبرٕ تہٕ لشہِ کانٛی۔ مگر رانٹس آینہٕ

کینہہ۔ کینہہ بُزرگ اُسی وناں زِ رانٹس آسہٕ گُلس ژھانڈان تہٕ سو روزِ نہٕ ییہٕ وراُے۔ وِل آو بیاکھ وَندٕ۔ شِین ہیوتُن والُن۔ راتھ رِکیُت گوو گُلس بیہٕ درواز‌َس ٹھک تہٕ رانٹس اُس بیہٕ کانگرِ تیونگل منگان۔ گُلن دیُت کن تہٕ ژٕٹرُن زِ اُمی گُرِی صرف ڈاے آلو۔ تِکیازِ نانہٕ اوسنس وونمت زِ رانٹس چھے صرف ڈاٲیے آلو گٔرِتھ ہبکان۔ گُلہٕ گوو بیہٕ پریشان مگر دا‌ٗر تھاوُن نہٕ کینہہ۔ دۄیمہٕ راژ آیہٕ رانٹس بیہٕ تہٕ چھے ونان۔ گُلہ مے دِتا کانگرِ تیونگل۔ رانٹس روز گُلنہٕ اَمارٕ پاژن شین دوہن ہتھے یوان۔ گُلنۍ ماج اُسس اندرے جواب دوان زِ گُلہٕ چھنہٕ یتہٕ۔ مگر رانٹس آیہٕ سُتمہٕ دوہ بیہٕ۔ اَمہٕ دوہ اُس گُلنہٕ نانہٕ یمن سکیم وُنیمُت۔ رانٹس یتھے آیہٕ، تِتھے دژاے گُلہٕ تہٕ گرِکی باقی باژ دارِ کنی تہٕ ترٛ وِکھ رانٹسہٕ پیٹھ نارٕ کانگرِ پھرِتھ۔ رانٹسہٕ وُژھ نارٕ بُسر تہٕ ژٕج۔ گُلس اُس وِل تیو ہمت بڑیوو زِ سہٕ اوس خدایس منگان زِ رانٹس گوو بیہٕ اکہٕ لٹہٕ ینی تہٕ سہٕ ژٕرِ ہے تِمس رانٹسہٕ ہوٹ۔ مگر پَتہٕ دِژ نہٕ رانٹسہٕ زانہہ پوٚت نظر تہٕ۔

# ۳۴۔ ہیمال ناگٕراے

دپان کشیرِ منز اوس شُپین کس بلہٕ پۄر علاقس منز راز وَلہٕ وِیر روزان۔ سدارام اوس اُمی علاقُک روزن وول، یُس پننہِ زنانہِ بداد اوٗنمت اوس۔ اکہِ دوہ چھ سدارام اوٹ اَننہِ بازرگن نیران۔ اَڈوتہٕ ووت یہِ اَکِس ناگس پیٹھ، یُس ناگ وِنتہٕ ناگٕراے ناگ ناوٕ ستی مشہوٗر چھُ۔ یہِ اوس رہتہٕ کالُک زمانہٕ تہٕ سخ گرم اوس۔ سدارامن تھوو پنُن ٹھیلہِ گُلِس الوند تہٕ دِتُن شیہلِس تھکھ۔ اُمس پیہِ شیہجارس میٹھ ہِندٕر۔ اُتھی دوران دژاو اَکھ سرٕپھ تہٕ ژاو سدا رامنِس ٹھیلِس منز۔ سدارام گوو ہُشار۔ ٹھیلِس منز سرٕپھ وُچھتھ گٕڈن ووٗٹھ۔ سخ بانبریوٗو۔ مگر جلدٕے آس خیال زِ یہٕ واتناوَن سرٕپھہٕ ٹھیلہٕ گرٕ تہٕ کرٕ پننہِ زنانہِ حوالہٕ، تاکہِ یہِ سرٕپھ بُچھہِ تِمی ہے تہٕ بہٕ تہِ گژھ آزاد۔ یہِ ووت گرٕ تہٕ درواز پیٹھے کوٚرُن ٹھیلہِ زنانہِ حوالہٕ۔ پانہٕ رۄد گرٕنبر، یَمہِ شانکہِ پزاران زِ وِں بوزٕ خبر زِ سرٕپھن ڈژ تسنزٕ زنانہِ ٹوپھ۔ رَژھ کھنڈ گٕژھتھ چھُس زنانہٕ اَندرٕ پیٹھہٕ اَسوٕنہٕ ہونجہٕ کربکھ لایان زِ یہِ ڈاٗلی کتہٕ اَنتھ؟

سداارام ژاو اندر تہٕ یہِ وُچھتھ گوو حأران زِ اَمِس بڑٕ نہ کنہٕ اوس
اَکھ نۆنٛدٕ بون شہزادٕ۔ اُمی شہزادَن وون نکھ زِ یہٕ چھُس پاتالک شہزادٕ
ناگ رائے تہٕ چھُس پننہٕ زِنانہِ ہنٛز بدخوئی کِنی تنگ آمُت۔ سداارام تہٕ
تسنٛز زنانہٕ گے خوش تہٕ لِکِس اَولادٕ ہنٛدی پأٹھی رَچھنہٕ۔

اکہِ دوہ چھُ ناگ رائے چکراہ کرنہٕ نیران۔ یہِ چھُ راز ولہٕ وپر
ہندِس شاہی باغس نِش واتان تہٕ خوش گۆژھتھ اَتھ باغس منٛز اژان۔
اَتہِ چھُ اُمِس راز ولہٕ وپرہنٛزِ شہزادِ ہیمالہِ ستی ملاقات سپدان۔ دۄنوٕنی
گنٛنےیہِ اَکھ اَکی ہنٛز ماے۔ ہیمال چھےٚ ناگ رائس ستی کھاندر کرنٕچ
خواہش ظأہر کران۔ راز ولہٕ وپر اوسنہٕ پننہٕ شہزادِ ہیمالہِ، ناگ رائس ستی
کھاندر کرنس پیٹھ رأضی۔ مگر ہیمالہِ ہنٛز ہٹ دھرمی وُچھتھ چھُ راز
ولہٕ وپر یہِ فأصلہٕ کران زِ ہیمال یِس لۆکس پوش پلناوِ، تسی ستی یہِ تَس
کھاندر کرنہٕ۔ ہیمال چھےٚ صرف ناگ رائس پسند کرِتھ تَس پوشہِ گوند
پلناوان۔ اَدِ کِنی آو ہیمالہِ ناگ رائس ستی کھاندر کرنہٕ۔

اکہِ ساتہٕ دژاو ناگ رائے شکار کرنہٕ۔ یپأری آیہِ ہیمالہِ ہندِ گرِ کِنی
اَکھ کرأج۔ یہِ اُس کترِ وِی بانہٕ کنان۔ ہیمالہِ کوٗر اُمِس آلو تہٕ ہیوٚتنس
ناگ رائس رٕکیٛت نو وکھوس۔ یہِ کرأج اُس ژکہِ ناگ رائے ہنٛزِ پژانہٕ

زنانہِ گُلرنگ پرٕی ہندِ طرفہٕ پاتالہٕ پٮ۪ٹھہٕ سوزنہٕ آمژ۔ تٔمۍ سُند مقصد اوس ہیمالہِ تہٕ ناگٔ رایس درمیان پھاس تژاوُن۔ کرٕاج چھےٚ ہیمالہِ ونان زِ ییٚہ زانن ناگٔ رائے۔ سُہ چھُ ناگٔ واتُل۔ سُہ چھُ گوڈنچ زنانہٕ تہٕ شُری تژاوِتھ آمُت۔ ژٕ وُچھ سُہ ژٔلی ژےٚ تہِ دغا دِتھ۔ ژٕ اگر تٔمِس تسنزِ ذاژ متعلق پرٕژھکھ، سُہ وٕنی نہٕ زانہہ۔

کرٕاج دژایہِ تہٕ کینہہ کال گوٚتھ چھُ اکھ نفر ہیمالہِ ہندِس دروازس پٮ۪ٹھ یتھ کربکھ دِوان، ہے ناگٔ واتلہ، ہے ناگٔ واتلہ، تلہٕ سأ نبر نیر۔ ہیمال دژایہِ دارِ کنہٕ تہٕ وونُنس۔ ژےٚ چھی نا تمیز کلام کرنک؟ سُہ چھُنہٕ یتہِ۔ یہِ نفر چھُ جواب دِوان۔ تٔمِس ناگٔ واتلس وٕنی زِ اکٔے کوٚنش کھور چھی تیار کوٚرمٕت، بیاکھ تہٕ تھاوِ زِ تیار۔ ییٚہ ییٚہ پگاہ۔

ہیمال گٔیہِ گوٚتن۔ ناگٔ رائے آو گرٕ تہٕ ہیمالہِ دِژنس نوٚس کھأسس منز تژٕلیش۔ ناگٔ راین وونُنس، یتھ چھےٚ پاتالٕچ یوٚےیوان۔ یور ما اوس کانہہ آمُت۔ ہیمالہِ وونُنس، آ۔ اکھ نفر آو۔ تٔمۍ دِژٕ درواز پٮ۪ٹھہٕ کربکہٕ تہٕ وونُن زِ تٔمِس ناگٔ واتلس وٕنی زِ بوٚ اکٔے کوٚنش کھور چھُس تیار کوٚرمُت، بیاکھ تہٕ تھاوُن تیار۔ ہیمالہِ پرٕژھ ناگٔ رایس، ژٕ چھکھہٕ پرٕزِ کنہٕ واتُل؟ ژٕ ہاوِ مےٚ پنٕنۍ ذاتھ۔ ناگٔ راین گرٕ تس

سمجھاوِنچ کأفی کوٗشش زِ سو مہ ییِن دُشمنن ہٕزَن کتھن منز۔ مگر ہیمال رٔوز پنہٕ نِس ضِدس پیٹھ قأیم زِ ژٕ ہاو پنٕنۍ ذاتھ۔ نأگراین منگنوو دوٕدٕ ڈُل تہٕ پنٕنۍ ذاتھ ہاوِنہٕ خأطر ووتھ أتھی منز۔ یہِ گوو وارٕ وارٕ دوٕدٕ ڈُلس منز یون یون ڈُبان۔ مگر ہیمال رٔوز پنہٕ نِس مُطالبس پیٹھ قأیم۔ نأگراے ڈُبیوو دوٕدٕ ڈُلس منز پوٗرٕ۔ مگر ہیمالہِ ڈٕژنس ژھأرِکس تھپھ۔ ژھوگ آو تَس اَتھس منز مگر نأگراے گوو غأب۔

وارِیاہ کال گُزِھتھ آو اَپأرِ کنِہ اکھ قلندر۔ ہیمالہِ ووٚن تَس پنٕن سوٗرُے حال۔ قلندر چھُس ونان زِ مےٚ گوو نأگراے راتھٕے أرِکس ناگس نِش نظرِ۔ ہیمالہِ کوٚرنس زارٕ پارٕ زِ مےٚ وانتاوتہٕ تور۔ قلندرن وانتأو سو نأگراے سِندِس ناگس پیٹھ، یَتہِ تَس نأگرالس سٟتۍ دُبارٕ ملاقات گوو۔ نأگراین دِیُت ہیمالہِ پھوکھ تہٕ موٗختہٕ پھوٚل بنأوِتھ وانتأوِن پانس سٟتۍ پاتال۔ نأگرالس چھےٚ پنٕنۍ پرٕأنۍ زنانہٕ گلرنگ پرٕۍ ونان زِ ژٕ ےٚ چھےٚ آدم مُشک یِوان۔ نأگراے چھُس ونان زِ مےٚ چھےٚ ژٕ ےٚ رِکھو داے أنۍ مٕژ۔ یہِ چھُ موٗختہٕ پھلِس پھوکھ دِتھ اِنسان شکلہِ منز پیش کران۔

گلرنگ پرٕۍ ہُند معموٗل اوس یہِ زِ سو اُس بَتس گربکھ پِنہٕ پتہٕ

اَنمہٕ پھیاران تہٕ تتھ شۄہلاوان۔ اَنمہٕ شۄہلنہٕ پَتہٕ اُس سو بانس ٹھۄو
گُرِتھ پننہٕ نمن سرپھہٕ بچن پِنگ اِشارٕ کران۔ سرپھہٕ بچہٕ اُسی آواز
بۄزی تھے یوان تہٕ اَنمہٕ چوان۔ اکہٕ دوہ وونٛکھ ہیمالہِ زِ از رَن ژٕے
بَتہٕ۔ تمہِ لوگ بَتہٕ رُنن تہٕ گربکھ تتھ پھیورُن بَتہٕ۔ اَنمہٕ کوڈُن ڈُلس
منز۔ مگر یہِ شۄہلاونہٕ برونہہ لوگ اُمی سُند رونہہ دامانہٕ اَنمہٕ ڈُلس ستی۔
اَمہِ ستی گوو ڈُلس ٹھۄو تہٕ سرپھہٕ بچہٕ آے یکدم تہٕ نیوکھ یہِ گرم اَنمہٕ
چبتھ، یمہِ ستی تم ڈٕدی۔ ناگِراے چھ ہیمالہِ پُرٕ یَن ہندِ غصبہٕ نِشہِ
بچاونہٕ خاطر تس بلہٕ پورٕ کس جنگلس منز واتناوان۔ اُمس چھ دِوداَرن
اَلوند اُکس منزٕ لس منز تھاوان۔ اَمہِ علاوٕ چھ سہن ہنزٕ شکلہِ منز دون
جنن ہیمالہِ ہنز راچھ کرنہٕ خاطر ڈیوٹی لاگان۔

کینہہ کال پتہٕ چھ اَپاُرِ کنِہ اَکھ سوداگر یِوان۔ یہِ چھ اَتھ
منزِ لس یون والان۔ اُمی وُچھ اَتھ منز ہیمال تہٕ گوو سیٹھا خوش۔
ووننس ژٕ کرے ستی کھاندر۔ ہیمالہِ کوٚرنس نکار۔ اُغرٕ ئیہِ ہیمال
یَتھ کتھہِ پیٹھ آمادٕ زِ یہٕ پژارٕ کمس کم بہن رٹن ناگِرایَس۔ اگرنہٕ
سُہ آو، تیلہِ کرِ یہٕ ژٕے ستی کھاندر۔ بَہہ رٹتھ اُسی موکلنس تیار زِ ناگِراے
پھو واُتتھ۔ اَمہِ ساتہٕ اُس ہیمال شونٛگتھ۔ ناگِرایَن بنوو پانس

سرِ پھ تہٕ آو ہیمالہِ کمرس وَلنہٕ۔ سوداگر آو وعدٕ مُطابِق دُبارٕ تہٕ وُچھن زِ ہیمالہِ چھُ سرِپھن نال وولمُت۔ سُہ بانبریاو سخ تہٕ ژھٕنُن سرِ پھ مأرِتھ۔ ہیمال گیہِ ہُشار تہٕ یہِ حال بوٗزِتھ ئُج وبداکھ دِنہٕ تہٕ وَچھ ژَٹنہِ۔ ہیمالہِ تُل یہِ موردٕ سرِپھ تہٕ واتنووُن آورِنہٕ پیٹھ، یَتہٕ سو سرِپھس ستی پانہٕ تہِ نارٕ دٕز۔ دپان اَتھ جایہِ ووتلیاو اکھ ناگ، یُس ہیمال ناگ ناوٕ ستی مشہوٗر گوو۔

(دٔلیلہِ ہُند ماخذ چھےٚ ہیمال ناگٕراے مثنوی)



بشکریہ غلام رسول سنتوش

# ۳۵۔ یوٗسُف زُلیخا



حضرتِ یعقوٗبَس ؑ اُسی دَہ نیٚچوٕ۔ لوٚکٹ ہوٚو زٕ، یوٗسُف تہٕ تٕمی سُند بوے اُسی اَکِس ماجہِ ہندِ مرِ آمٕتی۔ بیٚیہِ اُٹھ اُسی بیٚکِس ماجہِ زامٕتی۔ یوٗسُف چُھ خواب وُچھان تہٕ بوٗزنان پننِس بابہٕ صابس نِش۔ دوٚپُن اَبا مےٚ وُچھ کہہ تارکھ، زوٗن تہٕ آفتاب یِوان تہٕ مےٚ سُجدٕ کران۔ بابہٕ صابن دوپنس تعبیر زِ ژےٚ کرِی خدا عزت عطا۔ سُہ ہیچھناوی ژےٚ خوابن ہُند تعبیر۔ مگر ژٕ وُنی زبنہٕ یہ خواب پننٕین ووٗرِ بایَن نِش۔ مُمکِن چُھ زِ تِمَن ڈالِہِ شیطان تہٕ تِم واتناوَن ژےٚ نقصان۔ تِمی ہندی ووٗرِ باے چھِ پانہٕ وُنی کتھ کران زِ یوٗسُف تہٕ تٕمی سُند بوے چھِ بابہٕ صابس زیادَے ٹاٹھی۔ حالانکہِ تِمَن مقابلہِ چھِ اَسی تعدادس منز زیادٕ تہٕ بٔڑ جماعت۔ اَوٕ کٔنی پَزِ اَسہِ یوٗسُف دوٗر جایہِ نِتھ مارُن۔ اَکی باے دوپ نہ، مارُن چُھنہٕ۔ یہ نِیوٗن پانس سٟتی تہٕ

ژ اوِیوٗن کُنہِ سٔنِس کریرِس منز، تاکہِ کانہہ وَتہٕ پکوٗن کھالہِ اُمِس تہٕ ٹیِس پاںٔسِ سٟتۍ بیہِ کُنہِ مُلکس کُن۔ پَتہٕ گوٚہو بابہِ صابس اَسی ٹاٹھی۔

وورِ باے چھِ مائِلس نِش گوٚہتھ ونان زِ اَسی نِمون یوٗسُف پانٔس سٟتۍ چکراہ کرنہِ۔ مائلی وون نگھ نہ، توہہِ پیٹھ چھُنہٕ بھروسہٕ۔ تِمو اگر اورِ یور لگو، اُمِس کھیٚیہِ را مہٕ ہوٗن۔ شُربو وون ہَس ژِ چھکھنہٕ اَسہِ پیٹھ بھروسہٕ کران۔ اَسی چھِ اُمی سٟندی خارخواہ۔ اَسی تھاوون یہٕ پانٔس سٟتۍ۔ یہٕ کھیٚیہِ قسمہِ قسمکۍ میوٕ تہٕ بیہِ گِندِ تہٕ دروکہِ۔ ژٕ تھاو اطمینان۔ اَسی کرَو اُمِس راچھ۔ اَسی چھِ پیٚنٕ بڑٕ جماعت، اُمِس اگر را مہٕ ہوٗن کھیٚیہِ تیلہِ واتہِ اَسہِ نقصان۔ مائلی وون نگھ مےٚ چھُنہٕ دِل مانان۔ وورِ بایَو تِل یوٗسُف پانٔس سٟتۍ تہٕ واتنوٗکھ دوٗر اَکِس جایہِ تہٕ ژٕ دوٗکھ سٔنِس کریرِس منز۔ یوٗسُفس آو خدایہِ سٟندِ طرفہٕ وحی زِ اکہِ دوہ پاوَکھ ژٕ وورِ باین تِہندی کرتوٗت یاد۔ وورِ باے آے اَنہِ گٹہِ راژ واپس تہٕ سٟتۍ اَنِکھ اَپزِ چ میژ رَتہٕ قمیض۔ یمَو وون مائلس ووداں ووداں، اَبا اَسہِ اوس یوٗسُف سامانس نِش راچھ کرنہٕ خاطر تھووُمت۔ اَسی لگی ٹِکہِ ٹِکہِ منز اکھاَکِس برونہہ نیرنہِ تہٕ پتۍ کنۍ آو را مہٕ ہوٗن، تمۍ نیوٚ یوٗسُف کھیتھ۔ ژٕ کرکھنہٕ سانہِ کتھہِ پٔژھ۔ مگر یہٕ رَتہٕ قمیض چھُ تمیک زِندٕ ثبوت۔ بیہ وٕنۍ زبنہٕ وِل

ژ یہِ کانٛسہِ نِش۔ حضرتِ یعقوب چھکھ وناں مےٚ چھُنہٕ تِہنٛز کتھہِ پیٹھ بھروسہٕ، تِمو چھِو اَپُز وناں۔ خار بہٕ کرٕ صبر تہٕ اللہ تعالیٰ چھُ بہتر زانَن وول۔

خدایہِ سٕنٛز قُدرت وُچھِو زِ بیپاری آو اکھ قافلہٕ۔ تِمو ژٕو وآب کھالنہٕ خاطرٕ کرٕ رٕس منٛز بکہٕ۔ یم چھِ آبہٕ بکہٕ کھالان تہٕ اَتھہٕ سٕتی اوس یوٗسف الوند گومُت۔ یِم گےٚ خوش تہٕ نیوٗکھ یہِ پانس سٕتی۔ یِمو کُن یہِ مِصرٕ کِس بازرس منٛز۔ یُمہٕ شخصن یوٗسُف مُلی ہیوٚت، تِمو واتنوو یہِ پنٛن گرٕ تہٕ وونُن پنٛنہٕ خاندارنہِ (یُسند ناو زُلیخا اوس) زِ رٹُن یہِ خوش شکیل لڑکہٕ۔ یہِ تھاوُن عزتہٕ سان۔ یہِ ییہِ اَسہِ وارِیاہ بکار یا بناوون یہِ پنٛن نیچو۔ اِتھکن واتنوو یہِ خدایِن مصر تہٕ مقصد اوُس اُمِس خوابن ہُند تعبیر کرنُک علم ہیٚچھناوُن۔

یوٗسُف ییلہِ جوان گوو، اُمِس دِژ خدایِن دانٲئی تہٕ علم۔ زُلیخا گیہِ اُمِس عاشق۔ تمہِ کوٚر اُمِس کُٹھِس منٛز آلو تہٕ درواز بندِ کٔرتھ لٔج اُمِس پانس کُن مأل پھرنہِ۔ یوٗسُف چھُ وناں خدایا نجات، ژٕ رَچھ مےٚ پنٛنہٕ نِس سایس تل۔ بہٕ ہیکنہٕ پنٛنہٕ نِس مألکس سٕتی دوکھہٕ تہٕ ظُلم کٔرتھ۔ خدا چھُنہٕ ظالمن کامیأبی دِوان۔ زُلیخا روٗز پنٛنہٕ نِس ضِدس پیٹھ تہٕ یوٗسُف پنٛنہِ پاک دامنی پیٹھ قائم۔ یوٗسف ژول کمرٕ منٛز نبر۔ زُلیخا دورے یِس پتہٕ تہٕ

دِژنس پُتہِ کنہِ نالس تھف تہٕ ژٹنس قمیض۔ اوراوس دروازس پیٹھ زُلیخایہِ ہُند خاوند یوان۔ زُلیخایہِ ووننس چانہِ خاندارنہٕ پیٹھ یَس اِژھ نیت آسہِ، تَس گژھِ یا تہٕ سخت سزا دِنہٕ یُن یا گژھِ سہ جیل سوزنہٕ یُن۔ یوٗسف چُھ وَنان زِ یہے اُس مےٚ مائل کرُن یژھان۔ زُلیخایہِ ہُند اکھ رشتہٕ دار چُھ وَنان زِ اگر قمیض بروٚنہہ کنہِ ژھینٛژِہو آسہِ، تیٚلہِ چُھ یوٗسف خطاوار۔ اگر قمیض پُتہِ کنہِ ژھینٛژِہو آسہِ، تیٚلہِ چھےٚ زُلیخا ذمہٕ وار۔ یمو لوٗب زِ قمیض اُس پُتہِ کنہِ ژھینٛژِہو۔ اوٚرِکنہِ ووننس خاندارن یہِ چُھ چونے اَتُر ژ کرتوٗ یہٕ۔ توہہِ زنانن ہندی فریب چھِ خطرناک آسان۔ یوٗسفس وونن کینٛہہ چھُنہٕ پرواے۔ ژ روز ٹھیک پاٹھی۔

ساری ہے شہرس منز گیہ اَمِچ کربکھ۔ زنانہٕ آسہِ وَنان زِ زُلیخا چھےٚ نوکرس پیٹھ دیوانہٕ گمٕژ۔ وُچھ اَمِس کیا گوو! اکہِ دوہ چھےٚ زُلیخا چال گرِتھ تمن زنانن دعوت کران۔ اَتھس منز دِتی نکھ میوٕ ژٹنہٕ خاطر قلمتراش۔ غرض اوٚسُس تمن یوٗسف ہاوُن۔ یوٗسفس دِتُن مجلسہِ منز اَژنک حکم۔ تمو ییلہِ یوٗسف وُچھ، تم گیہ تیٚند حُسن وُچھِت ہاران تہٕ دوپکھ یہِ پُرجمال اِنسان چھُنہٕ اِنسان بلکہِ چُھ اکھ فرشتہٕ۔ حارانی منز ژٹی تمو پنٕنی نیٚٹھ۔ یہِ وُچھِتھ ووننکھ زُلیخایہِ، تُہی آسِو مےٚ پامہٕ دِوان۔

وِں تورِ فِکرِ زِ ئہ کس پیٹھ چھس فریفتہٕ گاٚمُت؟ می کٔر أمِس مائِل کرنچ کوٗشِش۔ مگر یہِ بچاو تمہِ نِشہِ۔ اگر نہٕ یہِ میون مانہِ، تیلہِ پییہِ یہِ جیل برنہٕ تہٕ یہِ گژھہِ ذلیل۔ یوٗسفن ووٚن مےٚ چھُ بدکاٗری کھوتہٕ جیل گژھن زیادٕ پسند۔ أمی کوٚر یہِ دُعا زِ خدایہِ مےٚ بچاوتہٕ بدکاٗری نِشہِ۔ خداین کوٚر یہِ دُعا قبوٗل۔ کیٚنہہ دوہ پتہٕ آو أمی سٕنز بےگُناہی وُچھتھ مشورٕ کرنہٕ زِ بہتر چھُ یوٗسف پییہِ کیٚنژس کالس جیل سوزنہٕ۔

اَتہٕ أسی أمِس سٕتی بییہِ تہٕ زٕ جوان جیلس منز۔ یمو ووٚن یوٗسفس زِ اَسہِ چھُکھ ژٕ نیک اِنسان باسان۔ أکی ووٚن مےٚ وُچھ خواب زِ ئہ چھُس شرابہٕ خاطرٕ دٔچھس رَس کڈان۔ بیٚکی ووٚن مےٚ وُچھِ کلس پیٹھ ژوچہِ تہٕ اورٕ أسی جاناور یوان تہٕ تِمن دِگوٚ سٕتی کھیوان۔ یوٗسفن ووٚن گوڈٕنکِس جوانس زِ ژےٚ چھیِ رِزق قسمتس تہٕ سُہ ژےٚ تام واتنہٕ برونہہ ونےٚ بہٕ ژےٚ اَمیک تعبیر۔ یہِ چھُ خدایہٕ سٕندِ طرفہٕ عطا کرنہٕ آمُت فضل۔ بہٕ چھُس پننہٕ نِس جدِ بُڈِ بَب، بُڈِ بب تہٕ مالِ سٕندِس دینس یعنی اِبراہیمؑ، اسحاقؑ تہٕ یعقوبؑ سٕندِس دینس پیٹھ۔ اَسہِ پزِ خدایہٕ سُند شُکر اَدا کرُن۔ میانِو جیلہٕ کِنِو رفیقو، یوٗزِ و خدا چھُ کُن تہٕ تَس چھُنہٕ کانہہ شریک۔

دوٚینِژھ گوڈٕنیک قیدی گژھہِ آزاد تہٕ چاوِ بادشاہس شراب۔ بیٚکِس

قِدِس دِن پھاسی۔ آزادی پرٛاوَن واٲلِس وونُن زِ میون تہٕ ؤنی زِ بادشاہس۔ مگر تَس گوو مٔشِتھے۔ اِتھکن گُزرے ٚکتی ؤری۔ بادشاہن وُچھ خواب زِ سَتھ لاغرگاو آسہٕ ستن تندرُست گاوَن کھوان۔ بیہ اُسی سَتھ سبز ہیٚلین ہیٚتی ستھ ہوکھی ہیٚلی۔ بادشاہن پرٛژھ دربارین اکھ تعبیر۔ تِمو وون یہٕ چھےٚ پریشان خیالی تہٕ اَسہٕ چُھنہٕ امیک تعبیر پتہٕ۔ جیلہٕ منٛز آزادٕ گمتی جوانن وون ٔزِ اَنہٕ امیک تعبیر مگر مےٚ دِیو جیل خانس منٛز گژھنک اِجازت۔ تٔمی پرٛژھ یوٗسفس امہِ خوابک تعبیر۔ تِمو وون مُلکس منٛز بَنہٕ ستن ؤری ین اصل پأداوار۔ مگر اَمہِ پتہٕ یِنہٕ والین ستن ؤری ین دوران روزِ خشک سأنی۔ اَوِٚکنی پزِ خشک سأنی خأطرٕ غلہٕ بچاوُن۔ یہٕ تعبیر یِیلہِ بادشاہس وننہٕ آو، تٔمی اَنوو جیلہٕ پیٹھہٕ یوٗسُف۔ قأصدَن وون یوٗسفس، نیر ژِ گوکھ آزاد تہٕ گوژھ پننِس مأنکس نِش واپس۔

یوٗسفن پرٛژھنس زِ تِمن زنانن ہُند حال کیا چھ، یِمو قلمتراش ہیٚتی پنٛنی اَنٛتھ ژٹٕ۔ بیشک چُھ خدا دِلن ہُندحال زانان۔ بادشاہن پرٛژھ تِمن زنانن زِ توہہِ ہیٚتی کیا سپدٕ؟ تِمو وون، اَسہِ وُچھنہٕ اُمس منٛز کانہہ عأب۔ زُلیخایہ تہٕ وون زِ بےٚ چھس خطاوار تہٕ می اُس اُمس پانس کُن مأیل کرنٛچ کوشش گرمٕژ۔ یوٗسفن وون زِ یہِ سورُے پرٛژھ مےٚ اَوِٚکنی زِ

میأنس مأُلکس گوٚھ یقین زِ مےٚ کُرنہٕ تہٕندِس اَمانَتس منز خیانت۔ بیشک چھُ خدا ایماندأری پسند کران۔ خدا چھُنہٕ خیانت کرن والین ہنز چال کامیاب گوٚھنہٕ دِوان۔ بہٕ چھُسنہٕ پنُنہٕ پاک آسنُک دعویٰ کران۔ تِکیازِ اِنسانہٕ سُند نفس چھُ تَس بُرأیی کُن نِوان۔ مگر تم لُکھ چھِ بچان یِمَن پیٹھ خدایہٕ سُند رحم آسہِ۔ بیشک چھُ میون خدا بخشن وول تہٕ رحم کرن وول۔ یہٕ بوٗزِتھ چھُ بادشاہ أمِس وَنان زِ ژٕ روز مےٚ سٟتی تہٕ ژےٚ دِمےٚ بہٕ کأم۔ ژٕ چھکھ أزی کِہ پیٹھہٕ سانہٕ خأطرٕ باعزت تہٕ قأبلِ اعتبار۔ یوٗسفن وُنُس زِ تُہۍ دِیوٗ مےٚ خزانچ کأم۔ بہٕ کرٕ تتھ حفاظت تہٕ مےٚ چھُ اَمیک علم تہٕ۔ اِتھکن بنوو یہٕ خداین ملکس منز بااختیار۔ خدا یُمِس یژھِ، تِمِس کرِ یأری تہٕ سہٕ چھُنہٕ کأنسِہٕ ہنز نیکی ضائع کران۔ ایماندارن تہٕ پرہیزگارن چھُ أخرتس منز تہٕ رُت اِنعام دِنہٕ یِوان۔

یوسف اوس غلہٕ بأگرنچ نگرأنی کران تہٕ لُکھ أسی یِوان تہٕ غلہٕ نِوان۔ یوٗسفنۍ ووٚرِ بأےٚ تہٕ آے۔ یوسفن پرٛزناٚوی تم، مگر تِمو پرٛزنوٚو نہٕ یوٗسف۔ أمۍ کرناوِ اِہندِ خأطرٕ غلہٕ بورِ تیار تہٕ وون نکھ تُہۍ أنۍ زیون پنُن ووٚرِ بوےٚ تہِ سٟتی تاکہِ سُتہِ نِیہٕ راشن۔ تُہۍ چھِوناوِ چھان، بہٕ چھُس پوٗرٕ پوٗرٕ تولان تہٕ بیہِ چھُس مہمان نوأزی تہِ کران۔ تُہۍ یِیلہٕ

بیہِ ییٚوٗ، سُہ بوٚے تہٕ اَنۍ زِیون ہِتی۔ نتہٕ ییہٕ نہٕ تو ہمہٕ راشن دِنہٕ تہٕ نہٕ گِوھ تیٖلہِ یور یِن۔ تٔمو وونہٕ ہس زِ اَسی کرو تس پانس ستی اَنہٕ نِچ پۆژر کوٚشِش۔ یوسفن ترٲوناوی لوتہِ پٲٹھی تِہندِس ٹھیلس منز تہِندی پونسہٕ واپس تاکہِ یِم ییٚن دُبارٕ تہٕ۔ تِم وٲتی راشن ہیتھ گرٕ تہٕ بورِ مورٲوِتھ وٕچھکھ زِ پونسہٕ تہٕ چھکھ واپس ترٲوی متی۔ یِم چھِ پننِس بابس وَنان زِ ژٕ دِن سون بوٚے اَسہِ ستی، نتہٕ دِن نہٕ اَسہِ راشن۔ مول چھکھ وَنان زِ مےٚ چھُنہٕ توہہٕ پٮ۪ٹھ بھروسہٕ۔ تُہۍ کٔرِو یِمس ستی تہٕ سُے سلوک، یُس توہہٕ یوسفس ستی کوٚرُو۔ یِم چھِ مٲلِس زارٕ پارٕ کران۔ مول چھکھ وَنان زِ تُہۍ کٔرِو قسم کھیتھ وعدٕ زِ بیہٕ انون پانس ستی سلامت پٲٹھی واپس۔ یِمَو کوٚر قسم کھیتھ وعدٕ تہٕ نیوٚکھ ووٚرٕ بوٚے پانس ستی۔

یِم وٲتی مصر تہٕ ہیوٚتکھ راشن رٹُن۔ یوسُف چھُ پننِس بٲیس الگ کُن نیتھ لوتہٕ پٲٹھی وَنان زِ بہٕ چھُس چون بوٚے یوسف۔ یوسفن کوٚر بٲے سُند راشن ٹھیلہٕ تیار تہٕ ژوٚرِ پٲٹھی ترووُن اَتھ منز تریش چِنگ بانہٕ۔ قافلہٕ گوو روانہٕ تہٕ پَتہٕ کنہِ گوو آلو زِ شاہی پیمانہٕ چھُ رووُمُت۔ یُس تِتھ ژھانڈِتھ اَنہِ، تَس ییہٕ دِنہٕ راشن دِنہٕ۔ اَمۍ سندِ بایو وون اَسی چھِنہٕ ژوٗر۔ یِمَن وونُکھ زِ یِس نِش بیہٕ پیمانہٕ نیرِ، تس کیاہ سزا دِمَو؟ تِمو

دوپ یِسندِ سامانہٕ منز یہِ پیمانہٕ نیرِ سہ چُھ سزاوار۔ یوسف چُھ گوڑٕ ووڑ بایَن ہندِ بن ٹھیلن تلاشی کران تہٕ پتہٕ لوگُن بأے سندِس ٹھیلس منز یہِ پیمانہٕ تلاش کرُن۔ ووٚر بایو وون یہِ چھِ اِتھے۔ أمِس اوس اکھ یوڑ بوے، تمی تہِ اُس اِتھے کن ژوٚر گرٚمُت۔ یوسفن گرٚ ژھوپہٕ۔ ووٚر بایو وونہس اَسہِ چھِ گرِ اکھ بُڈمول، سہ ژھانڈِ أمِس۔ ژتھاوُن اَسہِ منز کانہہ بند۔ یوسفن وون تِمن بہ ہکہٕ نہٕ تِتھ بےٚ انصأفی گٔرِتھ۔ یِمی سندِ ٹھیلہٕ منز یہِ پیمانہٕ برآمد گوو، سُے کرون بند۔ ووٚر بأے لٔگی مشورٕ کرنہِ تہٕ ژٔھری ہوٚے وون تِمن اَسہِ چھِ بابہٕ صأبس ستی وعدٕ کورمُت، تمِس کیاہ جواب دِمو؟ اَمہِ برونہہ چھےٚ اَسہِ یوٗسفس متعلق تہِ پہلوٗتہی گرٚمُت۔ بہٕ روزٕ یتی تہٕ تُہۍ گژھو۔ بابہٕ صأبس وٚنِیو حالات۔ یعقوٗبن بییلہِ بوٗز، دوٚپنکھ تُہۍ چھو یہِ دِلہٕ ستی ونان؟ بہٕ کرٕ صبر تہٕ مےٚ چھےٚ وومید زِ خدا واتناوِ تِمن سأرِنے واپس۔ یعقوب چُھ پانس ستی ونان "یوسف چانہٕ دادِ ووتُم یوٗت کال أچھو رٔنگ خوٗن هاران۔ دوٚپنکھ گو برو گژھو تُہۍ أنیوٗن یوسف تہٕ تٔسند بوے ژھأنڈِتھ۔ تُہۍ مہٕ گژھو ناوومید۔ ناوومید چھِ صرف کأفر گوھان۔

تم وٲتی یوٗسفس نِش تہٕ ووٚنہس اَسہِ چھِ پانس ستی معموٗلی چیز اونمُت۔ أسی چھِ قحطکی شکار۔ اَسہِ دِتو خأراتس منز زیادٕ پہن غلہٕ۔ خدا

چھ خاُرات دِنہٕ واُلِس بہتر جزا دِوان۔ یوسفن وون نکھ تو ہہ چھا پتہٕ یاد
زِ یوسف تہٕ تِسندِس باُیس ستی کُس بُرٕ سلوٗک کوٗرُوٗ توہہ۔ یمو ووٗنہس
کیاہ تٔہۍ چھِوٕ پزۍ کنۍ یوسُف! دوپنکھ آ۔ بٔہ چھس یوسف تہٕ یہٕ چھ
میون بوے۔ خداین کوٗر اَسہِ پٮ۪ٹھ رحم۔ بیشک چھُ سُہ صبر تہٕ نیکی کرن
والین رُت جزا دِوان۔ وورٕ بایو ووٗنہَس ژٕ ے چھُنٕ ے خداین پَنُن فضل
کوٗرمُت تہٕ اَسۍ چھِ خطا کار۔ یوٗسفن دوپنکھ زِ مےٚ چھُنہٕ کانہہ شکایت۔
خداۓ کری نو رحم تہٕ سُے چھ بوڈ رحم کرن وول۔ تٔہۍ نِیُو میاٚنۍ یہٕ قمیض تہٕ ستی۔
یہٕ ہاوِو میاٚنِس بابہٕ صاُبس، تس یِیہ اَچھن گاش۔ تٔہۍ پیزِ بو واپس تہٕ گرِکی
ساُری بآژ اَنۍ زِ یوکھ پانس ستی۔ یِیلہِ قاٗفلہِ واپس دراو، گرِ چھُ یعقوب
ونان زِ اگر نہٕ توہہِ میاٚنۍ کتھ بے معنی باسہِ بٔہ ونو پوٗز زِ مےٚ چھےٚ
یوٗسفنۍ خوشبوٗ یِوان۔ یِیلہِ اکھ نچِو رٕژ خبر ہتھ آس تہٕ تِسنز قمیض ترٛاوٕنس
بتھِس پٮ۪ٹھ، تس آو اَچھن گاش۔ سارِوٕے شُربو ووٗنہس سانہِ خاُطر کرتہٕ
مغفرتُک دُعا۔ یعقوب واتنوٗ وکھ مصر۔ یوسفن بِہنوو سُہ تھدِس تختس
پٮ۪ٹھ تہٕ ساُری آس اَلنہٕ تہٕ ولنہٕ۔

# ٣٦۔ سونہٕ کٕسر

سونہٕ کٕسر اُس اکھ لوٕکٹ کوٗر، یوسہ سٮ۪ٹھا خوش شکیل تہٕ لائق اُس۔ بادٲمی چشمہٕ، أنزِنہِ گردن تہٕ سونہٕ ہٕرٕی مس اوٗسُس۔ اخلاق تہٕ عادت تہِ اُسِس زبر۔ گرس اُس واتان تہٕ ماجہِ اُس اتھہٕ شیٚہلاوان۔ اکہِ پھرِ اُس یہِ مستَس کنٕگنز والان۔ زَٹھ وأژن، لٕڑٕگرٕن تہٕ کنٕگنہِ گٕرِن ہٕرٕی صاف۔ اتھہٕ بُتھ چھوٗلُن تہٕ ووڈِ دِژن پوٗژ۔ وٕل ہیٚٹھ سبق پرنہِ۔ اورٕ آس لوکُٹ بوے۔ تَس اُس سِخ یوچھِ لُیجمٕژ۔ بیٚنہِ ووٗنُن مےٚ شیرتہٕ بَتہٕ۔ سونہٕ کٕسر وُژھ وٕلی وٕلی تہٕ شیٚوٕزَنس بأنس بَتہٕ۔ دستر خوان ترٕووٗن تہٕ اون نس بُتہٕ بانہٕ تہٕ سِنٕز لوٗر برونہہ کُن۔ ترٕیش تہِ تھاوُنَس۔ أمی ہندی بأے وول بَتہٕ بأنس منز اتھہٕ۔ اکھ زٕ میٚنڈی کھبنہٕ پتہٕ دٕژاس بَتہٕ منزٕ کیی وال۔ أمہِ سٕتی پھیٚوٕرس مَن تہٕ گوس موٗڈ خراب۔ بیٚنہِ پرٕژُھن یہِ کیٚتھ وال؟ سونہٕ کٕسرِ گٕر ژھوپہٕ تہٕ کیٚنہہ ووٗن نَس نہٕ۔ أمی ہندی بأے تُل کیی وال اَتھس منز تہٕ ووٗنُن۔

یَنٛد وال سوٗگٕنز کولٕے یَنٛد وال سو میأنی کولَے

سونہٕ کسرِ بۄز تہٕ گوس بأے سُند یہِ وُنن موتہٕ کھوتہٕ سخ۔ یہِ اُسِ ووڈنہِ تہٕ رِونہِ۔ یہِ چھے اَچھوکنی خۄن ہاران۔

أتھی حالس منز دژایہِ گرِ نبر تہٕ وأژ وارِمنز۔ کینہہ کال پَتہٕ آیہِ أمی سٕنز مأج گرٕ تہٕ اَتہِ وُچھن نہٕ سونہٕ کسر۔ نیچوِس پرٛژھن زِ سونہٕ کسر کتہِ چھےٚ؟ تٔمی وونُس وارِمنز۔ مأج وأژ وارِ منز تہٕ کورُن سونہٕ کسرِ دۄرے آلو۔ سونہٕ کسرِ وُچھ مأج تہٕ وونُس دَدرلیہِ اوش۔ ہتی باسیاس زِ مأج ئیم گرٕ گن واپس۔ سونہٕ کسر اُسِ ژھنیپہٕ ژپھ کرنہِ۔ مأجہِ روٗزس پتہٕ پتہٕ دَوان۔ مگر سونہٕ کسر تَھجٕ تہٕ کھو وٕں پھرٕ ستس پٹھ۔ ماجہِ پلناوِس نرِ تہٕ ہۄن یون وائنی۔ مگر سونہٕ کسر گیہِ تہرِس کھٔسِتھ۔ ماجہِ پرٛژھس زِ مےٚ وَنتہٕ دلیل کیاہ چھےٚ؟ سونہٕ کسرِ وونُس مےٚ شیۆر بأیِس بتہٕ بانہٕ تہٕ اومس بروہہ کُن۔ أمی ہیوٗت کھیۆن تہٕ الغأبہٕ دژاس بَتہٕ بانہٕ منزٕ کیی وال۔ اَتھس منز وال رٹتھ وونُن یُسند وال سو میأنی کولے۔ أمس روٗدنہٕ رَژھتہِ لحاظ۔ ماجہِ وونُس اَدِ آسہِ ہے گُنہِ وال آمُت، ژکیازِ گیکھ ناراض۔ وولہِ بلایہِ لگے، وَس وِں۔ سونہٕ کسر چھس جواب دِوان زِ أمہِ برٛونہہ اُس می کُنگٕنی دِژہو تہٕ یہِ اوس میونُے مَس وال۔ ماجہِ وونُس اَدِ أمس بچأرِس کتہِ اُس

خبر۔ یہِ ہے لوٗکُٹ بوے چھے۔ اگر غلطی گٔیس، وٕنۍ دِس معأفی۔ ووڑہِ وَس بون۔ سونہِ رٕکسر چھُس وَنان زِ میون کاژُرمس چھُ دوٗرِ لبنہِ یِوان۔ أمِس روٗدنہِ رَژھتہِ أچھن منز۔ مأج چھس زارِ پارِ کران۔ مگر سونہِ رٕکسر کتھ مانہِ ہے۔ أمی سِنز مأج گٔیہ سبٹھاہ مایوٗس۔ یہِ گٔیہِ گرِ واپس تہٕ چھےٚ نِچوٗس بوٲری کران۔

وٕنۍ آو سونہِ رٕکسرِ ہُند بوے وارِمنز تہٕ چھُ بیٚنہِ پھرِستَس پیٹھ وُچھتھ بانبران تہٕ بیٚنہِ یون وسنہِ خأطر وَنان۔ مگر بیٚنہِ چھَس جواب دِوان، گوڈٕ پانس وَن یَسُند وال سو گِہنز کولے۔ بوے چھُس معأفی منگان تہٕ گرِ ینہِ خأطر وَنان۔ سونہِ رٕکسر چھُس وَنان، یُس بوے نہٕ بیٚنہِ ہُند سوال پچھانہِ سُہ کُس بوےگوو؟ بوے گوو یہِ بوٗزِتھ کیٚتھ تام ہیوٗ تہٕ ووت گرِ واپس۔

سونہِ رٕکسرِ ہندی مأمن بوٗز تہٕ سُہ تہِ ووت وارِمنز تہٕ چھُ گرِ ینہِ خأطر سونہِ رٕکسرِ زارِ پارِ کران۔ سونہِ کسر چھُس وَنان ماما ہٕ نا یِمنہِ۔ میون بوے چھُ وَنان یَسُند وال سو میأنی کولے۔ مام چھُس سارنے ہِندِ طرفہِ معأفی منگان۔ مگر سونہِ کسر چھُنہِ یون وَسان۔ اَمہِ پَتہٕ آیِس ماس تہٕ پَتہٕ پوپھ تہِ۔ تِم تہِ چھَس زارِ پارِ کران۔ سونہِ رٕکسر

چھکھ وَنان ئہ نَے یموٗنہٕ۔ میون بوے چھ وَنان یُسند وال سو میانیٔ کولَے۔ ماس تہٕ پوپھ تہٕ گیہ مایوٗس۔

وِں آس پٕتر، سُہ تہٕ چھُس زارٕ پارٕ کران۔ سونہٕ کیٖسر چھس وَنان چھچا ئہ نا ییٚے۔ بوے چھُم وَنان یُسند وال سو میانیٔ کولَے۔ وِں آس مول تہٕ چھُس وَنان، وولہٕ سأ کوٗری وَس یون، وِں گوٗھو گرٕ۔ سونہٕ کیٖسرِ وون نس بَبا ئہ نا ییٚے نہٕ۔ بوے چھُم وَنان یَسند وال سو میانیٔ کولَے۔ مالہِ وون نس وولہٕ ژٕ پکھ گرٕ، ئہ کرٕ تَس پانَے ہدایت۔ مگر سونہٕ کیٖسر روٗز پَننہِ کتھہِ پیٹھ قائم تہٕ یہِ وُژھنہٕ پھرٕس تھرٕ پیٹھہٕ یون۔

تامَتھ ووت شام۔ وِں سمیاے گرکی سأری بأژ تہٕ کوٗرکھ مشورٕ گرِتھ فاصلہٕ زِ پھرٕس ژٹوون تہٕ تراوون پتھر، أتی نموٗن سونہٕ کیٖسر گرٕ۔ ییم روٗدی تیٚمرِ ستی پھرٕستَس گوڈ ژٹان تہٕ وِں اوس یہِ پیٚنس تیار۔ تامَتھ ئر سونہٕ کیٖسر بکِس پھرٕ ستِکس تھرِس پیٹھہٕ تہٕ گوڈنیک پھرٕس آو یکدم وُستھ۔ اِتھے کن روٗدی ییم اَکھ أکِس پَتہٕ شیٚے پھرٕس ژٹان تہٕ سونہٕ کیٖسر چھیٚے بکِس بکِس پھرٕستہٕ کِس تھرِس پیٹھ ترٕان۔ وِں أس یہِ ستِمِس تہٕ أخری پھرٕستس پیٹھ ئرٕ ہو۔ أخری

پھرِس اوس ژٕٹنہٕ یوان۔ اَمہِ پَتہٕ اُسنہٕ سونہٕ کِسرِ کانٛہہ بچن باتھ تہٕ سبیٖل تظرِ یِوان۔ آسمانس پیٹھ اُس پھل ژٕندٕر ہش زۄن چمکان۔ سونہٕ کِسرِ گر عارٕ بُرژٕو اُچھو آسمانس کُن نظراہ تہٕ دُپُن آلو۔

زۄنہٕ ماجہ زۄن، تژاو تم ہانکل یۄری یے

تژاو تم ہانکل، ژٕتم کھاُلِتھ اۄری یے

زِون ماجہِ چُھ اُمی سُند عار یِوان تہٕ سو چھےٚ ہانکل تژاوِتھ سونہٕ کِسرِ پانس نِش کھالان۔

(کمراز علاقس منز چھےٚ یہِ لُکہٕ ڈیٖلیل یُمی آیہِ معروٗف)



غلام احمد مہجور (بشکریہ انٹرنیٹ)



۳۷۔

# ژٕر تہٕ ہأر

ژٕر اُس ہارِ ہٕنز وبس۔ دونوٕے آسہٕ نِکھٕے روزان۔ یِم آسہٕ محلہٕ کِس أکی ہٕسے سکولس منز یِکوٹہٕ پران۔ سوٗزٕ لَنٛگِس گِندان تہٕ ہوکچہٕ کران۔ اچانک وُتھ ہےٗ۔ ژٕلہٕ لارٕنٛج۔ اپور پنڈتھ جگہٕ کاکن وون زِ بہتر چھ ژُو بچاوُن۔ ژَرِ ہٕندی تہِ تٕرٕی سأری اپور۔ ہارِ ہٕندی روٗدی یپارے۔ شرٛوٗ کٔنٛن ژاے۔ ژُوس زن ژاکھ لار۔ ہارِ اوس ژَرِ ہُند سنٛخ پھیران۔ اَپأرِمِن روٗزنہٕ یپأرِم خبر۔ منٛزٕ گوو واریاہ کالاہ تہٕ ژُٕرتہٕ اُس وِن فکرِ پیمُو۔ تمہِ سوٗز ہارِ سلام۔ ہارِ سوٗزی تَس ژٕوٗنٛی، بادم تہٕ ژِیر۔ منٛزی منٛزی اُسٕس ہاکھ، ژٕوٗنٛٹھی تہٕ ندٕرٕی تہِ سوزان۔ ہارِ اُسی ژَرِ ہٕندی برأنٛتی گوھان تہٕ ژَرِ تہِ اُس تہٕنٛدِ باپتھ واُنٛج زِنتہٕ ڈُبہٕ پھیران۔

ہارِ ہُند بوے طوطہٕ اوس گرفتار گُرِتھ اپور جیل واتناونہٕ آمُت۔ ہأر تہٕ تسُند موٗل مأج واُتی طوطس سٟتی ملاقاتہٕ خاطر اپور۔ ژَرِ ہٕند بوتہِ بوٗز

تہٕ تم تہٕ آے بأژبأژ تمن سمکھنہٕ۔ اکھ أ۪کس گرِکھ نالہٕ مُتی۔ ژٕرِ تہٕ ہارِ اوس اوٗش پھٹان۔ ژٕرِ ہندی مألی ووٚن یمن بہٕ نمہٕ ہو ڈیرس پیٹھ، تتہٕ چُھ جایہٕ ژھوچر۔ پیٹھہٕ چھِ مألکہٕ مکانس ناگوار گوٚھان۔ اَوٕکنہِ آے یم ہوٹلس منز ٹھہراونہٕ۔ ژٕر تہٕ رُکییہ ہارِ ستی۔ ہارِ پزٕ ژُھن یپأرِم حال چال۔ ہارِ ووٚن نس "یارِ گُلبن تہٕ دِوِدارَن پیٹھ چھِ کاو یا ہوٚکران۔ بونہٕ گُلبن پیٹھ چھِ گانٹہٕ اُلی۔ گُگُلہِ چھےٚ دم پھٹِر۔ ویتھہِ ہُند آب تہٕ چُھ گروٚٹ۔ وتن پیٹھ چھےٚ زِندٕ لاشہِ پکان۔ ژوٚنٹھ، ژیرِ تہٕ ژُنٹی گلی ژھوکیاے۔ گامن تہٕ سرین منز چھِ بزٕمجہٕ گُلی کاڈکڈان۔ پوشن چھ ورزٕ واوٕکنی سوٚتہِ ہرد ییوان۔ وبتھہ چھےٚ ہوکھان تہٕ ہیٚنر گرزان۔ أسی چھِ پننہٕ نے گرِ زَن پر باسان۔ وتن پیٹھ چھِ پنزی تہٕ کوچن منز ہوٗنی نوِیا ہتی۔ شُرہن تام چُھ جوٗگ ژامُت۔ ہڑتال تہٕ سرکأری تنبیہہ ستی چھےٚ دِہی ژِھتے"۔ ژٕرِ زن آسنہٕ یم کتھہٕ فِکرے تران۔

ہارِ ہندِس مألس پھٔلی پاد۔ ہارِ تہٕ تسنز ماجہٕ ووٚنُن زِ تُہمہٕ ییٚوٚ مےٚ ستی۔ بُتھہِ چھِ ورٕہلو۔ سُہ روٗد جیلہٕ پتہٕ جیلہٕ پھیران۔ کہوتام گوو ملاقات۔ اَمہٕ پتہٕ دژاے سأری گرٕ ٔن۔ تتھے گرٕواتی، سأری حق ہمسایہٕ تہٕ رشتہٕ دار آے ملاقاتس۔ کاکہٕ دبدٕ رٔٹ ہأر نالہٕ متہٕ تہٕ پزٕ ژُھنس تلے

پنُنہٕ وبسہِ ژٔرِ ہنز کتھاہ تہٕ بوزناو۔ بیہِ ونتہٕ اَ پاُرِم خبراہ۔ ہارِ وون نَس ژٔرتہٕ ہے چھےٚ زنہٕ ژھبتہٕ گمٕژ۔ تمی سندی مالِن وون ''أسی ژٔری بٕگی یپور۔ وٕن گوو شُکر چھُ، شامس چھِ ژٔرییہٕ سِنہٕ بتہٕ کھیوان۔ شُری تہٕ چھِ سکول گژھان۔ تُہندی پاٹھی چھِنہٕ دوہس دہہِ پھِرِ مران''۔

ژٔرِ نِیہِ نَس ئہ تتہٕ شانتی ہُند گرٕ۔ سارے آسہٕ تَس نٔش گِژھتھ پنُن بوس لوژراوان۔ سو اُس تمن کن داُرِتھ بوزان مگر ونان اُسکھ نہٕ کینہہ۔ بیاکھ ژٔنی آیہِ دوپنس ''کاشی ناتھ گوو سورگہٕ باش۔ پریم ناتھس پوریاو تاو تہٕ چھُ ہسپتال داُخل کرنہٕ آمُت۔ نوش کٔر چھِنہٕ داُر ہورِتھ ہبکان۔ یتہٕ چھُنہٕ بازر بنان نیرُن۔ زنانہٕ مرد چھِ اُچھہ پھِری پھِری وُچھان روزان۔ زنتہٕ یمو زانہہ کانہہ آدم زاد وُچھمُت چھُنہٕ۔'' اَمہِ پتہٕ ژٔلیہِ کملا درواز۔ وونُن '' ئہ دژٔ ایس سبزی اَننہِ بازر۔ ریڈواُلس دوپُم ژٔ تول سأ مونجہِ ہاکھ اکھ کلٔو۔ تمی ژوٹ ہاکھ تہٕ تروٚوُن ژھوٹہٕ بورِ منز تہٕ مونجہِ پلناوبن مےٚ گُن۔ مےٚ دوپمس ہتہٕ با یہِ کیا چھکھ کران؟ ہاکھ تژاو یٔزری۔ تمی دوپ یہِ کھِمن ژھاوجہِ سے وونمس ژٔ دِ یٔزری۔ پتہٕ روژُم پھوٗل گوبی اکھ کلٔو تہٕ اولٔو کلٔو۔ ریڈواُلی دوپنم کسی کی شادی ہے کیا ؟ دوپمس نہ با۔ خاُرسان چھےٚ عیال باُری''۔

اِتھے کن آیہٕ بیاکھ ژٕنی۔ دوپُن "نچہٕ چھُ یوٗان رِشتہٕ۔ اَزکُس چھُ وٕں ذاتھ تہٕ ذاتھ وُچھان۔ لٔڑکہٕ ہے میلہٕ سہٕ چھُ قسمتھ۔ مگر دپان چھُس کیاہ کرٕ۔ مکان مالِکھ چھُنہٕ درواز تھاونہٕ دِوان۔ تَس اگر پتہٕ لگہٕ زِ مےٚ تہٕ چھُ پینشن تران، سہٕ ہُرراوِ کرایس روپیہٕ ساس۔ ڈھیرٕ واوک زَن چھُ شُربوتہٕ ہیوتمُت۔ ووُدنہٕ منزٕ چھُ اُسن یوان۔ گرٕ جی اوس نکس پرٕژھان زِ رام ژٕندرکیاز دژاو گرٕ؟ نکن دوپنس تُمی آسہٕ ہےنہٕ کرایی دِژہو"۔ شانتی اُس سارنے ہُند بوزان تہٕ تمن ونان زِ دَیس پتھ تھاوِو بھروسہٕ۔ سو اُس دوہس اِتھے کن بوزان روزان۔ شامن اُس شانتی زنتہٕ ژِھنِتھ پیوان۔ اکہٕ دوہ چھےٚ شانتی ہنز نوش تُمس ونان، "تُہۍ مہراہ چھِو دوہس ژٕھنِتھ پیوان۔ صحت تہٕ گوو خراب۔ تُہۍ اگر میون بوٗزِو، یہٕ سِلسلہٕ گرِو بند"۔ شانتی دیُت لوٚتے جواب زِ "یتہٕ کُس بوزِ یمن۔ یتہٕ زبان، مزاز، لُکھ تہٕ آب وہوا چھُ بدل۔ یمہٕ چھےٚ پرٕژھینہٕ تہٕ چھےٚ اَسہٕ پُنٕن زانان۔ اگر اَسی تہٕ دَکہٕ دِموکھ، یِم کوٚت گوٚھن؟ اَسی چھنہٕ یمن ہندی مسلہٕ حل کرِتھ ہیکان۔ وٕں گوو سانہٕ بوزنہٕ ستی چھُ یمن دِلک بار لوتان تہٕ یِم چھےٚ زندٕ روزنک حوصلہٕ پرٛاوان"۔

تمہٕ پتہٕ دوہ ہے مگر اُمنہٕ چھ اُسکھ گوٚھان۔ اَوٕ کنی کوٚرُکھ فاصلہٕ زِ

بربوارِ دوہ آسہٕ منڈلی لگان۔ سارے آسہٕ یِوان۔ کتھاہ باتھاہ کران تہٕ
لیلا، بجن تہٕ باُتھ تہِ وَنان۔ یم آسہٕ شیر چایہِ کھوساہ چوان تہٕ خوشی سان
پَنُنہٕ عِبن ڈھیرَن گَن نیران۔ بیہِ واُژ بربوار۔ شانتی ہندِ گرِ ئج بیہِ منڈلی۔
پنجابس منز روزَن واجنی بلی اُس پننہِ بیٚنہِ نِش آمُت۔ سوتہِ گیہِ اَتھ منڈلی منز
شامِل۔ تمہِ ووٚن زِ "پٹیالس منز نہٕ چھُ ہاکھ بنان، نہٕ ہوگاڑ تہٕ نہٕ ندرُی۔
دَے کرِن کاکاجیَس رُت۔ تمی چھُ چھتس پیٹھ گملن منز ہاکھ لوگمُت۔ مُنزی
مُنزی چھُ صُبحاے دروازَس ٹُھک دِتھ سلام کران، ہاکہٕ ٹھیلہٕ پِلناوان تہٕ
سارِنی ہنز شیٚچھ خبر بوزناوِتھ برونہہ گَن نیران۔ زارہٕ پارہٕ چھِس کران اندر
اَژھتہٕ مگر سُہ چھُنہٕ قدم تہِ ٹُھہراوان۔ دپان چھُ وِنکین گوو ژیر، بیہِ
چُھم دوان ترٚبن جاین واتُن۔ تمی ہندی کِنی چھِ کُنہِ کُنہِ ہاکس بُتھ وُچھان"۔
بزرگ گیتایہِ ووٚن "یمن پنجابین ہنز کتھ چھا فِکرِ تران۔ یم رُوٚدی اَڈٕ گلی۔
صرف چھِ پاُرِم وَنان۔ واُنی اَسہِ روو چُری گَش تہٕ پنُن بول بوش۔ دیو
مالایہ تہٕ پُری یہِ کتھہٕ چَھم سیٚنس منزٕ وٹسی گمٕژ۔ یمن چُھنہٕ بوزَن
ووٚلے کانہہ۔ یَتہِ چھِ اَچھر تہِ بدلے" ہاُر اُس یِی بوزناوان تہٕ کاکہٕ
دبہِ ترٚوو زِیوٚٹھ وشا تہٕ وُنُن ژٕرِ تہِ اُسن خاُر تہٕ اَسہِ لُسن پنٕنی ہاُر۔

# ۳۸۔ پڑھ

طوطہٕ اوس ہارِ ہُند لوکُٹ بوے۔ یِہُند مول اوس کران چھانہٕ کأم۔ مأج اُسِکھ دوہَے شامن ڈلیل بوزناوان۔ پادشاہ کتھہٕ آسکھ خوش کران۔ ژوٗرِ ہنز ڈلیل بوٗزِتھ اوس طوطہٕ رنگہٕ رنگہٕ سوال پرٕژھان۔ محلہٕ کین شُرِ ہِنٛزِ اوس رِنٛدان دروکان، آتالہِ تہٕ ژھیٚنٛپہٕ ژوٗرِس رِنٛدان۔ مگر طوطہٕ اوس ژوٗرن ہُند ناو بوٗزِتھے ہوٗدن اژان۔ اکہِ دوہ اُسی اکہِ ہمسایہِ گرِکی سأری بأژ سالس گمتی۔ تمِس ییلہِ اَندی پکی ہمسایہِ ہُشار گے تہٕ وُچھکھ زِ اتھ ہمسایہِ گرس چھیٚ سن لُجمٕو۔ سأری ہیٚ گوو تمبہہ۔ ژوٗرو اُس گرِچ سأرِے گروٚیٹھ ژوٗرِ نِمٕو۔ ہمسایہِ ییلہِ گرِ آے، تمو وُچھ زِ ژوٗرو اوس سورُے کینٛہہ صاف کوٗرمُت۔ بانہٕ بٹھہٕ، اوٹ، تومُل، گوگجہٕ آرٕ، اَلہٕ ہچہٕ تہٕ نوٗن تیل تام اوسُکھ رٕنیوٗمُت۔ پُلسہٕ آو تہٕ کوٗرُن تفتیش شروٗع۔ طوطنی مالی اَنی اَمہِ گرِکی لوکٕٹی شُری تہٕ بُنی پنٛن گرِ تہٕ کھیٚیٚ وٕنی چاوٕنی۔ حفاظتی اہلکار اُسی وتن پیٹھ گشت کران۔ یہِ وُچھِت چھُ طوطہٕ مألِس پرٕژھان زِ ییم کیازِ چھِ پھیران؟ مول چھُس جواب دِوان زِ ییم

چھِ سانہِ حفاظتہٕ خاطرٕ گشت کران تہٕ ژۄرن پیٹھ نظر گزر تھاوان۔ یہٕ بۄزِتھ گوو طوطہٕ نِس دِلس منز یِمَن حفاظتی اہلکارن ہندِ خاطرٕ عزت تہٕ احترامُک جذبہٕ پٲدٕ۔ اکِہ طرفہٕ اوٗسُس ژۄرن ہُند پھِرٕٹھ۔ مگر بیکہِ طرفہٕ گوٚس شوق زِ سہ بنہِ اکھ حفاظتی اہلکار۔ پولیسن کٔری کیٚنہہ شک آور نفر گرفتار۔ تِم آے ژۄرِ ہندِس الزامس تحت عدالتس برونہہ کنہِ پیش کرنہٕ۔ مگر اکِہ ۆہرٕ پتہٕ چھےٚ عدالت ناکٲفی ثبوتن ہنزِ بُنیادِ پیٹھ تِمَن بری کران۔

اکِہ دوہ اوس ہارِ ہُند بہہ ۆہُر بوے طوطہٕ پننِہ ٹیٚمن یارن ستی کرکٹ گِنداں۔ بالِہ آیہ ہٹ تہٕ سو واژ حفاظتی علاقس منز۔ اَمی بہانہٕ آے طوطہٕ تہٕ تسندی زٕ ستی باج گرفتار کٔرِتھ اپور جیل واتناونہٕ۔ زنانو تہٕ مردو کوٚر احتجاج مگر تِمَن آے گوڑ دِگنہٕ۔ بےٚ بۄج شہرٕس منز بۄزنہٕ کانٛسہِ۔ ہٲرٕ تہٕ تسند مول ماج وٲتی طوطس ژھانڈان ژھانڈان اپور۔ طوطہٕ نِس مٲلِس پھُٹلی پاد۔ سہ رۄد جیلہِ پتہٕ جیلہٕ پھیران تہٕ وقتہٕ کیٚن حاکمن زارٕ پارٕ کران۔ اَخر دوہس زِ طوطس چھُ ایکٹ لاگنہٕ آمُت تہٕ تَس چھُنہٕ یِلہٕ گرٕ ہنگ کانہہ اِمکان۔ سٲری گےٚ مایوٗس تہٕ لٔگی گرٕ گٔژھن واپس نیرنہِ۔ یِم وٲتی گرٕ۔ دوہ دوہ گوو گژھان۔ سارِنٕے اوس بےٚ گناہ تہٕ معصوٗم طوطن تہٕ تٔمی ہندِ بن ستی باجن ہُند پھیران۔

جیلچہِ یتھ بار کہِ منز طوطہٕ تھاونہٕ آمت اوس، تتہٕ اُسی بیہٕ تہٕ واریاہ قٲدی۔ کینٛہہ اُسی بےٚ گناہ تہٕ کینٛہہ اُسی مختلف جُرمو کِنی پنٛن سزا پوٗرٕ کران۔ امہِ بار کہِ ہندی زٕ خدمتگار اُسی ژٔورِ ہندِس جُرمس منز جیل کڑان۔ طوطہٕ اوس شُرآسنہٕ کِنیٚ ہمتھ ہاران تہٕ اوٗش ژھاوان۔ مأژس ماجہ تہٕ بینہ ہُند اوسُس سخ پھیران۔ خدمتگار ژٔور اُسس اوٗش ووتھراوان تہٕ حوصلہٕ دِوان۔ دِلاسہٕ دِوان تہٕ رِگندٕ ناوان۔ اکہِ دوہ گوو اِ ہنزٕ بار کہِ منز روزن وول اکھ قٲدی بیمار۔ تَس پیو خوٗنک ضرورت۔ یمَو ژٔورَو دِیُت تمِ سُند زُو بچاونہٕ خاطرٕ خوٗنک عطیہٕ۔ یمَو سارِوٕ حالاتَو کِنی بدلیاو ژٔورَن متعلق طوطن نظریہٕ۔ اُمِس گوو ژٔورن ہُند خوف دوٗر تہٕ زوٗنن زِ یمَن منز تہٕ ہیکہِ رٕژر اُستھ۔ جیلس منز اوس بیاکھ غریب بچہٕ دویَو وٕریَو پیٹھہٕ بند۔ یہٕ اوس قلندر ناوِکی اَکی پُلسہٕ اہلکارن ہمسایہٕ سِندِ بدلہٕ تُھتھ اونمت۔ لُکھ اُسی تَس پُلسہٕ اہلِ کارس پوت پادشاہس کلینڈر صاب ونان۔

شمن وٕرِ ین وُتھنہٕ کانہہ پرُسان۔ شِیہٕ وٕہری پتہٕ چھِ عدالت طوطس ضمانتس پیٹھ یلہٕ ژھاوان۔ مگر پولیس چھ اَمِس جیلہِ کہِ دروازٕ پیٹھہٕ دُبارٕ گرفتار کران۔ امہِ پتہٕ رٔود پولیس اَمِس عدالتس منز پیشی خاطرٕ انان تہٕ بیہٕ واپس جیل واتناوان۔ ژورِ وٕہری پتہٕ چھےٚ عدالت طوطس

باعزت بری کران۔ طوطہٕ ووت گرٕ۔ مأل۪ی ماجہِ روٹ نالہٕ متہٕ۔ أمی سٕنز بینہٕ

ہأر تہٕ گیہٕ خوش۔ ہمسایَو تہٕ اُشناوو تہٕ کور مُبارک۔ جیلہٕ منز واپس نیرتھ

اوس وِں حفاظتی اہلکارن متعلق تہٕ طوطُن تصور بدلیامُت۔ تِمَس اُسی نہٕ

وِں تِم رفیق تہٕ مددگار باسان۔ تِم اُسی اَمِس نزدیک ظالم تہٕ جابر۔

یہِ اوس اکثر جیلہٕ کِنی ژۄرن ہِندی تعریف کران۔

طوطنی وانس اُس وِں زتووہ وُری۔ لوکچار گوس جیلہٕ بُزی تہٕ

ضایہٕ۔ یہِ اوسنہٕ کُنہِ لائق روٗدمُت۔ نہٕ اُسس تعلیم تہٕ نہٕ کار کسب۔

أمی سُند مول تہٕ اوس صحتہٕ کِنی کمزور گومُت۔ وِں اوسنہٕ چھانہٕ کامہِ نیران۔

طوطنہِ ماجہِ اوس طوطہٕ نِس غمس منز أچھن ہُند گاش سوتیامُت۔ ہأر اُس

مأنزِ اَتھہٕ دأرِتھ۔ گرٕ اوس قرضن وولمُت۔ یِم سأری حالات وُچھِتھ چھُ

طوطہٕ پریشان گوھان۔ مگر ہمتھ ہأرن نہٕ۔ یہِ لوٗگ مزوٗری کرنہِ۔ یہِ اوس

پابندی سان کامہِ پیٹھ واتان تہٕ ایماندأری سان کأم کٔرِتھ وقتس پیٹھ

واپس نیران۔ ہأرِ خأطر روٗد رشتہٕ ژھانڈان۔ مگر پزٕتھ کانہہ اوس یہِ

وُنِتھ پتھ ہوان زِ ہأرِ ہُند بوے چھُ مزوٗر۔

اکہِ دوہ ووٗنس مأل۪ی زِ ژٕ ییلہِ لوٗگُت اوسکھ، ژٕ اوسکھ ژۄرن

ہُند ناو بوٗزی تھے سخ کھوژان۔ وُنان اوسکھ زِ بٔہ بنہٕ حفاظتی اہلکار تہٕ

رٹکھ سأری ژۄر۔ اَز چھےٚ حفاظتی اہلکارن لاگنہٕ خأطر بھرتی چیلان۔ چھُنا صلاح زِ ژٕتہِ دِکھ درخواست۔ طوطن دِتُس جواب ''نہٕ مےٚ وُٗژھ اَتھ کارس پیٹھ پژھ۔ وِل چھُس نہٕ ئہٕ ژۄرن کھوژان بلکہٕ چھُم حفاظتی اہلکارن ہُند پھرژٕھ۔



# ۳۹۔ کھوژبُڈ

دٕپان أسِس اوس ہوٗر گوٗڈھن۔ وَتھ أسِس جنگلہٕ منٛزی۔ پیٛٹھہٕ اوس یہِ کھوژبُڈ۔ ماجہِ پرٛژھن ئہ کیاہ کرٕ۔ تمہِ وونُس ژٕ نیر خدایَس حوالہٕ۔ ییٚلہِ جنگلہٕ منٛزی نیرَکھ، ژٕ رٔوزی زِ کران ٹھہ ٹھہ۔ جنگلَس منٛز اُس أکی شِکأری والہٕ واُش لأجمٕو۔ أسی ہِندِ ٹھہ ٹھہ کرنہٕ ستی ژٕلی ساٗری جاناوَر۔ شِکأری دِتی أسِس چوب۔ وونُس یہِ مہٕ وَن۔ أسی پرٛژھنَس تیٚلہِ کیاہ وَنہٕ؟ شِکأری وونُس، ژٕ وَن ؤلی وو تہٕ لٔگی وو۔ لوٚس چھُ یِی وَنان تہٕ پکان۔ بُتھہِ اُسی ژوٗر پکان۔ یِمَن آیہِ ؤلی وو تہٕ لٔگی وو بوٗزِتھ ژٕکھ۔ یِمَو روٚٹ تہٕ لویہِ ہَس۔ دوٚپہَس یہِ مہٕ آس وَنان۔ اَمہِ ستی چھےٚ اَسہِ شِگ یِوان۔ أسی پرٛژھنکھ، تیٚلہِ کیاہ وَنہٕ؟ ژوٗرَو دوٚپہَس ژٕ وَن، اَکھ لاکھ ترٛاوِتھ بیاکھ لاکھ أنی وو۔ لوٚس چھُ یِی وَنان تہٕ پکان۔ وَتہِ اُس لٔگہٕ جماتھاہ پکان۔ یِمو اُسی مورِدٕ پکناوان۔ یِمَو روٚٹ تہٕ دِتی ہَس چوب۔ وون ہَس یہِ مہٕ آس وَنان، یہِ گوٚو ووہَو۔ أسی پرٛژھنکھ تیٚلہِ کیاہ وَنہٕ؟ دوٚپہَس ژٕ وَن، یہِ مہٕ پیٚژھن، یہِ مہٕ پیٚژھن۔

لوٚس چھُ یِ وَنان تہٕ پکان۔ اوٕر اوس اَکھ بادشاہ پنٕہ نِس شہزادٕ سُند

بینٕہِ وول ہٹھ پکان۔ سالرَن آیہٕ ٲسی ہنز کتھہٕ بوٗزِتھ ژَکھ۔ یمو روٹ تہٕ

دِتی ہَس چوب۔ دوٕ پہس ژوَن لۆک چھی تہٕ بڑٕ نَے۔ لوٚس چھُ یِ ونان

تہٕ پکان۔ وتہٕ اوس اکھ بمار کربکہٕ دِوان۔ تس اوس بدنس پیٹھ پھلی

دژا مُت۔ لۆک چھی تہٕ بڑٕ نَے بوٗزِتھ آیہٕ تَس ژکھ۔ تُمی تہٕ پڑٕنس

وٲہی تباٰہی۔ ٲسی ہوٗنَس معاٰفی تہٕ وون نَس پَنُن سورُے حال۔ اُمِس

آو ٲسی سُند سہزر وُچھِتھ عار تہٕ وون نَس۔

ژھوپہٕ چھے روپہٕ ہنز

کرٕ گھے تہٕ سونہٕ ہنز

کھو ژُن ترٛاو

تہٕ ہمتھ تھاو

لوٚس چھُ وِں ژھوپہٕ دم گرِتھ بروٗنہہ کُن پکان۔ قدماہ قدماہ

دِوان تہٕ ووت یہٕ ہوٗور۔ تمو کورہس جان عزت۔ چاے، قہوٕ چووُکھ تہٕ

باُقر کھانہٕ کھیوُکھ۔ شام ووت تہٕ زولُکھ ژونگ۔ خوفتن پتہٕ شوٗرُکھ بتہٕ۔

دسترخوان ترٛوُکھ۔ ٲسِس تہٕ تِسندِس ہہرٕ بابس شوٗرُکھ اُکی ہے ترٛامہِ منز

بتہٕ۔ یمو ہیوٚت بتہٕ کھیون۔ ہتی پوٚ ٲسِس یاد زِ مےٚ چھُ ماجہِ وونمت

''میے رکھو اَئی زِ تورِ ناٹھِ ہن''۔ تژا مہِ پیٹھ اوس آنحارلوٹ، مُجہ ژیوٹ، سالہِ پیٹھہِ اونمت کباب تہٕ کوکر ناٹھِ ہن۔ یہِ چھ گوڈنکِس فُرصتس منز کاروائی گرِتھ ساری خطرٕ ٹالان۔ آنحارلوٹ تژووُن ہہرِ بابس۔ پانہٕ کوژن کوکرناٹھِ ژوپ۔ کبابس دِژن ژہہ تہٕ تھووُن نہٕ کانسہِ لائق۔ لوس تُلہِ ہے سورُے مگر برونہہ کنہٕ اوُسس ہہرِ بابہٕ۔ اَوِ کنی گیس مندَ چھ۔ یہِ اوس موقعس پژاران۔ ہہرِ بابن تہِ لوگنہٕ آنحارس تہٕ مُجہ ژیٹھِ ورأے گُنہ تہٕ اَتھہٕ۔

یمو موکلوو نصف کھوتہٕ زیادٕ بتہٕ کھبتھ۔ وِں تژووُکھ بتس پیٹھ بوژبوژ تہٕ گول گرم گوشتاب۔ لُسی سونچ زِ وِں چھے یہِ اٰخری باز۔ یہِ چھ پَنُنی ژادرِ لونٹھ نکھس پیٹھ تژاوان۔ یہِ وُدِجن تیٖو زورسان زِ اٰمچ ژھٹھ آیہِ ژامنِکس تہٕ یہِ گوو ژھبتہٕ۔ لوس چھ اٰمہِ اَنہِ گٹیک فائیدٕ تُلِتھ تژامہِ پیٹھہٕ گوشتابہٕ تُلان۔ وِں چھ اَتھ ژھایہِ تھاونچ کوشش کران۔ یہِ چھ برونہہ کنہِ تھاونہٕ آمِو دودٕوارِ منز گوشتابہٕ تژاوان۔ مگر اَمِس گوو دودٕوارِ منزٕ ے اتھہٕ بند تہٕ یہِ چھ اَتھہٕ نبر کڈنچ زبردست کوشش کران۔ یہِ چھ اتھہٕ دِنان تہٕ دِنان یُس ہہرِ بابنِس کلس ستی ٹھاسنہٕ آو۔ اَمی سندی ہہرِ بابن وِژ کرِبکھ'' ہا خدایو، کمی تام بلایہِ ہا پھاٹوٚنم کلہٕ''۔ لوس چھ ونان مےٗ تہِ کھیون اتھہٕ۔

تتھ پتس کالس زولکھ ژونگ تہٕ بلاے تہٕ گیہ غائب۔ ہہر بابہ اوس کلس موٗٹھ دِوان۔ لوٚس اوس ژادرِ تل اتھہٕ تھاوِتھ۔ ہش گیہ پریشان۔ خاندارس ہٕتنہٕ پھنبہٕ ٹکور کرنی۔ زامترِس پرٕ ژٕھن ژے ما آے اتھس رَتھ۔ ماجِ لجی بلایہٕ۔ اتھہٕ ہاوتہٕ یوٗگن۔ لوٚس ووشلیاو تہٕ کوٚژن اتھہٕ نبر۔ یہ اوس دوٕ وارِ منز بند۔ اتھ وارِ ترٕووکھ کا ژوٹک ٹاس تہٕ دوٕ وارِ گیہ ترٕ وٕپہٕ۔ اتھہٕ گوو آزاد مگر گوشتابن کھیٚیہٕ ژِھیٚتھ۔ یہ ووت ڈُلوان ڈُلوان تہٕ روٗد داں لوٗپنس ژھایہٕ۔ ہٕبری کنی آو ہوٗبن ژھیٚتھ کھیمتہٕ گوشتابک مُشِک تہٕ تم گئے گرس نبرٕ کنہٕ جمع۔ یم روٗدی ووران، منزٕ ژھوپہ کران تہٕ بیہ ووران۔ اُسی سوٗنچ زِ یم ہوٕری چھنہٕ مےٚ پانہٕ کینہہ ونان۔ مگر ہٕبری کنی چھم ہوٗبن اتھہِ واُہی تباُہی وناوان۔ لوٚس چُھ ہہر بابس گن ونان، یمن ہوٗبن گری تَو لار۔ تمی ووننس یم چھِ نامدار۔ یمن بُتھہِ لگُن چُھنہٕ سہل۔ وٕل گوو ٲژہلی تہٕ چھِ۔ پتن پرٕ ژوک وُچھِتھ چھکھ بوکہٕ ہُنان۔

وٕل ووت شونگنک وق۔ لِس آو گانس نکھے کُٹھس منز اُکس چارپایہ پٹھ بستر ترٕاونہٕ۔ گانس منز اُسی اُکتھ گن کھ دَہ ترٕ ہ تہٕ بیہ اوس کٹن ہُند ییر ڈیرس۔ لِس کھتی سے تہٕ لُجس سارِسے پانس سَسَر۔ تام پیہ اُمِس طاقچس پٹھ تھاونہٕ آمژ مانچھ بوتلہِ پٹھ نظر۔ لُسی کھو مانچھ تہٕ

بیہِ گٲرِن ساٗری سٕے پانس اٲچھ مائٹلش۔ وِن ٲکِس ہتر۔ اَ وٕ کنٕز دِتنٕز کٹہٕ ییرِس منز ڈٕلنٕز تہٕ شوٚنگ۔ نصف راٗژ آے ژوٚر تہٕ ژاے گانس منز۔ یِم لگی وٕنتھی وٕنتھی کٕھ ژارنہِ۔ اکھ ویوٚٹھ کٕھ ژاٗرِتھ کوڈٕکھ نبر۔ کٕھ گوو یاشا گٲرِتھ دوٗن زنگن پپٹھ کھڑا تہٕ لوگ گلی گنڈنہِ۔ ژوٗرن گوو پننٕے پھرٕٹھ تہٕ ژٕلی۔ راتھ گزرییہِ تہٕ سنگرمالن پیو پژاگاش۔ ہٕیری کنٕز گییہِ کربکھ زِ مال دبدِ مویہِ کوٕکر تہٕ سو ترأوکھ ژھوٹہٕ ڈیرِس پپٹھ۔ ہوٗنٕن آو مُشِک تہٕ لارے توٗرِ گٕن۔ ٲسی لوگ کھورِ بانہٕ تہٕ دوپنکھ ییتہِ چھِ حالات خراب۔

ٔبہ نیٖرِ، مےٚ آسہِ مأج پژاران



# ۴۰۔ بابہٕ قاۤدِرُن استان

شب براٲژ اُسی وِنہٕ داہ دوہ زِ شُری دڑاے پرسکی پاٹھی بیہ ہاراہارا کران۔ اَتھن منز اُسکھ تڑاُم تہٕ کارِثواب زاٗنتھ اُسی گرٕپتہٕ گرٕ گوھان تہٕ شب براٲژ ہُند زوٗل کرنہٕ باپتھ لُکن پونسہٕ منگان۔ یِم اُسی ضرورتہٕ مطاۭبق نعرٕ تہٕ دِوان۔ ''اہل تہٕ اہل، اَسہٕ گوِھ تیل۔ اوٗن تہٕ اوٗن، اَسہٕ گوِھ نوٗن۔ ہارا ہارا، تومٕلے خاراہ''۔ یِم اُسی نوٗن، تیل یا تومُل جمع کران۔ دِنہٕ والین اُسی دُعایہٕ خاۤر کران۔ اِنلی آیہ ٹرٹلی ٹاس، خاندارس روپیہٕ ساس۔ حرکت تہٕ حرکت، یَتھ گرس برکت۔ نہٕ دِنہٕ والین اُسی دوہوان۔ اگر مگر، یتھ گرس وٹھی وٹھی گگر۔ اَڈی گرٕ واُلی اُسکھ دٔستی دِوان تہٕ کینہہ اُسی وعدٕ تھاوان۔ یہٕ گرٕپتہٕ گرٕ پھیرنٕچ مہم اُس دِگرٕ پتہٕ شروٗع گوھان۔ تکیازِ تتھس کالس اوس گرٕ والو نوٗن، تیل اونمت آسان۔

شُری اُسی دوہس ژوٗرِس پتھ جمع گوِھتھ تڑاُم تھاوان تہٕ اَپاٗری نیرن والین پونسہٕ منگان۔ پونسہٕ تڑاون والین اُسی سُے دُعا کران، حرکت

تہٕ حرکت، چاےٚنس چندس برکت۔ یُسنہٕ چندٕ منٛز کیٚنہہ کرِ ہے تَس اُسی تنگ کران۔ یہِ وُچھِتھ اُسی لُکھ اکثر وتھ بدلاوِتھ ببکہٕ وَتہٕ نیران۔ تِکیازِ یِم چندٕ واندر اُسی نہٕ کانٛسہِ تہٕ بخشان۔ اکہِ لٹہِ دژاو اپاٚریٚ کنہِ اکھ جان اِنسان۔ نالہٕ اوُسُس کوٹ پتلون۔ منگن وٲلی گَے اَمِس تہٕ اَگادِ۔ اَمی پژھ ژھنگھ، تُمۍ کیازِ چھِو منگان؟ دوہس شب براٚژ ہُند زوٗل چھِ کرُن۔ اَمی نفرن دوپنکھ یہِ چھُ گُناہ تہٕ اَتھ چھُنہٕ کانہہ شرعی جواز۔ گرِھو سبق پرٕو، وق مہٕ گرِو ضایہٕ۔ یہِ وننتھ ہیوت اَمی برونہہ گَن نیرُن۔ منگن والیو شُرو ہیوت وَنُن، یِنو تراٚویون، پتھرٕ پاٚویون، یِنو اِتھہٕ پاٚٹھی کھڑا تھاٚویون۔ یہِ بوٗزِتھ بانبریاو سہٕ نفر تہٕ وونُنکھ نہ نہ تہِ مہٕ گرِو، یِم رٹو پونسہٕ۔ قصبس منز اوس پرٕتھ استانس برونہہ کنہِ یِہے کار چلان۔ مگر ساٚنِس محلس منز اوسنہٕ کانہہ استان۔ اَوِ کنہِ اُسی لُکھ بچنہٕ خاطرٕ یِہے سوال پرٕژھان زِ یتہِ کُس استان چھُ؟ شُری اُسی جواب دِوان "بابہٕ قادِرُن استان"۔ لُکھ اُسی حاران گُوھِتھ پرٕژھان زِ سہٕ کتہِ چھُ؟ شُری اُسی جواب دِوان، یِیلہِ اَسی زوٗل کرو، توہہِ نتہِ پاےٚ۔

شُری روٗدی شب براٚژ دوہ پوٗرٕ دوہس تیاری کران۔ محلک کوچہِ اوس زیوٗٹھ مگر ہنا تنگ پہن۔ دون طرفن اُسی آنگن درواز تہٕ

دوسہٕ۔ سُلہٕ کا کنہِ کُچھِ پتھٕ اَنِھ کوٗڈ لڑی تہٕ تژاُوِکھ یمَن دوسن پتھ اپارِ
یپور۔ شامن ژاُلِکھ یمَن پتھ ژاُنگو تہٕ شمع تہٕ کورُکھ زوٗل۔ کیٚنہہ شُری
اُسی مشالہِ زالان۔ کیٚنہہ اُسی میوٗ تیل چھکِتھ نارٕ مرگولہٕ نوٗ ناوان، یمہِ ستی
واریاہن شُربن نارٕ چھوکھ آے۔ تم آے شفاخانس منز داُخل کرنہٕ۔
کینژون ڈُدی پلو۔ زوٗل اوس چمکان تہٕ اپاُرِ نیرن والی لکھ اُسی یہٕ
حاُراُنی سان پرٛژھان زِ یتہِ کُس استان چھ؟ شُری اُسی اسونہٕ ہونجہٕ
یکوٹہٕ بہ یک زبان تہٕ بڑٕ ہتہِ جواب دِوان، بابہٕ قاُدِرُن استان۔
دراصل یمہِ گرِکی زیادٕ تر شُری اَتھ کارس تھٕر کھالان اُسی، تمہِ
گرِکی باُژ اُسی سبٹھا ظریف۔ قاُدِر کاکھ اوس اَمہِ گرُک زُٹھ، یُس سبٹھا
پُرمغز تہٕ پُرمذاق اوس۔ سُہ زندٕ دِل انسان اوس بومہٕ لدن تہٕ اسناوان۔
گرِکی ساُری شُری اُسی تِمس ونان بابہٕ تہٕ ہمسایہٕ اُسِس ونان قاُدِر کاکھ۔
چوٗنکہِ زوٗل اوس قاُدِر کاکنِس درواژس پتھے کرنہٕ آمُت، توے اُسی شُری
اَتھ تفریحاً بابہٕ قاُدرُن استان ونان۔
شبِ براُژ ہُند زوٗل اوس طیس پتھ تہٕ اچانک گیہ کریکھ زِ
مولوی صاُب تہٕ تِہندی ژاٹھ واُتی ساد صاُبنس استانس پتھ تہٕ آناً فاناً
ساُری شمع ژھبتہٕ گرِتھ دژاے برونہہ کُن۔ مولوی صاُبس اوس نہٕ احترامہٕ

کِنہٕ کانہہ کێنہہ ونان۔ اُڈی شُری گئے قادرکاکس نِش مشورٕ کرنہٕ تہٕ وونہس زِ مولوی صأب تہٕ تِہندی ژاٹھ چھِ زۄلس پێٹھ حملہٕ کرن وألی۔ سُہ چھُ ونان زِ زۄل کرُن چھُ منع۔ قادرکاکن دوپنکھ، ''مولوی صأب چھ پۆزِے ونان۔ پننہٕ تَس بُتھہِ لِگو۔ وِل گوو تِم چھِ لفظن سنان مگر معنی چھُکھ رووِمُت۔ تنہٕ گوو وقاہ یێلہٕ اَسہِ زندگی ہندی رنگ تہٕ معنی وُلِتھ نیکھ۔ اُسی اُسی یِمن مثالن تہٕ زۄلس منز ووشلُن کڈان''۔

بابہٕ قادرٕنہٕ استانکی زۄلہٕ وألی شُری چھِ گوڑٕ پننہٕ بچاوٕ خأطرٕ لورٕ انان۔ مگر ستی گوکھ یہِ احساس زِ زۄلَس چھُ خطرٕ۔ اوٕ کِنہٕ آسے جلدبأزی منز دزٕوِنی ژأنگرٕ تہٕ شمع ہبتھ کوٗٹلرٕ نکھس تِلِتھ آنگنس منز واتناونہٕ۔ بِکہٕ دوہ صُبحن یێلہٕ تِمن زۄلہٕ والین پرٕژھنہٕ آو زِ باقی پونسہٕ کتہِ چھِ؟ وونکھ تِتھ کھوٗ اَسہِ حلوٕ، تِکیا زِ بِکس شب برأژتام گِوھ ہمتھ روزٕنی۔

